ISSN 2249-510X

# کأشِر نظم: بدلوٕنؠ انہار




کأشُر ڈپارٹمنٹ

کشمیر یونیورسٹی، حضرت بل، سرینگر 190006

# انہار

۲۰۱۳ء

کأشِر نظم : بدلوٚنی انہار

نگران

مجروح رشید

ایڈیٹر

قاضی ظہور

معاون

معِراج ترگوی

کأشُر ڈِپارٹمینٹ

کشمیر یونیورسٹی ، حضرت بل سرینگر



## مَجلسِ مَشاورت:

- ○ — پروفیسر رحمٰن راہیؔ — سابق صدر شعبہ کشمیری
- ○ — پروفیسر رشید نازکیؔ — سابق پروفیسر شعبہ کشمیری
- ○ — پروفیسر مرغوبؔ بانہالی — سابق صدر شعبہ کشمیری
- ○ — پروفیسر رتن لال شانت — سابق پروفیسر محکمہ اعلیٰ تعلیم حکومت جموں و کشمیر
- ○ — پروفیسر شفیع شوق — سابق صدر شعبہ کشمیری



## مَجلسِ اِدارت:

- ○ — شادؔ رمضان
- ○ — مَجروحؔ رشید
- ○ — رَتن تلاشی
- ○ — محفوظہ جان



# ترتیب

# پیش لفظ

نظم چھےٚ دوٚنی کاشُر شعرِ اظہارچ اکھ معتبر وسیلہٕ بنیمٕژ تہٕ اَتھ چھےٚ دوٚنی اکھ مستحکم روایت ڈٔکھِ۔ یوٚدوَے نظمہِ ہندی آکار تہٕ انہار اَسہٕ پرانین شاعرن ہندِس کلامس منز ہُتہٕ پیٚتہٕ نظرِ گژھان چھِ تاہم سپٕز نظم حیثیت صنف یٚژمہِ صدی دوران کاشُر شاعری منز اکھ نوٚوِ طرزِ اظہارٕ رنٛگ متعارف تہٕ اُمی اُنی پانس سٟتی نوٚوِ طرزِ اظہارٕ علاوٕ نظمہِ ہندِ ہیٔژ ہندی نوٚوی طرح تہٕ بارسس، یمہٕ سٟتی کاشُر شاعری ہندِس آہنگس منز وسجار تہٕ کشادگی پٲدٕ سپٕز۔

مہجورس یور کن تہٕ ترقی پسند دورٕ منزٕ نیران کرٕی کاشُر نظمہِ موضوع تہٕ ہیٔژ ہندِس سطحس پیٹھ وارِیاہ منزل تہٕ مرحلہٕ طے، یمہِ کِنِ اَتھ نتیجس منز یہِ صنف نوِ شاعری ہُنز اکھ مستند تہٕ معتبر صنف بنیہِ۔ دوٚیم یہِ زِ زمانہٕ کیو سنجیدٕ شاعر دورتاو یہِ بنیٚن رنگارنگ تجربن ہندِ تخلیقی بازیافت تماکٕ اعتمادٕ سان۔ نتیجہِ درٲو زِ کاشُر ہندِس تخیلی اُفقس لٕج

سوتۍ لۍ پھلے ۔ عبدالاحد آزاد ، دینا ناتھ نادم ، رحمان راہی، امین کامل، غلام نبی فراق ، غلام نبی خیال ،مظفر عازم ، رشید نازکی ، مرغوب بانہالی، شفیع شوق تہٕ دٔیمو اہم کاشُر لوٗ شاعر ویچھ ترتھ نظمہٕ یموٚ ستۍ کاشرِ شاعری منز نوٚ آگہی ہُند گاش بھرپوٗر اندازس منز پھوٚل تہٕ اکھ نوٚ یہٕ شعر مزاژ پھانپھلیو ویمۍ نوٚ پیٚہ ہٕندۍن شاعرن اظہارچہٕ نوٚ وَتہٕ آیہٕ تَن تھاوِ۔

کاشرِس منز نظم متعارف سپدنہٕ کِس نتیجس منز سپد کاشرِ شاعری اکھ قابلِ قدر اضافہٕ یُس تہٕ وُنیک تام موٚلو تہٕ اوس آمُت ۔ کاشرِ نظمہِ ہنز یہے اہمیت نظرِ تل تھاوِتھ کوٚر کاشرِ شعبن پرُس " کاشر نظم: بدلوٚنی اہہار ،، عنوانس تحت اکھ سیمنارُک انعقاد یُتھ منز وارِیاہ مقالہٕ پیش آیہٕ کرنہٕ ۔ اہہارکِس اَزِکِس شمارس منز چھِ مذکورہ سیمنارکۍ بہترین مقالہٕ شامل کرنہٕ آمتۍ ۔

مَجروٗح رَشید
صدرِ شعبہ کشمیری

# کلیدی خُطبہٕ

شفیع شوق

کانہہ تہِ ادبی صنف چھےٚ پننہِ، مدِ مقابل (binary opposite) کہ نسبتہ پرزناونہٕ تہٕ مولانکونہٕ یِوان۔ چونکہ ہیتی اعتبارٕ چھُنہٕ نظم کانہہ قاعدٕ بند صنف، یہِ چھُ صرف تہٕ صرف غزٕل اکہ بیوٚن شعری صنفہٕ رٕنگی وجوٗدس منز یِنہٕ کِنیٚ اکھ الگ شعری صنف مانٕنہٕ آمُت، ورنہ چھےٚ غزٕلہٕ ورٲے سارےٚ صنفہٕ نظم: واکھ، شرکی، وژن، مثنوی، ژریتھ، سراپا، قصیدٕ، منقبت، نعت، نامہٕ، پابند نظم، آزاد نظم، نثری نظم، ہایکو، سانیٹ بیترِ چھِ نظمکی قسم۔ اوٚکنیٚ چھِ نظمکی شناختی اظہار تیٚلی بدٕ کڈٕنی ممکن ییٚلہِ اَسہٕ غزٕلکہِ ہیٚتریاتہٕ سام ہیمَو:

ا۔ غزٕلک بنیادی یونٹ یا اکایی چھُ دوٚن مصرعن پیٹھ مشتمل شعر، ییٚلہِ زن نظم اندہٕ وٚند وحدت چھُ۔

۱۱۔ غزلک شعر چھُ تجربک مُرتّب خلاصہ / ہر تریا جوہر، یێلہِ زن نظم چھُ تجربہ کہ ساختُک متبادل لسانی ساخت۔

۱۱۱۔ غزلس منز نہ چھُ کمیتی تہٕ نہ معیاری فروغ ضروٗری، یێلہِ زن نظمس منز اکہ نقطہٕ پیٹھٕ بێیس نقطس تام حرکت آسنہٕ کنہِ فروغ آسُن ضروٗری چھُ۔

۱۷۔ غزلہٕ باپتھ چھُ شاعرانہٕ زبانہِ ہُند احترام ضروری، یێلہِ زن نظمہِ باپتھ شاعرانہٕ تہٕ غار شاعرانہٕ بھیر کانہہ وقعت چھُنہٕ تھوان۔

۷۔ غزلس منز چھُ صنایع معنوی، صنایع لفظی، عروٗض تہٕ بلاغتُک علم (یا اتھ منز تربیت) لازمی یێلہِ زن نظمہِ باپتھ کُنہِ مخصوص تجربس ستۍ ذہنی، نفسیاتی یا سماجی وابستگی ضروری چھےٚ یوسہٕ یا دہ تہٕ بجایہِ تشبیہن ہندِس پیش منظرس منز درشاوہٕ آسہِ آمژ۔

یہ چونکہ غزل آو کتوٗہمہِ صدی منز بارسس، نظمُک موجود آسُن چھُ کاشرِ شاعری ہندِ آدن کالہ پیٹھے تسلیم کرُن۔ ہٕمہِ صدی منز شِتی کانٹھ ہند "مہانے پرکاشہٕ" یتہٕ واکھ، شُرکۍ، وژن پد، نامہٕ، مثنوی، مرثیہ، مسدس، مخمس، مثمن بیترِ صنفہٕ

چھِنے کاشُر نظمِچ رٕوایت ۔ اَتھ رٕوایژ منز اوس زندگیہٕ ہُند میوٚ افراط تہٕ اظہارک موٚ کجار ۔ شاعرس اوس سری، اساطیری، ہزلی، مدحی، عشقیہ، بہاریہ، ماتم، ہیہات ۔ غرض پرتھ کُنہِ قسمُک موضوع تُلنُک تہٕ تمی مطابق ہیئت ژارنُک اختیار ۔

امہِ رٕوایژ ہُند نظم چھُ کاشرس منز گوڈٕ بیٹھے موجود تہٕ زبردست پاٹھی موجود ۔ امکی کیہنہ لاثانی تہٕ پوشہٕ وٕنی شاہکار چھِ صوفی شاعرن ہندی تخلیق ۔ "تمثیلِ آدم"، 'منصوٗر نامہ' (محمود گامی) 'دیوس تہٕ دوٚیم' (سوچھ کرال)، 'کاشُر منطق الطیر'، (مومن صاحب)، 'شُنیہ یاہ گژھتھ' (شمس فقیر)، 'شش رنگ' (رحمان ڈار)، 'پہلہِ نامہ' (مقبول امرتسری)، 'نے' (وہاب کھار) نظم چھِ اعلیٰ شاعری ہندی بہترین نموٗنہٕ ۔ امکی کیہنہ سیٹھے ثاری مندی نموٗنہٕ چھِ لکہٕ شاعری منز ۔ یاونو نامعلوم شاعرن ہندِس کلامس منز تہٕ ۔ مثلاً "پہلہِ کوٗر ۔

وُہمہِ صدی ہندِس ژوٗرِمس دہلس منز مہجورنی کیہنہ نظم، (مثلاً 'گریسہِ کوٗر' تہٕ 'یمبرزل') چھِ امہِ رٕوایژ ہندِ ہن حدن اندر اندر آسِتھ تہٕ نظمہِ کہِ نوِ دورٕچ بشارت ۔

ییلہِ کاشرس نظمس منز اردو نظمہِ کہِ وساطتہٕ ہیئژ ہندِ نوِ تصور، مطابق عبدالاحد آزادن سماجی، سیاسی شعوٗر وُزناوتہٕ کہِ غرضہٕ فطری

منظرن ہنز عکاسی کران انسانی زندگیہ ہنز ترجمانی کرتھ بیٚیہ
کاشرِ کور آہنگ ورتاوتھ۔ اَمہِ بیٚیہ نوٚو استعارہ تہٕ نظم بندی
ہندی نوٚو طریقہٕ ورتاوی، سُہ بنیوو نوٚو نظمُک مجدد۔ روایتی نظمہِ
ہُند کمیتی فروغ قایم تھاوتھ تہٕ چھُ آزاد نظمن منز عصری آگہی ہُند
اظہار۔ 'دریاو'، 'پانژادر'، 'آرِ ول'، 'شکوۂ کشمیر'، 'یاوُن'، 'عید'
ہیوٚی نظم چھِ اَمہِ ترایہ ہندی بہترین نظم۔ تمُ سُند نظم اوس وژتھ کہ
غلبہٕ نشہٕ نیرنچ گوڈنچ کامیاب کوشش۔

۱۹۵۰ء پتہٕ پیٚیہ کاشرین شاعرن مطالعہ کہ ذریعہ انگریزی نظمہِ
کس تصورس سیتی شناسایی سپز، نظمکی ہیتی تہٕ اسلوبی معیار آیہ بارس۔
آزاد نظم، معرا نظم، سانیٹ تہٕ شبیہی نظم لیکھنکی تجربہ سپدی سٹھاہ
مقبول۔ یم تجربہ آیہ نہٕ محض تجربہ پسندی ہندِ شوقہٕ کرتھ آمتی بلکہ امُو
حساگہی ہندِ عام سپدنُک نتیجہ۔ اَمہِ نوٚ مزاجکی کیہنہ یادگار نظم چھِنے:
'بُرژھن چھم'، 'زوٗن کھژ ژوٹ ہش'، 'بہارس کُن'، 'گلالہ تہٕ شاعر'،
'منے چھم آش بیکھ' (دینا ناتھ نادم)، 'میتہٕ باسیو وانہٕ گنڈ منز۔ نوٗراہ'،
'گنڈ تہٕ گاش'، 'ویشاکھی تہٕ رنگر'، 'سوتہٕ لانکہ پیٹھ' (رحمان راہی)
جوش جنون' (نور محمد روشن)، 'ساقی نامہ'، 'انسانہٕ سُند ترانہ'
(امین کامل)، 'ناتیاری'، 'گرناوِ تار کھنا الور!' ونن منز۔ لالہٕ ماسٹر

زنہٕ کول)، 'زندہ باد عاصی!' (نندلال انبار دار)، 'بلبلس کُن، وحسن ہر زنگس منز' (غلام نبی فراق)، 'رکھشا وولاہ' (ترلوکی ناتھ کندن) 'عازم چھُ فقط لول' (مظفر عازم) بیتر۔

اَتھ دورس منز۔ اوس انگریزی شاعرن ہٕنہ نوین اردو شاعرن ہُند تیوٗت سرٕون اثر زِ کیہنہ نظم چھِ مِلٹن، وآرڈز ورتھ، کولرج، اقبال، فیض، ن، م، راشد، میراجی، جاں نثار اختر، سردار جعفری بیتر شاعرن ہٕندین نظمن ہٕندی نوٕی رِچھ باسان۔ ہٕنہ کینژ شاعر وکوٗر مشہوٗر انگریزی نظمن ہُنز پاٹھی ترجمہ یموٚ سٕتی کاشر نظم متاثر سپُد۔

نظمِ ہُند جدید تصور یوٚدوَے از بروٚنہہ ڈٕہ ڈٕہ ہتھ وری ایڈگر ایلن پو (Edgar AllanPoe) ہن دیتمُت اوس تہٕ ییٚمہ فرانسیسی علامت پسند زبردست متاثر کٔرۍ، مگر کاشرۍ نظم نگار سپدۍ ۱۹۶۰ء پتہٕ اَتھ متعارف۔ پوٚ سُند وَنُن چھُ زِ نظم گژھِ بہرحال مختصر آسُن تکیاز طویل نظم چھُ ..."simply a contradiction in terms" تکیاز اِتھ منز پیش سپدن وول تجربہ چھُ یا نہٕ مختصر تہٕ لحاظ آسان۔ ..."through physical necessity transient" نظم نگارس اگر تجربٕچ تیٚہہ تہٕ شدت پیش کرٕنۍ چھےٚ سُہ گژھِ اَتھ کمہ کھوتہٕ کم عبارتس منز۔ وِیٚیر اوتھ پیش کرُن، پرتھ کانہہ لفظ گژھِ تجربہٕ کہ اظہار ہٕ پتھ ناگزیر آسُن

تہٕ ساری غارضروری توضیحی لفظ گژھن ردٕ دینہٕ کرنہٕ۔ امہٕ ترایہ لیکھنہٕ آمتٕ گوڈنکی نظم چھہِ : 'نابد تہٕ ٹیٹھ وٕنِ'، 'کاٹھ دروازٕ پیٹھ گرٕتام'، (دینا ناتھ نادم) 'تخلیق' پےٚ چھُ ظلماتہٕ وزان'، قعردریا سلبیل'، (رحمان راہی) 'نیلہٕ ناگ'، 'جنگل'، 'پرٕنی شاہرٕہ'، (امین کامل)، باغس منز'، 'یمبرزل'، 'ببلس کُن' (غلام نبی فراق) تہٕ شیرازٕ کس 'اُزٕچ کاشر نظم' (۱۹۶۷) ناوٕ شمارس منز۔ ییٚتہِ کیہنہٕ نظم۔

نظمُک نظریہ آو امیجزم ( (Imagism) ) ناوٕ تحریکہِ دوران بیٚنہِ ہن واضح کرنہٕ Poet as : Sculptor(1965) ناوٕ کتابہٕ منز۔ ییٚوکھ ایذرا پاونڈن ( Ezra Pound ) زِ نظم گژھہِ آسُن معروضی.... کجروِ نہٕ کیہنہٕ، سیدٕ سیوٚد.... صفتی لفظن ہُند کثیر ورتاو تہٕ ہرگز تیتھ کانہہ استعارٕ نہٕ یُس پرکھاونےٚ ہیٚکہِ نہٕ یتھ۔

(Objective-no slither: direct-no excessive use of

adjectives, no metaphors that won't permit examinatior

پاونڈ سُند دیتمُت نظمُک قاعدٕ بنیوو جدید کاشرِ ن شاعرن ہُند منشور۔ تمو وٕنِ زِ نظمس منز گژھہِ زیادٕ کھوتہٕ تجسیمی گون یعنے ارتکاز آسن تہٕ امہٕ باپتھ چھُ لفاظیتہٕ (verbiage) نِشہٕ پرہیز ضروری۔ نظمک ساخت چھُ شبیہُک ساخت تہٕ شبیہہ گژھہِ تیُتھ کورٕ تہٕ تروٚش آسُن زِ یہٕ کرِ کانہہ ذہنی تہٕ جذباتی لیُتھ اکس زمانی برزس منز پیش۔

(...that which presents an intellectual and emotional complex in an instant of time.')

نظمُک یہِ تصور اوس پس ساختیاتی شعریاتک نیب یُس ۱۹۷۰ء پتہٕ کیٚن وارِہن کاشرِ نظمن منٛز درینٛٹھ چھُ گژھان۔ تہِ زِن گوو یہِ زِ نظم چھےٚ لفظن ہنٛد تخلیقی ورتاو ہیٚکِ تہٕ ساختن ہنٛد شعوری ترتیبہِ ستۍ تیار کرنہٕ آمٕت معنویاتی عمارت یتھ قاری بنٛنہٕ بترِ تہٕ علمہٕ کہ مدد ہتہٕ ہنٛنہٕ تفہیم ہیٚکہِ کرِتھ، بلکہ چھُ اعلیٰ نظم کُنہٕ قابلِ تصدیق مرکزٕ روٚس بسیار متنن ہنٛد میٚل تہٕ امیُک کُلی وجود چھُ تفہیم نا ممکن بناوان، امیُک حُسن چھُ اَتھی منٛز زِ یہِ چھا بے مرکز تہٕ بے ہیت آسنک کانہہ قابلِ توجہ جلوٕ پیش کران۔ اَتہِ چھُ اہمیت تھوان پیش منظرُک بے ہنگم آسُن یتھ مقامی تہٕ لمحاتی حالس اہمیت پھٕچھےٚ نہٕ زِ کُنہٕ پتھ کانٛہہ تصورس یا بروٚنہہ کانٛہہ غیر جمالیاتی اثرس۔

ٹھوٚر ۔۔۔۔ دوٚن سرِہن نارن منٛز باگ

یتھ پیٹھ

پیاری مرِ تہٕ ہیاری مرِ نارِ کِیٚش تہٕ جنیات

مُنٛزی مُنٛزی کھسان

اکھ اکِس کُن وُزگان

زاہنہ تہٕ اکھ اکِس ستۍ چونٹھ رلاوان

نہ پاتہٕ وُڈی سہواس
صرف وُنگان، تہٕ وُنگان

تہٕ پتہٕ
واپس پتِنس پتِنس جنگلس منز شر پان۔
ٹھوٗر
تیشھُے وأناکھ ..... تیشھُے وہ دأسی (شفیع شوق)

اگر شأعرِ پتہٕ یورِ تہٕ کانہہ مستقبل چھُ نظم روزِ پتھ کالکی پاٹھی پتہٕ کالس منز تہٕ ہیتی تجربن ہندِ باپتھ یلہٕ؛ اَمِچ بیہے یلہٕ گی چھنے اَمِچ روایت۔ مگر یلہٕ گی آسِتھ تہٕ چھِ امیک مبادیات بدِ کڈُن ممکن..... نظم چھُ عرُوض صنایع معنوی لفظی تہٕ بلاغت کیو شِتھٕ رسمو رواجو نِشہٕ آزاد روُزِتھ محض اکہ واقعُک یا صورتحالُک مختصر تحریری متن یتھ منز اکھ مرکزی کردار مخصوٗص زمأنی تہٕ مکأنی حلقس منز افسانہٕ کران و وتلان آسہِ۔ ..... نظمُک یہِ تعریف چھِنہٕ میون فأصلہٕ، بلکہ واکھ، شرکی، وژن صوفی شأعری، ترقی پسند شأعری، جدیدیت تہٕ پس جدیدیت چِہ شأعری منز موجوٗد شاہکار نظمن ہندِ روایتُک فأصلہٕ۔

# یوٗری ووٚلو تاپلیو

رحمٰن راہی

قاضی غلام محمدٕ چھُ کاشُر زبٲنۍ ہُند اکھ نفیس النفس روٗمٲنۍ شاعر۔ یمہِ مفہوٗمہٕ مطابق زِ سُہ چھُ ظاہر پٲٹھۍ موجوٗد وُہمہٕ صدی ہِندِس پُرآشوٗب زمانس منز۔ لسان ٲسِتھ تہٕ احساسی کیو جذبٲتی حسابہٕ پننِس اکِس مخصوص تصوراتی دنیاہس منز زندگی گذاران اوسمُت۔ سُہ دُنیا یُس پزِ ہٕ پٲٹھۍ معاصر آسنہٕ بجایہِ تھٕس اکِس گُذرمتِس کالس تہٕ حالس اوحالس ستۍ لین باسان چھُ یِنہٕ موجود شہر چھِ تہٕ اُزِکہ گامہٕ چھِ ووسہٕ دروسہٕ، توسہٕ ملواسہٕ یا عذابہٕ احتجاجہٕ بجایہِ اغلب پٲٹھۍ اکہٕ خیالی گامُک لوٗبہٕ وُن فطری کیو انسانی مارِ منز شوٗدی بوٗدی شوق تہٕ معصوٗم امار، خوش گذرٲنی تہٕ سوکھ ساوہٕ چھِ۔ یمن لوکن قاضی صاٲبس ستۍ ووٚتھن یہُن روٗدمُت چھُ تم کرن بڈھ تہٕ بوٗلِتھ دعوا زِ تیٚسنہٕ شعوری آگہی آسِ ہٕ کُنہِ لحاظہٕ محدوٗد۔ مگر اتھ کیاہ کرِ یہ زِ کٲشرِ شعرُ ونَن ووٚل قاضی صاٲب اوس غارِ شعوری طور وُچھنہٕ

کیوٚ سوٗنچنہٕ حسابہٕ تہٕ امارٕ و کیوٚ جذباتوٚ لحاظہٕ اکس عجب پاٹھۍ دلپذیر۔ مگر ژھوٚلِتھ وانگس منز پھیران تھوران، وِسان وولسان یاراوان ترٛاوان اگرچہ تس یہ حس بیدار اوس زِ تسُند واقعی دنیا چھُ تہندِس تصورٲتی دُنیہس تہٕ تمہِ چَن رمبہٕ وُنہِن قدرن دَدارٕ واتناوان، چنانچہ ونان چھُ:

ورگہٕ ووٚتھ، یام ووت شہس منز۔ سانہٕ گامُک سہٕ ناگ خوش گُذران

مگر سہٕ ددارٕ واتناون وول صورتِ حال اکھ نظر انداز نہٕ سپدَن وول صورتِ حال زانتھ تہٕ تتھ صوٗرتِ حالَس روبرو سپدِتھ، تتھ اَنزۍ منز گژھتھ تہٕ تتھ نسبتھ کانہہ پرٛر پرٛاو رُویہٕ پانہٕ ناونہٕ بجایہ چھُ قاضی صاب غلبہٕ پاٹھۍ تمہِ ناپسند صوٗرتِ حالہٕ نشہِ لوٚب ہیتھ پنہٕ نسہ اکس خوش پوٚنس خیالی، طلسمٲتی تہٕ سِرسٲوی دُنیہس منز ینہٕ نیہنہٕ منہٕ مانز شوقن تہٕ مولن لاہ داوٕ تُلُن یژھان، تہٕ پنَنِس پرن والین تہٕ تورٕ واتناوِتھ تمی ماحولک تہٕ تمی زندگیہٕ ہُند حُسن پرزناوُنک تہٕ چھاونُک ترغیب دِوان۔ بدل لفظن منز۔ وُنوٚ زِ قاضی صابنۍ کانٛہہ شاعری چھےٚ اکھ دوٚل وٹھ تہٕ پتھ رٕوی اختیار کرنچ شاعری۔

اورٕ چھیوٚ کنہٕ تہٕ کترٕ، پوٚرۍ وولو تا پلیو

نےٚ چھُ کنہٕ پھرِ قاضی صاب اتھ فوک مصرس وژھہِ وانجہٕ داد دوان وٚپت چھُت۔ تہٕ قاضی صابنہٕ شاعریہٕ منز چھُ مےٚ زندگیہٕ متعلق یتھےٚ ہیوٚ رُویہٕ یُتہٕ کیوٚ

ییٚتہِ محسوٗس سپدان۔ یِداہ واتناوَن واجنیو ٹھوٗس کنِیو تہٕ کتر پوٗنشہِ توٚب ہیتھ اُکِس موچھِ منز نہٕ ییٚنہٕ وٲلِس تہٕ خوٗش یِونس تاپلِس ستیٚ گنڈُن تہٕ تَس آے کانچھُن۔ بوٗنِ ژٕٹھ ناگہٕ رادس ہوٚکھراوَن والہِ شہرٕ ژٕلِتھ یَتھ ون گرٛھنگ مال پھرُن۔ یَتھ وَن ییٚتہِ تارکھ زوٗنہِ ستیٚ گنڈِتھ تہٕ پانہٕ وٲنی اَتھ واس کرِتھ سوٚدرس تارٕ ترٲن چھِ، ییٚتہِ اوٚبرٕچ ژھانپھ آبس زَن مانٛتھرِ دِوان تہٕ ناگن زَن خاب وُزان:

| | |
|---|---|
| چھاواں بغدادٕچ راتھ | ییٚتہِ یَتھ کاہکی گوٗنہٕ ماتھ |
| دوٗلہٕ یارٕ گرٛھو یتھ وَن | داماہٕ ژٕٹھ قرٲن |
| ییٚتہِ برٕ روٚس ہانکل دِتھ | شہٕ پالُن جود کرِتھ |
| دوٗلہٕ یارٕ گرٛھو یتھ وَن | تھوٗمرٕ چھیٚ طِلسماتن |

یوٚہے نیم روشن، طلسماتی، سِحرٕ سٲوی، خاب صفت تہٕ خوٗش یُون مگر اَتھ گرٛھِ وُن ہیو موضوع تہٕ تتھ متعلق یوٚہے خوٚدلوٚد رُودیہِ تہٕ تتھ رٗوٗیَس ستیٚ ہمنوا حسرت تہٕ ہمسوسہٕ ہوٚت موٚڈ، یِمے ہوی چیز چھِ تاثٕرٕ صابتہِ کاشُر شاعریہٕ ہُند حُسن تہٕ دلکشی تہٕ ثابتھ سپدان تہٕ ستیٚ تمہِ کرٕ کم واتنیاوٕرک تہٕ باس دِوان، تہٕ اَمی مخصوٗص پیٚشکشی ہنز برکتہٕ چھُ نسُند کلامہٕ کاشُر شاعریہٕ ہنز اکھ سیٹھے کم نظیر تہٕ قابلِ قدر اَرزتھ نَنان تہٕ اَمی سببہٕ چھُ سُہ واریاہ جان تہٕ توٚجہ طلب حدس تام اکھ خوٚد موٗل

سوخنور اۂستھ تہٕ چھیکرس اکھ کم کاڑ شاعر روزان۔

کانٛسہِ شخصہٕ سندِ پزی شاعر آسنک ثبوٗتھ چھُ واقعی دُنیہس منٛز تیٚمسٕنٛزِ ذاتی زندگیہِ ہند پزرکرِ زر اکھ کُن تھاوِتھ محض تیٚمسندِس کلامس منٛز ووتلن والہِ تخیلی تجربُک شوزر پزر تہٕ آورن کار قوت آسان تہٕ تمہٕ سارچ دلیل چھےٚ آسان ورتاوس آمژٕ تیٚمسنٛز لسانی عمل۔ ییلہٕ زن بہلہٕ پایہٕ شاعرہِ ہند خاصہٕ یہٕ روٗدمُت چھُ زِ تمہ منٛز چھُ بقولِ غالب "مضموٗنِ عالی" دوپزاو پژاوان، تِتھ پاٹھی زِ زندگیہِ منٛز تیٚہدارٕ ری کیو بیچدارٕ ری تہٕ معنےٚ ین ہندی گاشری کیو گنٛڈ متعدد ابعاد چھہِ ڈرِچہٕ ڈیٚتھی سیدِتھ برجستگیہِ ہند باس دِوان۔ یاوتو غالبنےٚ لفظ ووزم ہیتھ زِ قطرس منٛز چھُ دجلہٕ دریٹھی یوان تہٕ جُزس منٛز کُل۔

عمومی طور ہیکوٚ وٕنِتھ زِ شاعرٕ سُند موضوع اُسہِ تن کینہہ تہٕ تیٚسندُ تجربہٕ اُسہِ تن ذاتی یا غار ذاتی، تجربُک دایرٕ اُسہِ تن تنگ یا کُشاد، فکرِ تہٕ احساسہٕ کِنہ اُسہِ تن شاعر کُنہِ گذریمتہٕ زمانُک انسان یا اُزی کہِ دورُک، تیٚسندِ فنچ اولین تخلیقی خاصیتھ چھےٚ فنی تجربن منٛز تیٚمسٕنٛز احساسہٕ ہٕنٛز شرکتھ تہٕ تتھ تجربس نسبتھ تیٚسندِ رُووِچ صداقتھ تہٕ موٗڈِچ مناسبتھ معین کران تہٕ قاری ہندِ بابتھ چھےٚ تمہٕ شرکژ ہنٛز ناطق گواہ تہٕ تمہٕ رُووِچ کیو موٗڈِچ کُنہ تہٕ کیٚول قابلِ اعتبار شہادت شاعرٕ سنٛز۔

لسانی عمل پیش کران۔

بحیثیت اکھ کاشُر شاعر دیُت اَسہِ قاضی صاب اکہِ محدود دُنیہک باشندہ قرار، مگر محض تمی سببہٕ ہیکون نہٕ تیٚہنز تخلیقی شخصیت وُسی پایہ گنٛز رِتھ۔ سُہ یُس تہِ دُنیا پیش کران چھُ تتھ متعلق گرِتھ گوڈنیک تہٕ بُنیاُدی سوال یہٕ تھُکہٕ یُن زِ اَما سُہ دنیا چھا تیوٗت وُسوار زِ پرٛن وائس واتناوِ تہٕ آوراوِ بےشُونکی پاٹھی احساسی تہٕ جذباتی حسابہٕ پننس صوٗرتحالس منٛز تہٕ تمہِ کہ شوزرگ پزرُک باس دِوان کرِس سُہ نوٗرانی سرور عطا یتھ تنقیدی زبانی منٛز حظ یا آنند وَنان چھِہ

قاضی صابن چھُ یِنہِ کُنے تہٕ موتھر شعر سوٗمبرِتہٕ "صوٗرت خانہٕ" ناو کوٗرمُت یُس تہندی کنہِ تہندِس یادہٕ ووٚترس منٛز آباد چھُ۔ اکھ تیٚتھ حاران کروُن یا ہابتھ پادُوٗن مگر چھیکرِس اکھ مارٕ موٗند یادہٕ ووٚتریتھ نہٕ سُہ شاعر آسِتھ تہٕ یُرٕھہٕ پاٹھی باوتھ کرِتھ ہیٚکہ:-

تیُتھ صوٗرت خانہٕ چھُ یادہٕ ووٚترُ　　　شاعر آسِتھ ماسوٗ رمہٕ کھمے

ووں گوو سُنتھ ہرگاہ ووٚن دِموٗ یہ صوٗرت خانہٕ چھُ مُختص پاٹھی کُنہِ واقعی تہٕ خارجی دُنیہس ستی والبتہ قاضی صابنہِ یادہٕ ووٚترٕ کھوتہٕ تہنٛدِ فنکارانہٕ تخنیک تہٕ ہونرمندانہٕ لسانی ورتاوُک تخلیق باسان منظر تہٕ کردار دوشوے چھِ واقعی وُچھمتہِ داچھمتہِ کُنہِ بیرٕنیچہِ یادے

کھوتہ زیادٕ اندرٕ ونکی ترجمان باسان:

مَنہٕ آنگنہٕ منز راتھ وچھم ... کُن زوٗن شُراکھ زوٗنہٕ گنٛدان

اُچھ وُٹھ تِہِہ یہ اوٗندتہٕ پوٗکھ مشراو ... صوٗرژن ہُند نگار خانہٕ سجاو

اغلب چھُ زُلیخ تِس یادٕ وُترس منز آسہن کنہٕ تہٕ کتر تہٕ وار یاہ (اِتہٕ تسنٛدِس کلامس منز چھُ کُنہٕ کُنہٕ تیتھ ہیوٗ تاثر تہٕ ووتلان) مگر کلہم پاٹھی سیٹھ صورت خانس تس تہنز۔ شاعری برُنٛز راوان پھٕیتہٕ تہٕ چھُ ہوا نوا اکھ خوش پوٗنہٕ موصم تہٕ ووسہٕ آمتہٕ تا پلیک ہٕ تا پلس ستیٚ گنٛدن واجنین ہر ساوی ژھایَن گراین ہُند یا خال خال تمہٕ سے تا پلس وو ہوٗن واجنین اَتہٕ گٹن ہُند۔

روما نی شاعرن چھٕے اکھ اہم صلاحیت یہ زٕ تم چھِ پننہٕ لِسانی عملہٕ ذٕسی اکھ یا بیاکھ تیُتھ خیالی دنیا تخلیق کران یُس پننہٕ زوٗزہ چیٚر برکُنٛز پرن والین ہندِ باپتھ تہٕ ژھٕرن لایق تہٕ موٗلوٗن لایق بنان چھُ۔ یہ صلاحیت چھٕے قاضی صابس تہٕ داد طلب آیہٕ حاصل روٗزنہٕ موضوعی زاوِیہٕ ہرگاہ وُچھو "صوٗرت خانک" بیشتر حصہٕ چھُ ترٕھن خاب صفتھ، حائران کروٗنہٕ، تمبلاوٗن واجنین مگر حسرتہٕ ہمسوسہٕ ہترن تہٕ وُبوٗدرُ تُلن واجنین مَنہٕ آنگنہٕ پلیمترن یادن تہٕ پیکرن پیٹھ مشتمل یمن گندِ ژمتس اَتھ گمُتس تہٕ پوٗت تہٕ پھیر وٕنس اُکس خاطر پسند زمانس ستیٚ تعلق رود مُت چھُ۔ یادٕ تھس اُکس شُری مزازٕ یا تازٕ بالیغ سینہٕ صاف کردارٕ ستہٕ ییٚمی

پنُن بےٚ فکر تہٕ خوشالہٕ لۄکچار تہٕ یتھۍ امارٕ ہٕتۍ تازٕ بالغ دوہ گذٲرۍ ہٕتۍ چھِہٕ وَنَن ژھایہٕ آباد سبز شاداب گامن منٛز، سورنے بوزن واجنٮ۪ن وُڈرن اٗندۍ ئکھی، انگ انگ کُملاوَن وول میوٚوٹھ تاپھ چھاوَن والین ناگی نہٕ بَٹھین بیٹھ، نامعلوم طرفاتن گرٛزھن والیو سٔندۍ جہِ ڈٲرۍ وَتہٕ پدلوٚ پیٚٹھی، ہرٕ دِ بوٚنۍن تل اَلاو زالن والین جوگین نکھ تہٕ دلس منٛز جاے کراں کراں بدس نہ ینہٕ واجنٮ۪ن تہٕ مٔشراون واجنٮ۪ن صوٗرژن درمیان! لوٚزُیس کردار وۄنۍ یتھہِ تمہِ تصور پرورد زندگیہ تہٕ تمہِ مَنہٕ مانہٕ ماحولہٕ نشہِ دوٗر اٗکس ناساز شہری صوٗرتِ حالس منٛز ہیتہٕ آمُت چھُ، یٔیتہِ تسُند کُل سرمایہ حیات پرٛانہٕ وۄلساوۍ وۄلساوۍ تلواس ٹُلن واجنہِ یادہٕ چھےٚ تہٕ بس!

اَسی ماواِتھ پیٚیہِ پَتھ وَن　　　　سورنے وانٛہِ ہش چھےٚ گرٛھان

داَن تھرن تل تاپہٕ ٹیوٚکاہ　　　　یاد پیٚیم لۄکچارچ کتھ

مندورٕ منٛدہٕ مٔنہ وضعدارہ آخری بسکین　　　　خُدایہ پانژھ تِنٛسے دوہ ہتھ سُہ کوٚنہٕ نظرِ گژھان

سُہ اوس بوٚنہِ بُہِرس تل تہٕ نوٚنۍ ژٕٹ گُٹلیو　　　　وُچھاں وُچھاں ہوٚ کھتھ گو وُسہ ناگہٕ رٲدۍ بچر

عرفکۍ روٚنہٕ ہِڈ کتھ میٚٹرِ شرٛیچ　　　　پُرنٮ۪ن منٛز ولسراں حاَرتھ

گُذرمتہٕ دُنیہچ یاد چھےٚ عوٗمن ہمسوسہ ہیٚژ باسان، مگر بعضے لب خوشک تہٕ سینہٕ سوزتہٕ۔ مَنہٕ منٛز جاے کرن والین مٲرۍ مٔندۍ انسانن تہٕ قدرتہٕ کین دل پسند اَہارن ہُند وُچھان وُچھان راوُن

تہٕ تمنا برٛناوَن والین رنٛگین زٕہن تہٕ شوقیٖن گرٛین ہُند سلسلہٕ ہیٚژھن، یِم معاملہٕ چھہٕ زٕ تہٕ سوتہٕ ساٹھوس نیلس نبس کوٚ ہوٗرھا یِ کپاٹرِ تاں کھسہٕ وینہٕ کریٚہہٕ اوٚ برٛچ ترٛدُد انگیز ژینہٕ ہوٚن ، اکھ سینس بار پاوَن واجینی ژینہٕ وَن حُسنچ فنا انجامیہ ہُندیہ باش چھُ تیز تہٕ حاوی تہٕ ، تیٚوت زٕ گماہ گرٛھہٕ خبر شاعٕر ماچھُ ژکہٕ فنایہٕ ہندِ ناگزیر آسنکُے ترجمان ۔ زندگیہ چھےٚ ہوریوٚر موتچ ژھلے تِتھہٕ کُنہٕ گلماں کران باسان زٕ کاتھہٕ دَپہٕ امہٕ شاعرٕ یہٕ ہُند موٗلہٕ موضوع چھُ موت ، نہٕ زٕ زندگی ۔ حالانکہ تہٕ چھنہٕ واقعہ ۔ موتچ حقیقتھ چھنہٕ کُنہٕ تہٕ شعرس منز بطورِ اکھ کُن تہٕ ناگزیر یرٕ قبوٗل کرنہٕ آمژ، بلکہ چھُ "صوٗرت خانکُ" اکھ شعر خود تسلاے تہٕ باسان :

نوش لب واتہٕ، وَن عجب ملکس ژونگ زٕ آتہٕ ژھا ویوٚہن تَل

اِتلاٹی دگ چھےٚ مگر سوٚ چھےٚ دراصل زندگیہ ہُند مَتہٕ موٗن ماری منز ، راوٗنس پیٹھ واویلا ، زٕ تہٕ برٛبکہٕ آمژ حبہ خوتوٗن پروردگارس سوال تراوان :

ژے کیوٚہو واتیو میانہٕ مرنے ! اَتھ ونوٗ ہٕ کُنہٕ بے بدل حُسنہٕ کِس ناگزیر اِتلافس خلاف المیہ احتجاج ، مگر اکھ غمناک مرثی تہٕ ونوس ۔

قاضی صاب چھُ اکھ تیٚتھ منظرور (Landscape) نقشبند کران یُس چھُتہٕ کیٚتر ہندِ گامی ماحولکُ التباس پادٕ کران مگر چھُ بنیٚہ کیفیژ کُنہٕ دراصل قاضی صابُن پنُن تصوٗر آباد ، تیٚہند لوٗ آمارو تہٕ ہمسوسوٗپولمت

تہٖ نیچھنو ومُت دُنیا:

سرٕو کلبو مٔنزٕ سو وتھ — خوٗبصوٗرتھ پراَنۍ کتھ
بالہٕ دامنٕ پکاں پکاں بعضے — پٔرۍ یہٕ وٕنون کنن گرٕ ھاں بعضے
دوہ دٕ کولہٕ آگرٕ چھونے گام — سوتھہرۍ سنگرمالن پتھ
دیوارن محرابن پھٔنے جرٕتھ بغداد چ راتھ — انساں خبر کوٗت کوٗت واتاں تتھ کوچس منز۔
راتھ اَسا منٔے سٲری جہٕ ترٲے اُچھن — راتھ اوسُے منٔے درد گام گرتھن

اَمہٕ درد گامکۍ بسکین چھہٕ تٔمہ بأنی، خوش اطوار، مایہٕ ہتی، کم گو، کم رٕلہٕ وٕتی، تہٕ ہستی خاب صفتھ صوٗرژن ہندی پاٹھۍ، روبرو آستھ تہٕ زن دوٗرٕ اسمانکۍ تارکھ۔ ظاہر چھُ ہرگاہ کانہہ اَمہٕ بسی تہٕ ہندی یم مخصوٗص خولہٕ خط کٔرہٕ واقعی کاشرس گامس منز ژھانڈتہٕ بیٚہیہ تٔس سپد مولیٚسی، بلکہ کرس قاضی صابہ یہٕ وٕنتھ خندٕ زٕ

کم پوشہٕ چمن، کتھی سرٕ و شہلی — بلی یادٕ بچارن لوکن ہٕلی

پزر گوو یہ زٕ مذکور بسی تی چھِنہٕ کانہہ مخصوٗص جغرافیائی بسی تی، بلکہ اکھ عینی (Idealized) ذہنی علاقہٕ، اکھ درد گام۔

نیچر چھُ شالے واڈسوٗرتھن تہٕ عینی بنوومُت، اما پوٗزیتہٕ تسُند نیچر بالا فطری تہٕ مقدس سماوی تہٕ روحانی اسرارن مُہند ہیوٗ باسان چھُ (مثلن تسُند (ODE TO IMMORTALITY) تہٕ چھُ قاضی صابُن

نیچرِل اَوَند پوکھ یاتہٕ اَکِس معصوٗم شُری سٕنزٕ ن دلپذیر پٮ۪ٹھ ن ، بے فکر گندباشن یاہے بوٚنگہٕ نظرن ہُند لوٚب ہُراوان تہٕ نَتہٕ تازٕ بالغ بشری لول تہٕ تمہٕ لوٚلہِ مُبہم مگر میٹھ دگ محسوس کرناوان :

بُرزٕ پتھس پھوٚلی بانٛی پوٚتھس — وُنہٕ چھم ماتا مالِہ سٕتھ

یوٚدوے زٕنگ تاگھ لاگھ — شُری پاٹھۍ ہُمہٕ دارِتھ روٗنے

تِتھہٕ پاٹھۍ زٕبیٛنہم راتھ زِتَس — زَن کاوٕ قمیر ژوٚل بونہٕ ٹٔلۍ

یَتھ وقتس منز۔ انسانَن ہندی تم آتہٕ بدن

انسانس کیاہ کیاہ نظرِ گژھاں تتھ کوچس منز۔

تَس شخصس سورُے باسان زَن کارتھ ناگ کینہٕ

کھاندرہٕ گاہ کُنہِ دوہ آسان چُھسٕ تتھ کوچس منز۔

تخلیقی مارِ منز۔ رچھُ دوشوٚنی اظہارن وُزان ، وُنی گو واکھ اظہار چھُ انسانٛی سوٚنچہٕ کہن زیادٕ کشادٕ آفاقن پٮ۪و کران باسان تہٕ آدمی احساسہٕ کہن زیادٕ سنٛین سوٚدرن تھتھراے ٹُلان باسان ، ییٚلہِ زن بیاکھ کُنہٕ گہر فکرِ کھوتہٕ زیادٕ محض سیدٕ ین سادن شوقن ، امارن تہٕ ہمسوسن زیرٕ دِوان چھُ ۔ چنانچہ یہ فرق چھے دوٚن تخلیقی سرگرمین ہُند فنی کاڈ تہٕ قوتھ تہٕ مُعیّن کران ۔

قاضی صاب چھُ ییٚلہِ روٗمانی شاعرن ہندی پاٹھۍ بدس زمانہٕ

بجایہ تخیلی طور پٮ۪تھ کالس منز بسان، تہٕ یمن ژیٚتہٕ کھرٲوی موضوع (NOSTALGIC SUBJECT) کارگر بناونہٕ موکھ چھُ سُہ ٲکِس رمز شناسہ ہندی پاٹھی زمٲنی کیو مکٲنی دوٗرِرک باس ووتلاوِتھ ٲکِس کم واضح سرِساورس زنم دِوان، ہٕ تہٕ کرِتھ یمن تصوراتی دنیا دلچسپ تہٕ آورن کار بناوان :

اُچھ چانہٕ چھٔے زن لکہ باپتھ لے — نہٕ واہٕ دِوان پٮ۪تھ کالک پے

راتھ منز روو ہتس بہ خالس منز — کوتٔ گیا یکھ ژہٕ کوچہ کِنہِ توکُن

منٔے ہیوکہٕ یہکہٕ گرٕتھ توت، وکانہٕ گو وکیا ہتام

سو ہردِنی لوٗنی منٔے یٔژکال آسہے پراران

مکانہٕ سبز کنین ہند تہٕ لوکھ اٗہٕ بدن

دیان پرٛون شہر اکھ بسِتھ چھُ بالہٕ اپور

پے ژٔے اوسٔے زٕتھ مندورِ اندر

ہتھ وری ہتھ چھُ ماکھنی تہٕ بساں

قاضی صابنہٕ اسلوبُک اکھ خاص گون چھُ امیک تحرکُک خیال (SUGGESTIVENESS) یا وتو اُسی یمنی پاٹھی ظون پاور۔ سُہ چھُ وضاحتہٕ ونو کھنپہ بجایہ رمز تہٕ اشارہٕ ورتاوِتھ یمن موضوع پابرجا کران تہٕ پرن وٲلس یمنہٕ تخلیقی عملہٕ منز تخیلی طور شریک کران :

بدٕلے صورتھ بدٕلے کتھ     تٔنہٕ تُہٕ اوُسس ازتامتھ

بدٕلے کرٕتھ ؟ تنہٕ کوتاہ کال گوو ؟ تنٕہ کیٛاہ ؟ شعر چھُنہٕ یمہ کتھ دلیل تُلتُلُ بیان کران بلکہ اکہِ یابیٚیہِ چیٖزُک محض ظون پاٚوِتھ، یا نہٕ ڈیٚنتھ وٕنُک وُل ورتاوِتھ یا محض سوال پرٕژھِتھ مطلوبہٕ جوابُک حس ووتلاوِتھ پرٕن والین احساسی طور آوران تہٕ تجربس منز شریک سیدٕ نُک حظ بخشان۔

کاٚرنکھتے بہٕ چھُس نہٕ نوٚم آوِتھ     تُہٕ تہِ زانہٕ وُچھِ زٕہِ ہنٕ سُہ کارٕ وٕ گُن

دُرِ چھِہ اَڈٕ وَوتھ اوس     اجنبس کیاہ راہ

کونہٕ اَمہِ یٖیٚٹھ وُچھاں چھِہ جاناوار     تٔمتھ قلایس اندر اژُن تہٕ وُچھُن

چھرٕہٕ پوٚنپرِ ژٕہی رُوزِتھ گے     بوٚنہٕ بن تَل آس نٔنی قدرت

اَمہِ کم گو تہٕ بسیارٕ باوکھ ایلاغُک اکھ رُت نموٗنہٕ چھُ شرٕہن شعرن پیٹھ مشتمل سُہ قطعہ بند یُس "صوٗرت خانہٕ" کہ کُنوٗہمہ[۱۹] صفہٕ پیٹھ ژوٗہ یہ ژٔہی صفس تام لیکھتھ چھُ (تفصیل پیٚو وآہ موکھ دیُن تکیازِ کاتبن چھِہ اَتھ منز منز تارکھ نشانہٕ ترٲوِی متی یمہِ سببہٕ اَتھ مسلسل منظومس خواہ مخواہ ژھٔبن پیوان باسان چھُ۔)۔ قطعہ بند چھُ یمہِ مصرعہٕ ستہٕ شروع گژھان ع

باٗژ ساٚری گرٕکِ ژٕے اَندٕی ہیکھی چھی

تہٕ اند چھُ واتان یتھ مصرس پیٹھ ع

یا نہٕ کیاہ تام جانہٕ اَچھِ چھِے وَنان

یہ قطع بندۂ تہٕ اَمہِ گاچہٕ واریاہ شعر پرٛتھ چھُ زانُن لگان زِ یلہِ چھِنہٕ قاضی صابَن پننہِ کتابہِ ہند" سَرنامہٕ" بہلہِ پایہِ انگریزی رومانی شاعر تہٕ نقاد ایس، ٹی کولرج ہندِ یمہِ بیانہٕ ستۍ شروع کورمُت زِ

POETRY IS UNDERSTOOD BEST WHEN UNDERSTOOD GENERALLY AND PARTLY

قاضی صاب اوس مرزا غالبُن زبردس مدّاح، سُہ ہیکہِ ہے پننہِ شعر باوتٕچ ہُند اسلوب تٔسندِ یمہِ شعرٕ ستۍ تہٕ مولوِتھ زِ ؎

چشمِ خوباں خامشی میں بھی نوا پرداز ہے

سُرمہ، تو کہوے کہ دُودِ شعلۂ آواز ہے

قاضی صاب چھُ اکھ کم نظیر کاشر شاعر تہٕ تٔسند کلامہٕ کاشرِ ن شعر لیٚکھن کرن آمُت اکھ مولُل گُلی میوٕ ٹھ۔ کاشرِ زبانی ہنزِ پرانہِ اغلب لولہٕ شاعری تہٕ بسیار صوفی شاعری ہندِس ہوہس نوہس منز پلیومُت قاری روزِ یہ وُچھتھ ڈنجہِ زِ قاضی صابُن کلامہٕ چھُنہٕ پننہِ رلوایتٕ نِشہِ کُنہٕ تہٕ نہٕ یا تٔسند انحرافک پَے دِوان۔ چونکہ قاضی صاب چھُ بدیمتس معاصر زمانس پرٛزناوِتھ روبرو سیدہٕ بجایہ یاتھ ستۍ مُتصادم سیدہٕ بجایہِ پرانے دِنیک تہٕ پرانیتہٕ قدرن ہُند زٕ کی در رودمُت تَو کِنۍ چھُ تمۍ صورتٕ لحاظِ غزلس پیٹھ قناعت کرِن مناسب زونمُت تہٕ زبان تہٕ چھِن رلوایتی آیہ یہ ڈِیزِ تہٕ چھلتھ چھو کتھ درتاونٕ تہٕ لہجہِ تہٕ نرم تہٕ گُداز تھووُمُت۔ نظمہٕ کرٕ تام

یمہٕ لیچھمٕہ چھِنہٕ تِمہٕ تہٕ چھےٚ ریوٲیتی غزلچہِ شکلہِ ، ماسوا یہِ اکھ "پرون شہر"
تہٕ سوتہٕ چھےٚ میٖٹرٕ کنۍ پابند ، یۄدوے قافیہٕ چھِنہٕ ۔ وون گوو یموکھو باوجود
ییٚمہِ مانُن زِ پرٲنہِ کیٚنٛہہ نوِ کاشُر شاعر یہِ منٛز نہٕ چھُ مخلص پاٹھی تہٕ نہٕ یک ترٲے
سَیدِتھ بیٚیہ کانٛہہ کاشُر شاعر قاضی صابُن ہم موضوع ، ہم رٕوی یہِ یا ہم اسلوٗب ۔
ہمکال شاعر ومنٛز چھُ شاید رفیق راز یُس یوت قاضی صابس نِشہٕ کم کینٛژھا
قاضیاب سپُدمُت ۔

قاضی صابُن کلامہٕ پراں پراں چھُ البتہٕ کنُو ہمہِ صدی یہِ تہٕ ابتدٲیی
وُہمہِ صدی یہِ ہندین کینٛژن انگریزی زبٲنی ہندین شاعرن کُن ظون پھران ،
تاصکرتھ کولرج ، ایڈ گرایلن پوٚ تہٕ والٹر ڈلامیرس کُن ۔ کولرجنٕ کتھ تُلَو
رٔژھ کھنٛڈ گرٕ ھتھ ۔ یۄ تامتھ پوٚ سٕند معاملہٕ چھُ قاضی صاب اوس تسنٕز ذکر
اکثر کران تہٕ ہمیشہ تعریفی لہجس منٛز ۔ مگر ڈلامیرٕ سُند چھُنہٕ مےٚ غالبن تسنٕز زیوٚ
زانہہ تذکرٕ بوزمُت ، حالانکہ تس تہٕ قاضی صابس چھُ پانہٕ وٲنۍ واریاہ ہشر ۔
ڈلامیرٕ تہٕ چھُ اَکس شُرٕ سُنز نظرِ ہنٛز لوکچارٕ خاب وُچھتھ تہٕ گامی انہارک
تہٕ جاگیرداری طرزک اوند پوکھ ودٕ تلاوتھ تِتھی سرساوی تہٕ حاٲرتس زنم دِنہٕ
وٲلۍ صورتِ حال تعمیر کران یمن منٛز ۔ یۄہے اکھ ہمسوسہ بوزُت راون ددد
ہیو محسوس سپدان چھُ ۔ شہرک سُہ اکھ مکانہٕ چھُ توٚ برک ، ژٕ گرنھ تہٕ وُچھ
یتھ بُرزٕ دِتھ بشس تہٕ کھٹِن منٛز ۔ بسان چھِ خاب ۔ قاضی صاب کرٕ ہے

شُربن متعلق ڈلامیرٕ ہندِس یِتھ قولس آمنا وصدقنا ژٕ

Between their dream and their reality loomes no impassable abys

دوشوے چھ پتھ شعر وٕنی ہتی یم شُری ذیٖہنیٖرٕ تہٕ شُری نفسیا تکی ترجمان چھہٕ۔ البتہ چھُ

قاضی صابس برعکس ڈلامیر ہنزٕن نظمن منز۔ بقولِ الف آر لیوِس اکھ بالیغ

نظرٕ النسان تہٕ درینٹھی لِوان ییٚس سونہٕ ہواوس منز۔ قدیم جنگلن ہند لو گنڈی

زنڈو منز پھیٚٹھ نیرن والین بامنن ہنز۔ ذکر کراں کراں تمن یاغی صدین

ہنز۔ تہٕ سو زمین پاون واجینٛ دردِ ہنز ژینہٕ وکن دِوان یموٚ منز ییٚ گولاب

پھیرِتھ تھوٚرِتھ لِوان چھُ:

very old are the woods;

And the buds that break

out of the briar's boughs,

When March winds wake,

so old with their beauty are —

Oh, no man knows

through what wild centuries

Roves back the rose.

مگر اَمہِ باوجوٗد چھِ تِمَن۔ بیشتر شاعِری قاضی صابَنہِ شاعری یہِ ہِندی پاٹھۍ طلسم کار، سحر سامان تہٕ ہیبتھ انگیز باسان ۔ قاضی صابَنۍ متعدد شعر پران پران چھ ڈِلامیئر پھیرِ پھیرِ ژٕھتس ییوان، خاصکر تِتھ تِمَن۔ ساروے کھوتہٕ مشہور نظم The Listeners دوشوے چھِ اکھ اتھ گامتہٕ ماری منز رُک ہمسوس للوان، دوشوَنی ہنز۔ خاب صفتھ شاعری چھِ خوبصورتھ چیزن ہنز فنائی باسناوان تہٕ اکھ راوی متہٕ جنتکی سحر کار آلو وُزناوان، تہٕ تِہٕ کران کران شاید ژکھ اکھ لافانی حقیقتھ تخلیق کرنک آدمی ارمان باوان ۔ ووں گوو معنے خیزی کِنۍ چھ ڈِلامیئر سائنس تہٕ قاضی صابس مقابلہٕ ژوٗرُے یہن کُشاد باسان تہٕ سوٗن تہٕ ۔ سبب چھ ظاہر یہِ زِ قاضی صاب چھ اکثر کانہہ ہیر سوو یا خوف وو پیداوَن وول صوٗرتِ حال پیش کرِتھ تتھ کُنہِ رنگہٕ کانہہ تعبیر کرنس کھے مازان ۔ تِوے کِنۍ چھ سُہ صورتِ حال یسلہٕ پاٹھۍ اکھ اڈ ژوٗٹ نقش ہیو باسان زِ تہٕ کُنہِ فلمہِ ہُنند کانہہ توجہ گیر مگر گوڈ تہٕ اند روس تِن تہا کٹ ییس : اوّل و آخر این کہنہ کتاب اُفتادست :

ہیر گووُ ٹھس تہٕ دل ہیوتُن راوُن — ژھاے ہش گیہ تہٕ زانگی ہیوت کھوژُن
أنہِ روٗستے چھُ سوٗن تہٕ دیانگ سَر — بوٗٹھ تہٕ وَسہ وُن چھ، کھور گو ژھہنہ ڈلُن
دوہ ہلہ تس ژھا آس گئی تہٕ برٕ ژ — رات کیٔت ازسہ شخص گو ژھہنہ مرُن
اُچھ گیئے پیٔتہٕ ہوٗل گوٗوے ترٕ ہوٗر — پرٕ ون زوٗل اوس اور گو ژھہنہ کھنن

تِتھ مکانس اندر مَنٕے اوس اَژُن　　تِتھ مکانس نہٕ اَس دار نہٕ بَر

سۭہر ساوبرٕ تہٕ خاصکر تھ خوف وۄتھلاونس منز چھُ قاضی صاب
اڈگرایلن پوٚاَس نِشہٕ تہٕ واریاہ متاثر باسان ، اگرچہ تِمن دۄن درمیان
اکھ زیادٕ مشترکہ خصوصیتھ سوٚ ناواضیح باوتھ باسان چھےٚ یُتھ تِہندی غمناک
ہاوس تہٕ ہمسوسہٕ ڈٕلیتھ باسان چھہٕ ۔ وارِہین موقعن پیٹھ چھُ تِمن دۄشونٕ
ہُند موٚوڈ مبہم تہٕ بے تخصیص باسان ، یُس وقتی طور دلکش باسِتھ ہیٚکہٕ
مگر یِمہٕ منزٕ تہٕ غالبن کانہہ بَہلہٕ پایہٕ شاعری وۄدِتھ ہیٚکہٕ ۔ ہَنابر وۄنہہ یِہن
وُچھ اَسہٕ زِ باوُژ ہِند کم واضح طرزک سبق اوس قاضی صابن کولرجس نِش
پُوٚرمُت ، یِمہٕ یِہٕ وۄنمُت چھُ زِ " روحس پرٚزن سُنٛد احساس تِتھو چیزو
باپتھ مخصوص کرُنی پیہِندِ تھٕ او ( sublimation ) تِمن ناواضح بناوان
چھُ ، بالکل تِمی حسابہٕ یِتھ کنٕہ تِہندٕ ناواضح آسنے تِمن تھٕ او بخشان چھُ "
اما پوٚز ناواضح تہٕ بے تخصیص اسلوٗبِچ وکالت بوزان بوزان پَزِ نہٕ مشرُن زِ
کولرج یِمن چیزن ناواضح تہٕ تھٕ اوی مانان چھُ تِم چھہٕ بقولِ مارس بوورا
عظیم فلسفیانہٕ خیال ۔ مثالے کولرج سِندِ نِ لفظن منز " ہَیتھ ، زندگی ، عقل
ضمیرُک قونون ، آزادی ، لاانسانیت ، خُدائے " بیترٕ ۔ اگرچہ کولرج سونچان
اوس زِ اَمہٕ قسمکی معاملہٕ چھہٕ عقلہٕ ہِندِ دائیتیارٕ گژھِتھ ، مگر خیال اوسُس زِ
تِم چھہٕ نہٕ تخیلکہٕ دائیتیارٕ گژھِتھ ۔ پوٚ سِندی پاٹھی اَسہٕ قاضی صابس تہٕ بحیثیتہٕ

شاعر یتھِن مسلن ستی دلچسپی تھوٚکھ رۄد سُہ پننین ناواضح خابن تہٕ ہمسوٚن
ناواضح بادتھ کرنس زیادٕ لور۔

کولرج اوس مذکور ترٛیشوے قلمکارو کھوتہٕ بوٚڈ صاحبِ فکر نقاد
تہٕ جوٗد گیر تخلیق کار۔ تہٕ تس ہنٛدِ ناگہ چھےٚ یمو ترٛیشوے پننہِ پننہِ بترٕ مطابق ترٛیش
پیچھم شہ۔ کولرجن چھ پننین بہترین منظوٗمن منز قطری چیزن پنُن سحر ساز اکھ
ڈاکھ بالا فطری وجوٗد عطا کرن وول اکھ پہلہِ پایہِ کارنامہٕ بانجام دیتمُت۔
"صوٗرت خانہٕ" یِراں یِراں چھ جایہ جایہ قاضی صابنہٕ قاضیاٗبی ہُند پےٚ
لگان۔ خاصہٕ پاٹھی چھےٚ "پرون شہر" ناوِ تسنز نظم کولرج ستر۔ اکِ مشہوٗر نظمہِ
نِشہِ اثر اندوزی کران باسان۔ یتھ عنوان چھُ "کُبلے خان"۔ حق چھ یِزٕ
قاضی صابن چھےٚ یِزٕ ہٕ پاٹھی پننہِ یہِ نظم کولرج ہندی ناوٕ معنون کرمٕژ۔
اگرچہ موضوٗعی اعتبارٕ یمہٕ زٕ نظمہٕ رٔلان چھنہٕ مگر قاضی صابن ییمہٕ آیہ پنُن موضوٗع
متعدد تہٕ مختلف بلکہ متضاد جُز۔ کامہٕ لاگتھ تعمیر کرنٕچ کوٗشش کرمٕژ چھےٚ تہٕ
پننی سو کوٗشش بار آور بناوہٕ موکھ لیٚس اسلوٗب تمی ورتوومُت چھُ سُہ
چھُ کولرجنس اصلس خراج ادا کران باسان۔ "کُبلے خانک" موضوٗع چھُ
بجایہ خود تخلیقی عملہٕ ہُند وُزُن، ووہ یراوتہٕ وولساو، ییلہٕ زن "پرون شہر"
نظم اکِ عینی شہرکہ تصورٕچ نقش گیری باسان چھےٚ۔ عینی شہرچہ زندگیہ ہُند
تصور چھُ انسانس یتھ کالہٕ پیٹھ امبناوان آمُت۔ افلاطوٗنن تصوری

مملکتھ اَسِن یا حافظ سُند کنارِ آبِ رُکناباد، گوئیٹےنِس فاوسٹٕ ہٕنز آشوب انگیز سمندری بستی اَسِن غالبُن "بے در و دیوار سا اِک گھر بنایا چاہئے" یا اقبالٕنز "کوہ دامنس بٕکھ لوکٕٹ موکٕٹ ژھوٗپ بٔہر" مہجورُن "سنگرمالن ہیٚوٚد پراگاش" اَسِن یا آزادُن انقلابی باغ۔ ساری چھِ پننہِ پننہِ توفیقہٕ مطابق پٔنُن اکھ یا بیاکھ عینی مقام نقشاوان۔ قاضی صابنہ پرٛانہِ شہرچ گوڈنچ پرٛزنتھ چھےٚ تمیک پرٛانبر، تہٕ پرٛانبر پسندی چھےٚ قاضی صابنہِ بیشتر شاعری ہٕند رنگ تہٕ نبض۔ "پرٛانہِ شہرک" اَوند پوکھ چھُ جاگیردارانہ تہٕ شاہانہ، تہٕ ہواوا چھُس الف لال چالہِ۔ زندگی ہٕند تصور چھُ پہلدار، توے تہٕ چھِ تھدس تہٕ سنگین قلایہ کِس دروازس بیٹھ نہٕ گرٛزلہِ تہٕ نیٚز ہیٚتھ چار آئینہ گنڈِتھ حبش تہٕ نظرِ گژھان، زنتہٕ پاہکھی در تہٕ بُرزہپش دِتھ لرِن ہنزن دارن کھوٗن دی دی خوش باش تہٕ خوشحال خوجہ زادٕ تہٕ پوٚت آنگنس منز۔ اندی بٕکھی ژھالہ تُلن والین ہٕرنن درمیان ہیٚتھ زالی وانکن کوستوری نافہ ملن واجنہ خوجہ بایہ تہٕ دریٹھی لیوان۔ اکِ اَند سونہ کورِ ہی تھرِن گوڈ برٛان تہٕ روٗنہ سٹین ہٕنز تار وایان تہٕ بیٚیہ اند اکھ جودگرٕ ژی براونٹھ کنہ اکھ وُبہ وٕنی منقل ہیٚتھ اکِ بدلے گاہ چکی ژانگی پیان تہٕ وَنان "پرانی ژانگی دیو، نوِی ژانگی ہیٚیو"۔ اکہِ طرفہ طوطس کار وُٹھتھ جنس زُو کڈنہٕ لیوان تہٕ بیٚیہ طرفہ ساکس تیرن والین شہزادن ہند باپتھ گاٹس بیٹھ رنگہ ناو پرٛاران۔ اکِ اند اُتھی شہرس کُن اَکس وُہرِتھ

اجدر وٚلِسی گژِھتھ دٔریاوس تارٕ کدل بنیومُت تہٕ۔ یِمہٕ اَند اَنہٕ کُنٹھ منز
قرِمزی فردٕ وٕلِتھ کُھتام نفر کِتھ تام نامعلوم طرفس کُن روانہٕ سپدٕ وُن، شاید
کَتھ تام زیادٕ خوش رنگ دِنہس کُن؛ تیتھ بدلہٕ دُنیا یمہِ کہ خیالہٕ نظمہِ
ہُند باوکھ، یمہ برأنس شہرس پرتھہ اَندٕ بھیرتھ تمکی ساری رنگ دِچھمتی چھ،
قرمزی فردِ وأکس نفرس جتنہٕ کران ز "لوٗت پھیرتہٕ میٚتہٕ نتہٕ پانس ننی۔"

قاضی صاب چھُ مذکورٕ نظمہِ منز۔ کلہم کرِتھ اکِ خوشباش، خوشحال، تہٕ
دلکش شہرُک پنُن رومأنی تصور پیش کران، اکِ رنگ بستہ سوکھ ساوِرک
نقش یُس پرَن وألی سِندِس تہَ ازلی تہٕ ابدی بشری وُزٕ وُزس کھیں نے
تہٕ بیدار کران باسان چھُ یُس تس پرتھ حالس منز۔ بیش یا افتادٕ حقیقتہٕ مقابلہ
اکِ یا بٔیہ خیألی حسنکی خاب وُچھناوان چھُ۔ تاہم بٔیہ یہ اہم سوال تہٕ دلس
منز لٕہٕ وُن ز قاضی صابنس تصورُ حسنس چھا تیتھ کانہہ مُلرٕ ووتھان یُس
کانہہ بالا ادراک وُتش وُزنا وِہے، یتھہٕ پاٹھی مثالے وأڈسوٗرتھی نظم
TINTERN ABBEY یا ODE TO IMMORTALITY وُزناوان چھے، یا کولرجنہٕ
"کُبلے خان" نظمہِ ہندی آخری کیہنہ مِصرٕ؛ یا کرِہے مذکورٕ خیألی شہرس
تمہِ شہرٕ نیبرِمس واقعی صوٗرتِ حالس سٟتی کُنہِ رنگہٕ متصادم، یتھ کٕنہ کولرجنہٕ
THE ANCIENT MARINER عنوانہٕ نظم کران چھنے۔ یہ مشرُن چھُ
مشکل ز خاب چھُ چھیکرس خاب یتھ بیدأری زاگہِ آسان چھنے۔ یلہ چھُنہٕ

کولرِج ینِس طلسماتی جہازس بوٗڈ لاگِتھ برونٹھےٚ غرقاب کران۔ قاضی صابُن
فردِ پوش "بوے" چھُ یقینَن یِنٛ آسِتھ خابَس تراوِتھ کتھ تام نامعلوم طرفس کُن
روانہ سپدِن وول مگر تمی یوسہ فرد وُچھِتھ پتھ سوچھس پرانے شہرک حسابہ
قرِمزی تہٕ روٗمانی۔ اغلب چھُ زِ فردِ پوش نفرس ستی ہمسفر سپدنُک تمنا
باوَن وول نفر واتِتھ چھیکرس بدل کنہِ اندی پکھس منز۔ مگر آسہ سُہ بہرحال روٗمانی
طرزُک۔ یہ چھُ شاید قاضی صابنہِ کوتاہ گردش تصور کے تقاضہ زِ اگرچہ اکھ اجدر
وُنہِ تہٕ اتھ شہرس کُن آس وُہرِتھ چھُ مگر گوٗمُت چھُ سُہ وٲنسی تہٕ بتیومُت چھُ کانہہ
بدخواہ ثابتھ سپدِتھ بجایہ دریاوس اپور ترنُک تہٕ خوش گذران شہرس منز۔
واتنُک وُسیلہ۔ بے شک چھُ اَتہِ تمِس جنِہ سُند تہٕ ظون وۄتلان لُس خواہ مخواہ
اُکِس کورِ براد یومُت اوس مگر اَکی ساسہ وُہری جو دگرن پتھ طوطس کار
وُبھِتھ تس جنِس زوکڈِتھ سبیل کرمژ۔ یہ چھُ سُہ شہر یتھ کِنی مہرنن ہندی پاکھٹھ
شیرتھ پیرتھ بازرن ہندی تمبلاون والی کم کم چیز وُچھِتھ وَق تام پانہ کھوٚر
کھڑاوِتھ تہٕ ٹلی ٹار نظر دی ہوس بَران چھُ زِ "بُتہِ کیٚہتہ ہیمہ ہا!" اتھ
خابناکھ موضوعس منز۔ کوتاہ مال مسالہ چھُ تیتھ یُس کُنہِ عظیم شاعر یہ ہُند
زُوزبتہ، معنوی وُسجار تہٕ جمالی طرحداری یہ ہیٚز۔ بُنیاد بنتھ ہیکہ؟ یہ چھُ
قاضی صابنہِ شاعری ہُند مول مرتبہ مُعین کرن والی ہند باپتھ شاید اکھ
اہم تہٕ نظر انداز نہ سپدِن وول سوال۔ قاضی صابُن سرنامہ چھُ عقلہ ہُند

زٕونگ زٕھیوٗراوُنُک تہٕ اسطوٗرن وۄن دِنُک ترغیب دِوان، حالانکہ کاہنہٕ تہٕ ادب پارٕ پرٛان پرٛان چھہِ اَسی احساس گیوٚ عقل دوہ شوٚے زٕلانٛگ روٗشن تھاوان، تہٕ توے کِنہِ اسطوٗرن منٛز تہٕ زندگی ہٕندین مۆلی معاملن تہٕ مسلن پٮ۪ٹھ متعارف تہٕ متصادم سپدان۔

قاضی صاب چھہٕ صرف لوٗکچارِ اظہار پنٕنس تصورٲتی اَندٕ کِچھ بے یوت خاب صفحہٕ تہٕ داستان گُمناوان بلکہ تِتھہٕ ماحولس منٛز گژھن لبن والین ہنٛز والہانہ عشقٕ معاملن منٛز تہٕ پنُن بالغ تہٕ کلہم وجوٗد ووٚلساونہٕ بجایہٕ محض پنٕنہ شُری پرژھایہِ ہٕندیا نازٕ بالغ شوقُک اظہار کران تہٕ تِتھہٕ اکہٕ افلاطوٗنی زٕوِیُک باس دِوان یُتھ نہٕ کُنہِ کانٛہہ جنس خیز (EROTIC) لہر ووتھان چھےٚ۔ لہر گٔیہِ کتھا، کانٛہہ گرم تن پیٚترِ تہٕ نہٕ۔ اَمہِ لولہٕ افسانکی محبوٗب کردار چھہِ اَکھ بدن تہٕ سوٗزٕ لہٕ ڈٕلٕ ڈٕلٕ۔ خاکی چھہ زٕ شعرَن منٛز۔ تِمنہٕ ہنٛز ذکر بیٚیز ہنٛز چھےٚ۔ اَکس منٛز چھُ تِمنہٕ تن رلاوُنُک ہمسوس وانٛگ پاکُھٹی باوٕنہٕ آمُت، مگر محبوٗبس "جگرو" وۄنتھ چھےٚ تِتھہٕ باوُژ تِہنہٕ موریمژ، تہٕ بیٚیس شعرس منٛز چھُ تن شہلاوُنُک خیال بجایہٕ خود شُہن، تہٕ لوٗنِمن تِل ووٚتھنہٕ سیبہٕ چھُ زٕوورُے تزر ہِین باسان۔ قاضی صابنِس عاشقٕ سُند لولہٕ اظہار چھُنہٕ یکطرفے یوت بلکہ ورگہ تہٕ حیالوٗیوٗت تہٕ کُنہٕ جسمٲنی تزرٕ یا جذبٲتی قرزٕ نِشہٕ پاک تہٕ۔ یہٕ خوجہ زادٕ مول چھُ زنہٕ شُری دزرس زامُت یا نازٕ بالغ

یَژھان تھَہٕ پیوٚمُت - شُر چھُ موٚت مگر زنگن پَتھ، محبوبہٕ ہتہٕ یادا وُری چھےٚ اَلاو مگر سبزہٕ شاداب ؎

میون دل رنگہٕ موٚت چھُ معصُم شُر

چانٕی یادا وُری چھےٚ سبزٕ الاو

اکھ اَکھتھ مَا کھتھ دل لگی سِیتھ بڈ آری ہُند عالم خندٕ کرتھ ہیکہٕ:

زیٹھ شیح مُتہٕ نیند راہ تراوو بوٚنِن تَل — آسہٕ دوہا اَسی دوہ شوٚے راوو بوٚنِن تَل

اَسہٕ ورٕ ہیو نچہٕ اَسی شیر اَکِس اکھ لاگو پوٚش — بِچھی وو شلاوو تَن شیہلا ووٚ بوٚنِن تَل

ییٚتھی منز جوش گرتھ تِھی منز یِتہٕ اَسی تراوو ڈاپھ — ہوٚس منز مندور بَنا و وٚ بوٚنِن تَل

زَنہٕ گرتھو اَسی بازر کم کم چیز، ہیمو — لال جواہر اَسی خرچاوو بوٚنِن تَل

بر وہ نہہ کَنہٕ اَستھ باسہٕ سیٹھاہ دور یمتہٕ اَسی — اَکھتھ مَا کھتھ ییلہٕ اَسی راوو بوٚنِن تَل

چانہٕ انہار میون شعر وَتُن — ٹوٚپہٕ تَل تاپہٕ ٹیوٚک رُٹھتھ تھاوُن

کینہٕ وشعر وتہٕ چھُ یہٕ تام نیب لگان زِ اَتھ اَکھتھ مَا کھتھ دل لگی یہٕ تام چھُ اکھ کُڈر وکانہٕ گوٚمُت ییٚمیک طوٚن ہرگاہ محض کانہہ سوٚرنیہٕ لےٚ تہٕ وُزناوِ سوٚلےٚ باسہٕ زَنہٕ کنَن منز کَارتھ ناگ وسان، تہٕ تمہٕ سببہٕ باسہٕ دردگارِ وَتھ تام زَنتہٕ ہر دِلہٕ کُنی دَزان:

تس شخص سوٚرنےٚ باسان زَن کارتھ ناگ کنَن

کھاندر ہر گاہ کُنہِ دوہہ باسان چھُس تتھ کوچس منز۔
خابک یہِ ایڈیل دُنیا تہٕ عاشقی ہُند یہِ سبزہ زار دوشوے اگرچہ خۄبہٕ کمی
ہندی شکار باسان چھِ مگر تمہِ باوجوٗد چھِ کأشر شاعر یہِ باپتھ اکھ کم نظیر سوغاتھ
یتھ ڈلامیرِ سُندِ یہِ شعر پرِتھ دفاع تہٕ کرِتھ ہیکوتہٕ پزِ نہٕ پأٹھی قدرتہٕ:

And conseiece less my mind indicts

For Idle days than dreamless nights.

خابہٕ ہین راتھ چھنے بے کار دوہہ ہو کھوتہٕ زیادٕ قابلِ احترام تہٕ اکس معصوم
شُری ہندِس یا اکس تازٕ بالغ ہندِس ذہنی تہٕ احساسی عالمس اندری منز گرتھن
چھُ بجایہِ خود اکھ موٗلوٗن لایق تجربہ تہٕ زان۔



# احمد بٹوارنہ

# "نَے"

## نظمہِ ہُند تنقیدی مُطالعہ

مرغوب بانہالی

---

یُہسکہِ سالانہٕ قومی سیمنارہ باپتھ کشمیر یونیورسٹی ہندِ کاشُر شعبکہ طرفہٕ ژارنہٕ آمُت موضوع چھُ "کاشرس منز نظم... بدلوَنی انہار" تہٕ اَتھی موضوعس تحت چھےٚ مےٚ یہِ فرمایش کرنہٕ آمٕژ زِ بہٕ گرٕژھن مشہور صوفی شاعر مرحوم احمد بٹہ وارِی سٕنٛز معروف نظم "نے" ناقدانہ آیہ تخلیقی حُسن تہٕ قُبح سان بلکہ عربی تہٕ فارسی پس منظرسان قدر سنجی اندر انٕنۍ۔ اگرچہ وقتُک تنگ دامانی ملحوظ تھٲوِتھ اَندِ پٕتہٕ مِن یا وُمِن منٛٹن منز تہٕ سورُے تاہم چھےٚ مےٚ امید زِ توٚہہِ منز آسن اکثر حضرات وخواتین اتھ کتھہِ وارٕ سٕنٛمتی زِ زِنگہِ رنگہٕ تیاری تہٕ سکہر کرنہٕ باوجود دیٚلہ اَسی اکھ ٹاٹھ کوٗر واریوٚکُن روانہٕ کرُن وِزِ رخصت کران چھِہ تسند مستقبل روشن تہٕ امکانات افروز باسنہٕ باوجود کتھ پاٹھۍ چھُ اَسہِ تسنٛزِ جدٲیی ہُند احساس واٲنٛج ڈُبہ پھِرِنی ہیوان تہٕ مہرینہِ ہٕنٛزن وٕلسن تہٕ بٕنینن

یا ماسَن تہٕ پھوپھِن ہُند۔ لولہٕ ونوُن کیٚتھ چھُ اَسہِ اَندری باکہٕ ژھٕٹہ ناوان۔
انسانی جذبن ہُندِس اَتھی پزرس ویٚوُر تُلان چھُ فارسی زبانۍ
ہُند عظیم شاعر قرآن تہٕ ممتاز صوٗفی شاعر مولانا رومی تہٕ عالمگیر شُہرتہٕ
واجنہٕ عرفانی مثنوی دِس تُلان ییٚتہِ فارسی زبانۍ ہُند آخری بوٚڈ صوٗفی
شاعر یعنے خاتم الشعراء ناو لبن وول حضرت مولانا جامی 'مثنوی معنوی'
ناو کرِتھ ونان چھُ سہ مثنوی معنوی مولوی ہست قرآن در زبان پہلوی
امی عالمگیر شہرت واجنہٕ مثنوی ہُند حسنِ آغاز چھُ باے بسم اللہ پٕتہٕ" تے"
لفظ بناوہٕ آمُت ۔ یعنے احمد بٹہٕ وارِس تقریباً شتے ہتھ وری برونٹھ۔
عام نَیہ ہُند یا بانسری ہُند علامتی اظہار کرِتھ کمہٕ آیہ چھُ حضرت مولانا
رومی نَیہ ہنز آپ بیتی بارسس انان تہٕ حضرت آدم سُند آدن ژٕتس
پاوان تتھ متعلق چھُ یتے وَنُن کافی زِ سُہ چھُ علم و فراست والین
آدم زادن جدائی ہُند سوز وُزناوِتھ ستہٕ طبق مثنوی ہندین
ابتدائی ژوداہن پندہن شعرن اندرے روشن کران۔ تمیُک جلوہ
ہاوہٕ باپتھ کرِ بہٕ ییٚتہ مقالس پوٚتُس بطورِ اختتامیہ تمن ابتدائی پندہن
شعرن ہُند منظوم کاشُر ترجمہ تہٕ شامل مگر ییٚتہِ تھن وَنہٕ بہٕ تمہید زٕنگی تے
زا احمد بٹہٕ وارِ ی صاحبنہِ زیرِ مطالعہ "نے" عنوانٕچ نظم چھِنہٕ مثنوی بلکہ
اکھ غزل نما نظم۔ البتہ چھِنے یتہِ صرف پندہن شعرن پیٹھ مشتمل۔

گوڈٕ یوٗز یوٚکھ بہٕ وارٕے صابنہٕ امہِ وضاحت طلب "نے"، نظمہٕ ہندی تم ستھ شعریم تنقیدی مطالعہٕ رٕنگی خاص توجہ منگان چھِ یعنے نظمہٕ ہندی زٕ ابتدائی شعر ترٕے متنز کنکی شعر تہٕ زٕ آخری شعر۔ تکیازِ یمے ستھ شعر چھِ نظمہٕ ہُند مرکزی خیال دوان قرآنی آیو علاوٕ اکہِ حدیث شریفچہِ روشنی منز ڈایران۔ گوڈٕ کرٕ بہٕ یمن ستن شعرن ہنز تحت اللفظ وٕوکھنے یعنے تشدید بیش یتھ پاٹھی:-

نے

بو نیہ یتِ سوز بوزنو ونس، سوزن ڈیتھ نیونس
ہنہ کے یار بلہ تن چھلنو ونس، چھاونس یتِ مدنس
پتھ ونہ راحل اوسُس بہ رائل، وو تم توتے نائل
زخمن تھندِ بن رووسُس بہ مایل، گٹن ژٹھ ترووِنس

. . . . . . . . . . . .

عشقہ نے دردہ نے، دیدہ نے، لاگنے نے نے، بوزنے نے
وَجَعَلْنَا مِنَ الْمَاءِ كُلَّ شَيْءٍ، چھم حیات لامکانس
وَنَحْنُ اَقْرَبُ مِنْ حَبْلِ الْوَرِيدِ، در وجود کُنزِ چ نے
اَلْفَقْرُ فَخْرِي وَالْفَقْرُ مِنِّي، گدرتھ چھُم فقیرس

تَیہِ منز بُڈنے چھَم حیاتِچ نے تَس سوا بێیہِ تہٕ کانہہ نَے
سیاہ پوش ظلمات کَمہِ رنگہٕ رنگنے ؟ چھَم حیاتی حیاتس

. . . . . . . . . . . . . . .

ووٗنی بوزِو نظمہِ ہِندی ژٕ آخری شعر

سَتہٕ نے ستھ بروج ستہٕ رێشی ہاونے، گنگہٕ نے منز آگنے
آگہٕ ہِندِ فرمانہٕ سَتھ نوٗر تابنے، واتِھ کل عالمس
حکمہٕ کس تختس یَس بِہہ تاونے، مرحبا تس کران دَے
احمد بٹہٕ وارِ مختصر ووٗننے، چھُے سَنُن زآوی جارس!

یتھ کاٗشِر نظمہِ اندر چھَنہٕ "آپ بیتی" بلکہ بدل کستام چھُ بٹوٲری صابس نیَہ ہُند گُدرُن تہٕ یِتھہٕ پاٹھی باوان زِ تس چھُ سوز بیان ڈیشِتھ نوان۔ ووٗنی یکوٲسی یِمن شعرن ہِندِ حوالہٕ تزکیۂ نفس کُن یعنے نظمہِ ہِندِس مرکزی خیالس تہٕ امکہِ ہیئت کِس جمالیاتس کُن تاہم گوڈ بوزِو یِمن ستن شعرن منز ورتاونہٕ آمتین مشکل تہٕ غار معروف تِمن لفظن ہُند مفہوم تہٕ یِم تخلیقی عملہِ تحت یِمن شعرن اندر داخلی موسیقی تہٕ زانُن دِوان چھِ مثلاً گوڈنکِس شعرس منز نوٗن حرفکی پاٹھی ہم وزن تہٕ ہم قافیہ یِم ژور لفظ دوٗیمِس شعرس منز ورتاوِتھ۔
۱، راحِل ۲، رایِل ۳، تایِل تہٕ ۴، مایِل امی آیہِ نظمہِ ہِندِس ژوٗدٲہِمِس شعرس منز ۵، ست ۶، ستھ بروج تہٕ ۷، سَتہٕ رێشی بیترِ یِتھی ساری

لفظ چھِ نظمہِ اندر داخلی روٗنہِ شروٗنیہ تہٕ موسیقیت وُزناوان۔

بہرحال ۱، رٲحل گوٚو یِنہٕ والہِ کار وانٛچہِ وَتہِ مُدعے گُنڈِتھ وُچھن والین نفرن یا جانہٕ وارن پھیٚکی دارن وول شریف وُٚتھ یا اکھ تھوٚد کُل۔

۲، رٲیِل چھُ توٚہہِ خبرے سُہ گوٚو موٚٹ دروٗٹ پھجدار تہٕ قدآوار جنگلی کُل مگر بطورِ علامت اکھ جوانِ رعنا (ورگہٕ پاٹھی)۔

۳، ناٲیِل سُہ شخص یُس ژارِتھ یانم دِتھ اَفرتہٕ دوٗرچیز کھیٚلہِ مترٕ کڈُن تگہِ تہٕ

۴، مٲیِل گوٚو رٲضی برضا روزن وول تیٚتھ خُدادوست یُس حضرت شیخ العالم سٕندِ یٚمہِ شُرکیُک مجسمہ باسہِ زِ

کانٛہ تہندِ ین دآری زِہٕ سیر کرتھ چھُو کُن پھرِ زِلسہٕ روٗے

بلایہِ تہٕ تہٕ۔ ونٛیدی زِ کیٛھ شُکر سوٗے چھے ییٚتہ گیو تہٕ اَبرٕ وے

یتھے پاٹھی گوٚو (۵)، ستھ وُنتھ پوٚز یا اُردو سچ (۶)، ستھ بروٗج وُنتھ سیارن ہندِ گردِشکی سَتھ بُرُج تہٕ (۷)، ستہٕ رٕیشی وُنتھ گییہِ سَتھ تارکھ یا بُلہٕ قرآن پاکٕکہِ زِ آیہ کریمہ چھِ یٚمہِ ترتیبہ ۱، اکھ گوٚو یِہ خدآیی اعلان زِ آسہِ کوٚر پرتھ زندہ چیز آبسے پیٛٹھ آفریدہٕ یعنے الانبیاء، ناوکس اکوہمس سوٗرہ شریفس اندر ترہمہ آیہ کریمُک اکھ حصہ وَجَعَلْنَا مِنَ الْمَآءِ کُلَّ شَیْءٍ حَیٍّ

۱۱۔ دوٚیم گوٚو قاف ناوکہ یتھ اٚہمہ سورۃ شریفک شُراٚہم آیہ کریمہ وَنَحنُ اَقرَبُ اِلَیہِ مِن حَبلِ الوَرِیدِ ۞ یعنے یہ فرمانِ الٰہی زِ یہ چھُس بندس تسُندِ شہہ رگہ کھوتہ نزدیک ۔ تہٕ حدیث شریف چھُ اَلفَقرُ فَخرِی یعنے رسولِ کائناتس تہٕ اللہ تعالیٰ سُندِس آخری نٲبِس نبی کریمسؐ چھُ فخر تہٕ ناز فقرس تہٕ فقرتس پیٹھ دراصل چھُ خود شناس احمد بٹہ وٲری" نے" نظمہ اندر سون توجہ خاص پأکھٕ یمنے نوٗرٲنی نوکتن کُن پھران تہٕ زندگی ہندِس پرتھ معاملس یا پرتھ مسلس منز۔ نہ صرف رسول رحمتؐ ہندِس انسانیت نواز ماڈلس تزکیۂ نفسہ باپتھ پننٕ رول ماڈل بناونک تھٕ ر فکرِ تاران بلکہ فقط کُن خدا معبودِ برحق زانُنک تہٕ سُہ لَم یَلِد وَلَم یُولَد آیہ لاشریک تہٕ لامکانی حیاتہ وول مانُنک تاکید کران تی گوٚو ع یہ منز بڈنے چھم حیاچ نے، تس سوا بیٚیہ تہٕ کانہہ نے۔ بٹہ وٲری صاب چھُ زندگی ہُند پرتھ پہلوٗ پرزلاونُک ضامن رسولِ رحمتؐ سُنز پاروی کرنس تہٕ تہندِس پرتھ فرمانس پیٹھ عمل کرنس زانان تی گوٚو

ع آغہ سُند فرماتہ سُتھ نوٗرِ تابنے ، وأتھ کل عالمس۔ رحمتہ اللعالمین سُندِس پرتھ حکمس تعمیل کرن وأتسے چھُ حق تعالیٰ یا تہٕ آفرین تہٕ مرحبا ونان۔ احمد بٹہ وأری چھُ مشیتہ کس اُتھی زاوِ جارس وارستان تہٕ ہمزبانن تہٕ اُتھی زاوِ جارس سنّج ورگہ دعوت دِوان ۞

حکمہ کس تخنتس یس بہتاونے مرحباتس کراں دے

احمد بٹہ واری مختصر ووٚنتے چھے ستن زاوِ جارس

ووٚنی بناوٕن بہ حسبِ وعدٕ یمہ مقالک اختتامیہ حصہ رومی ہنز ع فانی مثنوی ہند پندہن شعرن پیٹھ مشتمل ابتدائیہ بلکہ تھاوٕ بہ فارسی زانن والین ہندِ خاطرٕ پننس منظوٗم ترجمس ستی تیر گا یمن پندہن شعرن ہند فارسی متن تہِ مقابلس منز شامل۔ بوٗزو کُنہ تبصرٕ ورٲے شعرس مقابلہ اکھ ہم وزن شعر آیہ متن کیو منظوم ترجمہ۔ دوٕن شاعرن ہندٕ ن بدوٗن قسمہ چھن نین سٔنتھ تہِ توٚہہ پانے زِ جدید نقاد کیاز چھِ تقابلی مطالعس خاص اہمیت دِوان۔ سُہ تقابلی مطالعہ کٔری زیو تُہی یہ فارسی مِصرٕ گنگرا وان گنگراوان زِ ع ببین تفاوتِ راہ از کجاست تا بکجا خیر بوٗزِو فارسی متن کیو اکھ کاشر منظوم ترجمہ:

| | |
|---|---|
| ۱۔ بشنو از نے چوں حکایت مے کند | بوزتہٕ تہِ نے کتھہ ہٕنٛن گدرُن وننان |
| وجدائی ہا شکایت مے کند | پریتھ جدائی گراو چھس یتھہ کُنی گنان |
| ۲۔ کز نیستان تا مرا ببریدہ اند | دگ مئے لُستر آوکھ نیستانس ژٹھہ |
| ورنفیرم مرد و زن نالیدہ اند | تہ لیوان ووشہ میانہ لوکن اوش پیٹھہ |
| ۳۔ سینہ خواہم شرحہ شرحہ از فراق | گدٕ ی گیم ہینس یوٚز ژھم باوٕن فراق |
| تا بگویم شرحِ دردِ اشتیاق | مٔنز مئے وٕ تھناوُن چھ دردِ اشتیاق |

۴، ہر کسے کو دور ماند از اصل خویش — یس وصل راوُن چھ راوُن تیوٗل بنان
باز جوید روزگارِ وصلِ خویش — اصلیُک وۄن دیُن چھ تسی مزراہ آنان
۵، من بہر جمعیتے نالاں شُدم — نالہٕ بتہٕ پرِتھ شایہ دیوٗس یارہٕ دادٕ
جُفتِ خوشحالان و بدحالاں شدم — نیک تہ بد ڈیشہ ناوُس یارہٕ دادٕ
۶، ہر کسے از ظنِ خود شد یارِ من — میٚہ پنٕنے پرِتھ اکھا مینان منے گوو!
وز درونِ من نہ جست اسرارِ من — کانسہ ژیوٗنا اندرُکُس بریان منے گوو؟
۷، سِرِّ من از نالۂ من دور نیست — آسنک سِر نالہٕ ہے منز چھم گیتھ
لیک چشم و گوش را آں نور نیست — ناقص اچھ یا کن ہیکان چھا سر نیتھ
۸، تن ز جان و جان ز تن مستور نیست — جسم روحس روح جسمس ژور چھا؟
لیک کس را دیدِ جاں دستور نیست — تہ ہہ نہ آگہ موکل نہ روح دور چھا؟
۹، آتش است این بانگِ نای و نیست باد — نالہٕ نیٚہ "وچھ نار" ییٚہ زانکھ یہ واو
ہر کہ این آتش ندارد نیست باد! — ییٚس نہ اَمہٕ نارٕچ خبر تس کیٚہ بساو؟
۱۰، آتشِ عشق است کاندر نے فتاد — باگہٕ نیٚہ آمُت چھ لوٗلک خاص نار
جوششِ عشق است کاندر مے فتاد — سوزِ عشقے نیٚہ دِواں تالن خمار
۱۱، نے حریفِ ہر کہ از یارے بُرید — ترجماں نے تس چھے ییٚس ژھینہ یارٕ گوو
پردہ ہایش پردہ ہاے ما درید — پردٕ نیٚہ روٗد چھ پردٕ اَسہٕ بیزار گوو
۱۲، ہمچو نے زہرے و تریاقے کہ دید — آزماوان زہر کیو تریاق نے

ہمچو نے دمساز و مشتاقے کہ دید — مُحرمن دمساز کیو مُشتاق نے

۱۳، نے حدیثِ راہِ پُر خوں مے کُند — نے چھے رَتہ سُرِی لولہ وَتہ ہُندیے قمان

قصہ ہاے عشقِ مجنوں مے کند — حال رتہ مجنونہ سُند بروہ نہ کُن انان

۱۴، دمدمۂ نای از دمہاے اوست — نَیہ چھے نالن منز سوہ ہجر چ دگ لبُتھ

ہاہوے روح از ہیہاے اوست — وائی متی یہ وَتھ چھ یمہ دگ رُوح ژَسبھ

۱۵، گر نبودے نالۂ نے را ثمر — آسہے نے نالہ نَیہ ہُند پُر ثمر

نے جہاں را پُر نکردے از شکر — عالمس تیلہ بخشہ ہے نے کیتھ شکر

"وَالسَّلَامُ عَلیٰ مَنِ اتَّبَعَ الْھُدیٰ"



# کاشُر ترقی پسند نظم

غُلام نبی خیال

یوٗدوے اَسی کاشُر زبانِ ہنز ہم کال نظم تھیکہٕ ناوٕ تہٕ مولہٕ ناوٕ تیٚلہِ چھِ اَسہِ خاص کرتمی نظمہِ ہندی تعریف کرٕنی یوٗسہ ۱۹۴۷ء پیٹھہٕ الہِلہِ ۱۹۶۰ عیسوی ہس تام ترقی پسند ادبی تحریکہِ ہندِس وقتس منز لیکھنہٕ آیہ۔

اَمہ دورچ کاشُر نظم چھےٚ سانہِ شعری خزانک سارِوے کھوتہٕ موٗلُل سرمایہ تہٕ از تہٕ چھےٚ ۵۰۔۶۰ وری برونٹھہٕ تحقیق کرنہٕ آمژ یمہٕ نظمہِ سانٛس ہم عصر ادبی دُنیہس منز برمحل تہٕ حسبِ حال۔

نظمہِ چھےٚ عام پاٹھی یہِ تشریح کرنہٕ آمٕژ زِ یہِ چھےٚ شعرن ہنز سو ساخت یوٗسہ زبردست فن کاری تہٕ معیاری زبان ورتاونہٕ پیٹھہٕ اکہ خاص قسمچ لَے پرٛاوِتھ شکل و صورت اختیار کرِ یمہٕ کنہِ موضوع اَکِس وَکھرِ صورتس منز شدید احساس ہندِ مُکہٕ مایہ کرِتھ ورتاونہٕ یِیہِ۔

یوٗنانی تہٕ لاطینی پاٹھی چھِ نظمہِ POEMA ونان تہٕ اَتھ یِیہِ زیادٕ وضاحتہٕ سان تجزیہ یِیہِ کرنہٕ تیٚلہِ چھِ کینہہ مغربی نقاد ہومرسنز ایلیڈ تہٕ

اوڈیسی تہٕ ورجل سنٛز اینیڈ تہٕ نظمہِ ہندی ہیٚے کھاتس گنڈان ملٹن سنٛز فردوسِ گُم شدہ تہٕ چھِ اتھ ذکرِ منز لیوان۔

نظم چھےٚ بذاتی افسانُک موٗخصر تہٕ پُرتغزل بیان۔ اکہِ طرفہٕ یوٚدوےٚ غزلہِ کس پرتھ شعرس منز اکہِ مضموٗنُک پوٗرِ پوٗر مفہوٗم تہٕ معنے موجود چھُ آسان بیٚیہِ پاسہٕ ہیٚکہِ نظم شاعر سنٛز پننہِ مرضی تہٕ فنی بیش کاری مطابق زٕھوٚٹ یا طوٗیل آستھ۔ امایوٚز یہِ فن پارہٕ سنٛز ثولوٗت بوٗزِتھ یا پٔرِتھ گرٕھہِ باسُن زِ تخلیق کار چھُ اکھ اکس باثر تہٕ معنی خیز عروجس واتناونُک اہل اوسمُت۔

تأریخی لحاظ تہٕ ہیٚتہٕ زنگی چھےٚ کأشر نظم ہتھ زٕ ہتھ وری پرأنی مگر یتہٕ لیُس انھار تہٕ جہار اَتھ آزادن تہٕ مہجورن تہٕ بیٚیہِ کینہِ ژٕ ہم عصر شاعرَو دیُت سُہ اوس کأشرِ نظمہِ ووہتھ بوٚدنُک اکھ شاندار کارنامہٕ بہر حال کأشرِ شاعری منز روٗد غزلہٕ کیٚ پوٚت گوٚب لیُس محموٗد گامی پتہ بیٚتھ برابر ازتام سانین گوٚنماتن ہُند پسندیدِ صنفِ سُخن روٗد۔ مقامی طور چھُ غزل گوٗئی ہُند اکھ مثبت پہلو یہِ تہٕ زِ یہِ چھُ گیون والین نٔٹس کھسان تہٕ شاعر چھُ اَمہِ کہ برکتہٕ عام لوکن منز پرزناونہٕ تہٕ زانہٕ یوان۔

ترقی پسند ادبی تحریکہِ ستی لوٚب کأشرِ نظمہِ اَوکنہِ تہٕ وُسہٕ جار زٕ اَوٚت تام اوس کأشرِ شاعری ہُند گٕھ غزلن أندی أندی سپدان تہٕ اَتھ شعرِ ذأژ اوس خاص کر محموٗد گامی، رسول میر، مہجوٗر تہٕ آزادن بٔڑ زرکوٚرمُت۔

ترقی پسند ادبی نظریہ اوس زندگی تہٕ اَمہِ چہِ خوبصورتی ہُند نقیب تہٕ شاعرن باسیوو زِ تِم ہیکن ابدی زندگی ہُند یہِ پیغام زیادٕ ہنرواتناوِ سان نظمہِ ہندِ ذریعے پرن والین تہٕ بوزن والین تام واتناوِتھ۔

گوڈٕ گوڈٕ روٗزکاشر نظم زیادٕ تر نعرٕ بازی تہٕ حالات تہٕ احساس بیانہٕ پاٹھی باوِنس تام محدوٗد۔ مگر ییلہِ گوتہٕ ماتن باسیوو زِ یتھ شاعری چھنے چھیکرس وقتہٕ کِس سالابس ستی ییرِ گژھان تِم پھیری زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ فن کاری ہُند ہو زِ ورتاوِنکس ڈٔہس کُن تہٕ یتہٕ آیہِ کاشرس منز کیہنہٕ شاندار نظمہِ لیکھنہٕ۔

نور محمد روشن اوس ترقی پسند ادبی تحریکہِ ہندیو قافلہ سالارو منز تِمو کوٚر پننہِ شاعری ہُند ابتدا زیادٕ تر قطعات لیکھنہٕ ستی مگر اتھ مخصوص ڈانٛچس ستی ہیوٚکہٕ تِمو پننی فنی استعداد مشخص کٔرِتھ۔ اما پوٚز اگر زن کاشر نظمہِ ہندِ حوالہٕ روشنی اکھ نظم شہید ہیتھ۔ ماج زیر بحث اَنو یہِ جذبات خیر فن پارٕ چھُ ازتہٕ اَسہِ اَزی چہِ کٔشیر ہُند حال باوان۔

کماس تِ ووتکھ کمالا ژٔے ہووُتھ
جنوٚنس اندر نار ہیے پان ترووُتھ
یہِ بُجہِ ماجہِ سُے للہٕ ونُے نار تھووُتھ
وُچھن نا بہٕ کانہہ بنیہِ تہٕ انہار چانے

ژٕ اُچھ گاشہٕ میانے جگر پارٕ میانے
چھسے بآج آہٕ شہید وسلامے!

مرزا عارف اگرچہ ترقی پسندی ستۍ زیادٕ کانٕس رٕوُدٕ نہٕ مگر اتھ دورانس منٛز خاص کر تسنٛز پیچھٕ ژٕ نظمہٕ "دُسہٕ" تہٕ "باتہٕ آج بال" چھےٚ ازتہٕ سائنس احساس وُتسٕ دِوان:

ترِٕ تاوِ دٕزِتھ تہٕ ہیمتھ مازٕ وُستھ آکھ
اَکِہ بارِ تُلتھ بور کھوٚتکھ کھور دٕدی ما!
تراو ڈاف اُتی شین چھلی چانہٕ دلکی داغ
وَنہٕ سو تہٕ ہوا اور کھوٚتکھ کھور دٕدی ما

نور محمد روشن چھےٚ بیٚیہٕ تہٕ کرٕژ کاشُر نظمہٕ پیچھٕ ژٕ تہٕ تس ستۍ ستۍ آسی عبدالستار عاصی، نندلال امبار دار، ارجن دیو مجبور، حبیب کامران، غلام حسن مفتون، عزیز ہارون، غلام نبی عارض، دینا ناتھ المست، پیتامبر ناتھ فانی، عبدالمجید سائرٕ تہٕ پریم ناتھ پرمی تہٕ اتھ شعرٕ ذاتٕژ منٛز تجربہٕ کران۔ مگر اتھ سارٕ ہے کلامس پھیرٕ دِتہٕ یتہٕ چھنہٕ اَتھ منٛز اَبہٕ کانہہ شاہکار فن پارٕ نظرِ گژھان۔ یمن شاعرن ہنزن اکثر نظمن منٛز چھےٚ سوے لفظ بازی تہٕ بیان سازی ٹاکارٕ پاٹھۍ واضح یمیک وُنی تذکرٕ آو کرنہٕ۔

حقیقت چھِ یہِ زِ کاشُرِ ترقی پسند شاعرن ہندی یِمو محدوٗد تعدادن نظمہِ آے تہٕ پلے دِیت تہٕ یہِ صنف کوٚر تھ اکہِ باوقار تہٕ بااثر شعری اظہار چہِ شکلہِ منٛز قایم تم چھِ نادم، روشن، رحمان راہی، امین کامل تہٕ غلام نبی فراق ۔ امہ پٲٹھۍ زِ فراق ہنٛز و بیٚنہٕ ذاتی نظمو کھوتہٕ چھِ تٔہندی تم منظوٗم ترجمہٕ زیادٕ کامیاب یِم تمۍ مغربی شاعرن کولرج، ٹینی سن، آسکر وایلڈ، کیٹس، کرسٹو فرمارلو، شیکسپیر، وارڈس وٚرتھ، شیلے، ایلیٹ تہٕ رابرٹ فراسٹس کرۍ۔ فراقنۍ یِم ترجمہٕ چھِ کاشرِ نظمہِ باپتھ اکھ موٗلُل ہُرُر۔

نادم چھُ پننہِ کتابہِ "شہلی کُلہِ کنۍ" پیش لفظس منٛز دعویٰ کران زِ یلہِ تمۍ یہِ نظم مجاہد منزلہِ اکس جلسس منٛز پٔرٕ سارِنۍ گیہِ عقلہِ نقل۔ امہِ نظمہِ ہُند اکھ بند چھُ:

شہیدن ہٕنٛز شان بن
ژٕ میر کاروان بن
کشیر پاسبان بن

فنی نوکتہ نظرکنۍ کمہِ معیارچ چھِ یہِ نظم سُہ سوال چھُ جواب طلب۔ نادمنۍ یادگار نظمو منٛز چھِ "بہ گیوہ از مےٚ چھم کام باقی"، "ڈل ہانزٕ ہُند گیوٗن"، "ڈلہِ بٔٹھۍ بٔٹھۍ"، "شہلی کُلۍ" تہٕ خاص کرِ "مےٚ چھم آش پگہچ"

ذکرِ لایق :

شُرِن مول واتیم
یُتھے بوزٕ آلَو تیتھے برونٹھ نیرِس
رٹن نالہٕ مَتہِ زورٕ اُندی بہٕ پھیرِس
نِوُس تانٕ گاسَس پیٹھٕ جالے شیرِس

شُرِن مول واتیم
تھکِتھ آسہِ آمُت گوڈٕنی یاد ناوس
تہٕ موٹھ دوگ دِوان لُوُلی نیندٕ رپاوس
تہٕ نکھہٕ چی گنڈٕ برونٹھ کنہِ نظر تھاوس

شُرِن مول واتیم
گھرِ منز نوی گُل تہٕ گلزار آسن
مےٚ چھیٚٹھ جانٕہِ کنہٕ واجہِ طومار آسن
جیبیَس خچن ہاج کتہِ دیار آسَن

شُرِن مول واتیم
یِون عید کرِتہ اُسی پلَو نُو بناوو
تہٕ کیچہِ پوٗتی جورا تہٕ قربان تھاوَو
جیس ژانٕہ باجن شرِنی باگراوو

شُرِن مول واتم

دیان جنگ چھُ ووتھ وُن
پگاہ گوٚژھہٕ سپدُن
شُرِن مول واتم
پگاہ گوٚژھہٕ سپدُن

نادمنین اکثر نظمن منٛز چھُ وطن پرستی تہٕ کشیر نوازی ہُند جذبہ شدید تہٕ بر پوٗر اثرٕ پیٹھ نمایاں تہٕ اَتھ احساس تہٕ اَمہِ کِس بیانس پیٹھ صرف مہجورس تہٕ آزادس ستی موازنہٕ کرہٕ۔

راہی ین ییٚلہِ غزل لیکھٕن ہیوٚت امین کامل لوٗگ تس ستی قافیہ تہٕ ردیف تہٕ بحرٕ ژنگی تام نقل کرنہٕ ییمہِ کنہِ کینژھس کالس کالس پننِس کمال چھُمبِن تہٕ چھارن لوٗگ پتہٕ ییٚلہِ سُہ اَمہِ احساسِ کمتری منٛز دراو سُہ ووہریو اَکِس پوٚختہٕ کار نظم گو شاعر سٕندِس روپس منٛز۔

ترقی پسند ادبی تحریکہِ ہندِس دورس چھےٚ رحمان راہی ین کیٚنہہ خوبصورت تہٕ ابدیت پراون واجنہٕ نظمہٕ لیچھمٕژ۔ یمن کینژھن ہم عصرن ہندی پاٹھۍ رۄد نہٕ سُہ زیادٕ کالس بیان بازی لور بلکہ تمی سٕندین شعورس تہٕ فنی بلاغتس کوٚر وقتن پلانۍ مٕہ مایہ تہٕ راہی دراو اَکِس پسندیدٕ نظم گو شاعر سٕندِ ژنگی مارکس منٛز۔

گُلستانِ سعدی منز اکِہ طنزیہ نظمہ ہُند حال چھُ ازتہ اَسہٕ پٔنٕن سُہ اوّند پوک ہاوان یَتھ منز ظالم تہٕ مظلوم برابر برسرِپکار چھ تہٕ پوٗرٕ ہلاوٕن چھُ ازتہِ وۄنہٕ بچِن ہُند ناودِتھ زورزبردستی ہُند عذاب تلُن پیوان:

یَتھ سمیس منز چھا کینہہ ژھانڈُن
زول ہے جھلکی نارن کانشہا
ڈٕپِزِ تہِ یہِ چھُ وۄنہٕ بچا ہیو
قدکُس سارِم رنگ کُس ڈیشِم؟
حالس لگہ بے گارٕ بلایِن
یَتہٕ وُچھ بس اَدٕ پوٗز کِتھ پرزٕلیم؟

راہی ہنزن قابلِ تعریف نظمن منز چھےٚ زُو چھُم برمان حُسنِ لازوال مگر وِیتھ ما چھےٚ شونٛگِتھ، سو تہٕ لانکہِ پیٹھ، یَتھ اگر یِیہِ ہے تہِ موتس وٲری تہٕ بہار آو ییٚیہِ لولہٕ سان شولہٕ ماران بیترشامِل بٕ۔

چھ از پرتو لاگی ہتی نوی پلو آسمانس چھُ نیچر نوان زندگی ہُند
چھُ کشمیر ہسے از رگن منز نوٚو وُے رتھ دوان زندگی ہُند
توٚے از چھُ شاعر نوی بابہٕ نوٚو رس چوان زندگی ہُند
توٚے از چھُ راہی نوٚو وُے نوٚو ترانے گیوان زندگی ہُند

"سیاہ رود جرین منز" مجموعس منز تہٕ چھ راہی سنز کیہہ نمایاں نظمہٕ شامل یمن منز خشک شہرس منز، پےٚ چھ ظلماتہٕ وُزان، تخلیق وغیرٕ نظرِ چھےٚ گژھان مگر یُس فنی آگاہ تس ترقی پسند دورٕکین تخلیقن منز موکل چُھ باسان سُہ چھُنہٕ یَتہٕ تمی دلکشی، دل نوازی، حُسن، تہذیب تہٕ تغزل ساں نوٚن نیران۔

کامل ہندٚن غزلن منز چھُ عام پاٹھٕ اکھ طنز یہ لہجہ درینٹھ گژھان۔

ہوٚنس گر دیتہٕ سوہٕ سُند کوٚر
رَتہٕ چھیٚپہٕ لگیو اتھ ووہراے

یور چھا پاٗرِم سیاست کاہہ چلان
یتھ دیاں جے کے ریاست تلےٚ تاے

بلبُل باشو گہلان من
کاو چھِ وقتکی موسیقار

مُلکن یم لاٹھِ کھیتھ کھور بانہٕ وُسی پٚن
چھِ تمِ پاٗزار آسی سوٚمبران مبارک

چھِ ترٛاوان ووٹ کس تاں موہر شانَن

چھِ نابد نٹٚ کراں کس تاں مبارک

امین کامِلن ییُٚس نوٚو لب ولہجہٕ کاشُر شاعری دیُت سُہ چھُ تمۍ سنٛدِس غزلس

تہٕ نظمہِ دوشوٚنی منٛز عیان۔ اماپوٚز تیُٚسنٛز نظم چھےٚ ازتہٕ سائنٕس جدید شعری

ذٕہنس منٛز تہتھ مرتبس پیٚٹھ یتھ تہٕ ازتام جوٚرِ دراو۔ کامِل اوس حساس تہٕ

کتھن سنٛن وول پوٚختہٕ کارگو نماتھ تہٕ توٚے اوس سُہ نظمہِ مُنٛد موضوع

ژارِتھ تمہِ باپتھ خاص کرِتھ اسلوٗب استعمال کران ییُٚس اَتھ شایان شان

آسہِ ہےٚ تہٕ اَتھ کھالہِ ہےٚ اکہِ لوٗبہٕ وُنہٕ فن پارک رنٛگ۔

کامِلنین نماینٛدٕ نظمن منٛز ہکو کھ ژٕ آکھ مگرٕ، زیرہ ویرج، پرِنۍ شاہراہ،

نیلہٕ ناگ۔ نارُکھا پرٛٚزلیو و، مرثیہ تہٕ بٔنیہٕ کیٚہتہٕ فن پارٕ شامِل کرِتھ۔

ہَتہٕ ساہےٚ دوستو ہم سُخن ہم دِلو!

کاٚنسہِ مایاد چھُوٚ توٚ تہٕ کیٚہنہٕ دیان ہو

پوٚش آسان چھِ کتھی؟

ذٕہی منٛے گومُت مُشتھ یاونٛے بیوٚد زٕہتھ

روزِ کوتاہ ژٕ تُس یتھ دناغس دِلس

واریاہ کال گو و سونٛتھ ووٚنی ڈیشنس

حفظِ مراتب نظرِ تل تھاوِتھ کوٚرِتہٕ منٛے یتھ مقالس منٛز ینٛین نظمن

ہُند ذکر۔ تۄ پیٹھ رِتہٕ ہرگاہ کانٛسہِ تحقیق کارس یا طالبِ علمس میانٮ۪ن نظمن
نِسبت لیکھُن یا تِمن تجزیہ کرُن آسہِ تِمن منٛز چھ ریشمان، شہر نامہ، شمع تہٕ
شاعر، شہید، اُسی کاشُر، اکھ ملک اکھ سالانی، خابن ہندی سراب،
وانٛکھ وَتھ، آزادی، کٔشیر تہٕ مناجات شامل۔ یِمہٕ سارےٚ نظمہٕ چھےٚ
میانِس مجموعہٕ کلام "الہامس" منٛز درج۔



# حأرِ ثات : اکھ ہیٔیتی مُطالعہٕ

رَتن لال شانت

"حأرِ ثات" عنوانس تل لیکھنہٕ آمژ موختصر نظمہٕ چھےٚ دیناناتھ نادم سٕنزٕ وبیش تر نظمو (تِمہٕ موختصر چھےٚ یا زِ چھہٕ) نِشہٕ نہٕ صرف اندرٕ وٗنی ہیٔژ کِنۍ مختلف بلکہ بیرٕ وٗنی ساختہٕ کِنۍ تہِ۔ بلکہ یہ تہٕ ہیکَو وٕنِتھ زِ یمہٕ چھےٚ جدید معنے کہ اندرونی چارٕ نہٕ نظم صنفہِ ہندِس رِوایتی ڈسپلنس درمیان کشمکشس دوران زاینٛ لبان۔ بےٚ شک یمہٕ چھےٚ جاپأنی شاعری ہنز تجدید شُدہٕ قدیم شعر صنف "ہائیکوٗ" ہُک ٹاکارٕ اثر ہاوان۔ مگر یمہٕ چھنہٕ "ہائیکوٗ"۔

بہر حال چھےٚ اَسہٕ خبرٕ زِ مضموٗن یا موضوٗع ہیچ منگ بادباد اگرےٚ رٕژھ کھنڈٕ مُشراوٕو، وزن بحر یا قافیہ، ردیف لحاظ چھےٚ کأرِتھ نظم عام پأٹھۍ ژور قسمہٕ لیکھنہٕ آمژ۔ نادم صأبن اوس وسیع القلب تہٕ وسیع النظر شاعرٕ یمہٕ یمنٛن جذبن تہٕ احساسن کھُلہٕ اظہار

دیت ۔ امہٕ خاطرٕ کرٕ تمو کاشُر تہٕ غار کاشُر شاعری ہنٛز۔ واریاہ شعر صنف استعمال ۔ تمو یِمہٕ ژوٗ شوٗنی قسمن ہنٛز۔ نظمہٕ ۔

۱۔ موزوٗن تہٕ قافیہ، ردیف بند نظمہٕ (آسہٕ بیشتر نظمہٕ مثلاً یراد، سوتھ تہٕ ہُرد، شہلہ کُل وغارہٕ)۔

۲۔ موزوٗن تہٕ بے قافیہ، ردیف نظمہٕ (مثلاً ژوٗر، چاکس پیرس نکھہٕ)

۳۔ موزوٗن آزاد نظمہٕ یعنے فری وٗرس (FREE VERSE)[1] (مثلاً بہ گیوٗ ہٕ از)

۴۔ بے وزن آزاد نظمہٕ یعنے وٗرس فری (VERSE FREE) نظمہٕ (مثلاً باران کوٹھ)۔

نادم سُند رُجحان تہٕ بتر وُچھتھ چھُنہٕ تعجُب گژھان زِ تمو کوٚر از برونٛٹھ بٛتراہ وری وُرس فری صنفہِ ہُند تہٕ تجربہٕ یِیلہِ زن یہ صنف کاشرِس منز۔ وٕدنی وٕدنی صحیح پاٹھۍ استعمال سپدان چھنے۔ تسُند یوٚہے تجربہ اوس ذمہٕ وار نادم ہیکوٚس کُن پھیرنس تہٕ تسنٛدن حارث نات نظمن زاینٛ ادِ نیرِ۔

---

۱؎ بے وزن بے قافیہ ردیف (RHYMELESS) یعنے ورس فری (VERSE FREE) نظم چھے نثری آہنگ رٚٹان مگر یہ چھےٚ نثری نظمہٕ نِشہٕ مختلف۔ کاشرِس منز آیہٕ نادم ہِندۍ بیٛٹھ رٚژھ نظمہ لیکھنہٕ تہٕ پتہٕ مٕن دٔہن ورِین زیادہ پہان۔ مگر نثری نظم چھنہٕ وُنہ ودٕ لیکھنہٕ۔

یَتھن چھُ سارِوٕے برونٛہہ یہِ سوال تُلُن واجِب زِ جاری ثات
چھےٚ موزوٗن تہٕ پابند نظمہٕ۔ یِم کمہِ لحاظہٕ ہیکوکھ اُسی شاعرَن ہٕندِس "ورس فری"
نظمہٕ ہندِس تجربس سٕتۍ گنٛڈِتھ۔ اَتھ سوالس جواب دِنہٕ خاطرٕ پزِ یہِ اَسہِ ورس فری
نظمہٕ ہندِس اندرٗونی تہٕ بیرٗونی آہنگس موخصر سام ہینٛی۔
ورس فری نظمہٕ ہُند نیوکلیس NUCLEUS چھُ تمیُک معنے آسان
تہٕ یوٚہے چھُ تتھ اندرٗونی آہنگ تہٕ خارجی ہیئت دِوان۔ کانہہ خیال
احساس یا جذبہٕ چھُ بُنیادی طور شاعرس کُنہِ شبیہہ کِس صوٗرتس
منٛز واقع سپدان۔ یہِ تہِ ہیکہِ سپدِتھ کہ اکھ مرکزی شبیہہ آسہِ تہٕ بٔیِن
معاون شبیہن ہندِ مدتہٕ واتہِ مکمل اظہارس تام یِنہٕ SPONTANEITY
کنۍ چھےٚ یہِ مرکزی شبیہہ شاعرٕ سٕندِ احساس یا معنہِ ہیٚچ ہم سوم EQUIVALENT
آسان۔ معنہِ ہس چھےٚ پننۍ اکھ لَے یا ردم RHYTHM اَزلے آسان۔
امہِ لیہِ ہندی بیٹ BEATS چھِ امیُک یُن / ووتلُن ارتہٕ) مکمل گرٛھُن۔
یِم بوٗزی تو معنے ہیکہِ تشکیل لبنکی منزِل۔ معنہِ ہیٚچ یہِ لَے چھہٕ کُنہِ بیرٗونی
ساختس (نظمہٕ ہندِس کُنہِ تہِ زوٗلس) آویزٕ آسان بلکہ یہِ چھےٚ پننہِ مکمل
ترسیل خاطرٕ مواقف ترین لفظت (یعنے لفظہٕ ترتیب) تہٕ نحو (یعنے
جملہٕ ترتیب) طے کران۔ یہِ ہیکہِ شعر کہِ کُنہِ تہِ مروجہ تہٕ مستعمل گرتہٕ نشہٕ
الگ گرت ژارِتھ۔ توے چھُ اتھ ورس فری (یعنے ورسہٕ نشہٕ آزاد)

نظم وَنان۔

"حاری ثات" چھے پابند نظمہٕ مَنٛز اندر وزن قافیہ ردیفک (دراصل رائمک) پۆرٕ خیال تھاوُنہٕ آمُت چھُ۔ یعنے یہُنٛد خارجی رۆپ چھُ شیٚقہٕ پاٹھۍ نادم صابَن بیٚیَن ترنظمن ہنٛدی پاٹھۍ ربواتی۔ بلکہ منٛز اندر چھنہٕ کُنہٕ جایہِ وزن پۆرٕ کرنہٕ خاطرٕ لفظ بلا ضرورت زیٚڑراونٕچ کوشش تہٕ سپدیمٕژ۔ مثلاً یِمہٕ ترکیبہٕ:۔ اَکہٕ پۆٹاہ، بۆنہٕ کھوراہ، پھرِ ستاہ، واوٕ لنگاہ وغارٕ وغارٕ۔ یِم ترکیبہٕ چھ شاعرسٕنٛد اکہِ خاص ذٔہنیک تجربہ، مُشاہدک اکھ خاص ذیٚہن پتھ شدت رژھ کھنڈ راوراوان تہٕ کیازِ اَکہٕ پۆٹ چھُنہٕ سُہ روزان۔ یِمہٕ شاعرسٕنٛدِس جذبس زیرِ دٔژ بلکہ سُہ ہیکہِ کاہنہ تہٕ اَکہٕ پۆٹاہ آسِتھ۔ یتھے کٔنہِ ہیکہِ سُہ کاہنہ تہٕ بۆنہٕ کھور پھرِس واوٕلنگ یا اوٚبرٕ لنگ آسِتھ۔ تہٕ اگرے کاہنہ تہٕ اوٚبرٕ لنگ کُنہٕ تہٕ ماحولس تہٕ ذہنی صوٗرتحالس منٛز یہاے کیفیت شاعرس پادٕ کرِ تیٚلہِ ہیکہِ سُہ کاہنہ تہٕ شاعر آسِتھ، نادم صابُن تجربہ کمہِ رنگہٕ چھنہٕ عمومی؟

مگر نظمن ہنٛدِس مرکزی شبیہس بیٚیہٕ منٛز شیٚتھ چھُ باسان زِ اکھ ژٕ لفظ زیٚڑراوِتھ یا ژھوٚٹراوِتھ چھُ شاعر دراصل پنٕنہٕ تمی مجبوٗری ہُنٛد اعتراف کران یَمہٕ کِنہِ تمِس یِمہٕ انتہائی انفرادی تجربہٕ

غأر ربواجی نظمہِ کأشرس قٲری لیس پیش کرنہٕ پٮ۪یہِ ربواجی منظوم گرتس اندر۔ یہ چھُ کٲشرن بجن زبانن ہندٮ۪ن بڈٮ۪ن تہٕ کہنہٕ مشق شاعرن ترٛ بیومُت کرُن۔ یہ ہیکو اَسی نظر انداز کٔرِتھ تہٕ کیازِ یہ چھُنہٕ یمن نظمن مُنٛد معنے ہیچ لے پھٔٹراوان۔ یہند معنے ہیچہِ لیٛہِ ہندی منزل چھِ سیٹھے معموٗلی چیزن سٟتۍ شاعر ہند لو احساساتی رشتو دُسی طے سپدان۔ سُہ چھُ چیز وُچھان کتھ تام حلسس چھَس زیر لگان، چیز چھُ اکہِ واقعُک شکار گژھان، واقع چھُ شاعرس پننہِ بے بسی تہٕ گدرنہٕ کہ سلسلہٕ منزٕ گُذاران، اَتھ گدرس اَسی تن یا متہٕ اَسی تن موٗلہٕ چیز کِس مُقدرس سٟتۍ کانہہ واتھ۔ امہِ عملہٕ سٟتۍ چھُ معنے مکمل گژھان تہٕ تجربہٕ چھُ شعرٕچ شکل اختیار کران۔ شعرس یا مکمل نظمہِ اندر وفہٕ لن ودل لفظ تہٕ مصرعک نظام چھُ ابتدٲئی احساسہ وقتے طے آسان گومُت۔ ودلگو شاعر ہندِ شخصیتکی ترکیبی ثقافتی عناصر ہیکن تس لفظ تہٕ جملک کانہہ تعصب پُشرٲوِتھ۔ فرق چھے یہ کہ کمزور شاعر گژھن جل متعصب تہٕ طاقتور شاعر ییٚر کاٹھکر پھُٹراوِتھ نیر۔ سُہ دِیہِ نہٕ معنے نِیس بیرونی گرتس چھٮ۪نیہِ۔

ناؔدم صابن چھُ یمن نظمو "حارٕ ثات" ووٚتمُت۔ حارٕ ثات لیعنے حادثہٕ مطلب تتھی واقعہ یم ہنگہٕ تہٕ منگہٕ بے وجہ تہٕ اٲنی کھلہِ

سپدان چھ۔ یِم واقعہ چھِ شاعرس نظرِ گژھان تہٕ سُہ چھُ اَسہِ تہٕ یِہُنٛد نظارٕ کرناوِتھ اَسہِ نِشہِ تہٕ حارٲن یا شوٗزٕ دِیامٕت ENTERTAIN گژھنک توقع کران۔ مگر کینٛہہ چھِنہٕ اَتی ختم گژھان۔ "حادثات" تہٕ "حارثات" چھِ سانہِ زبانہِ منٛز زٕ بیوٚن معنے تھاویتھ وان۔ حارثات چھِ انتہایی انفرادی گدرنس ونان۔ یعنے شاعر چھُ اَکس بظاہر معموٗلی واقعس بَتنہِ کِنہِ تام انفرادی دادیک غماز بناوان مثالے کُنہِ تھزٕ پیٹھ چکہٕ مکہٕ وسہٕ وِنی آبہٕ رکھ[1] یا بالس وُلمنہِ کھسہٕ وُن اوٚبرِ لنگ[2] ذوشوٗنی ہُنٛد وولسا وچھُ کینٛژن زِہن ہُنٛد مگر خوٗبصوٗرتی ہُنٛد چھُ مکمل تصویر۔ ووٚنی اگرے یِم کینٛہہ تام ناقابل فہم تغیرس وَلنہٕ یِنہِ کِنہٕ اکہٕ پَتہٕ بَنِیس صوٗرتحالس اندر ژایہٕ شاعرس صدمہٕ لگُن چھُ قدرتی۔ اَمہٕ پَتہٕ چھِ اَسی وچھان زامہٕ تبدیلی ہُنٛد شاہد شاعر چھُ مبالغس کام ہیوان "وُنی کھسہِ وِتھرِ یُپ یِیر گژھِ دنیا"۔

---

[1] بحوالہ آبہٕ رکھا اکھ ہیٚر وُژِھ چکہٕ مکہٕ
ہکھِ تلماوِتھ ووڈِ دِتھ تاج
وُنی کھسِ یُپ یِیر گژھِ دُنیا
یِیتہٕ یوکُن آسہِ میوٗنے راج
اکِ دکہٕ ہیجہٕ کھنٛڈ ژیکہٕ شاہٹس
ژھوٚنژرس یوچھِر چھِنہٕ محتاج

[2] بحوالہ اوٚبرِ لنگا کھوٚت وُلمنہِ بالس
نالس دُیتُنس وُزملہِ چاکھ
کھوٚنہِ منٛز ہیٚنہٕ آو منٛز یا بالس
زالس لوٗگ ہیوس وِہنِس چھاکھ
کتہٕ گنٛڈ ہیٚر گوٚس ووٚنتھ یا بالس
موچھ چیرِتھ زٕ ھھٹھ شرٛی زِن باکھ۔

ووڈ ِتاج دِتھ آبہٕ رٕکھ گیہٕ غٲب تہٕ تسُند تاج آو سینکہٕ شاھٹس پیٹھ
وُرکاوتہٕ ۔ تصویر آیہٕ بنان بنانے چھکر تہٕ ۔ اوٚبرٕنگس لوٗگ نالس چاکھ
تہٕ پانتراال بالس لوٚد کھوتہٕ منز تقاضس ۔ وُلمنی کھسنک تسُند وُزھ
گوو تارتار یوٚتام پاتاال شرپن پیوس ۔ شاعر سُند صدمہٕ چھُ صرف
اَکِس جایہٕ بیانک جرُت انان ییلہٕ ونان چھُ سہ موچہٕ جیر تھ زھڑہٕ (یا
زٕھڑ ) زن شری باکھ ۔ یمن دوشوٚنی مذکوٗرٕ نظمن اندر چھےٚ اکھ بنیادی
جذباتی کیفیتھ مشترک یتھ رومانٹک نقادو ونیٹھ پوٚھٹی پاٹھی شاعر
سُند فطرتک عشق ووٚن مگر یہٕ کیفیتھ چھےٚ حاری ثات جین مذکوٗرٕ
دون نظمن اندر لمحاتی وجوٗدک صدمہٕ باوان ۔ یہٕ صدمہٕ چھُ تھےٚ حقیقی
فطرتہٕ کس تناظرس منز یتھ حقیقی یہٕ انسانی زندگیہٕ ہند بے سلسلہٕ تہٕ
بے منطق آسنہٕ کس تناظرس منز چھُ ۔ شاعرن چھُ یمن دوشوٚنی نظمن آخرس
پیٹھ عنوان دِنچ کوٗشش کرمژ مگر اَسہٕ چھُ وُچھن یہٕ زٕ آخرس نام واتان
واتان چھُ تسُند احساس زیرِ بیان عام جیر کی پاٹھی عام تلازمن ہندِ
ذریعہٕ گوڈے اظہار گومُت ۔ شاعر زٕنہٕ ونان چھُ اِدسائِگیہ سوندر
اوٚبرٕنگس وُکرمنز اِدسا بیوٚو آبہٕ رٕکھ تاج یتھ اِدسائِگیہ صبحِ زٕرٕ یوٚت
وُزھ پھیرتھ اِدسائِ گوو خوبصورت تصویرس پرتہٕ پار گرژھنہٕ ستی میون
تصورلُر پار ژٕزان تہٕ سہل زبانی منز یتھ پاٹھی زٕ "لوچیر چھینہٕ زھوٚرس

موحتاج" آسان ، ییمہِ دُنہک پرزِچھُ یی زِ "... دَیہ سُند ناوا بس"
چھُ روزوُن ، وُشینرس تہٕ تاپس چھِنے پتے لارتہٕ کیاز" شُہُل پتے
چھُس لاگِتھ زاگ" ، "آخرس ہساے"۔ بختس بود چھِنے خدمت گارتہٕ وغار
وغارِ۔ کینژن نظمن چھِ آخری شعر یا تہٕ نظمس اندر بیان کرِنہٕ آمُت تہٕ تمی تصور تحالک
عنوان تہٕ تمیُک عام منطقی نتیجہِ ہاوِنہٕ یا باوِنہٕ خاطرِ دِنہٕ آمُت حالانکہ
آخری مصرس تام واتان واتان چھُ نظمُک معنےٰ مکمل گومُت آسان۔
وون گو ویشتر نظمن چھِنہٕ یِژھ اختتامی شکل۔ تمن منز چھِنے شبیہ
تہٕ ڈکھ شبیہہ اکس اکھ تِتھ کٔنی اٲلِتھ وٲلِتھ زِ اکھ موثر تصویر چھِنے
وۄتلان یوس معنہٕ ہیچ برجستہٕ COMPREHENSIVE اکاے آسان
چھِنے۔ مثلن نی تون یہ سٕتھاہ موخصر نظم ۔

کٔلی لنجہِ نشہِ گۄو زٔھینہ پنہٕ وۄتھرا ۔۔۔ ایران تہٕ گیران پھٕترس پیو
درِمنَ دَپ یہ چھُ میوتے مُتھرا ۔۔۔ اڈ ڈنگِہ بیٹھی وۄتھ نترس پیو

لنجہ نشہِ زٔھینہٕ گرشھنگ پنہٕ وۄتھرُ سُند دود چھُ تقریباً تمی ورِ دِرِ منجہِ ہمدردیہ
کِنی ختم گرشھان۔ تسُند ایرُن تہٕ گیرُن چھُ درِمنہٕ کہ میتھرہٕ تہٕ (دوستی
کِنی ماضی ہُک واقعہ بنان یُس کینہہ لمحہ بروٚنٹھ پیوٚز اوس مگر ووٚنی چھِنہٕ۔
شاعرن چھِنے وقت زیٹھنچ یا گذرنچ کیفیتھ دۄن جملن منز اضافی
RELATIVE پیرایس منز بیان کرمژ یُتھ بظاہر اکھ معمولی قدرتی

واقعہٕ تہٕنٛدِ انفرادی تجربہٕ سٟتؠ تہٕنٛدِ مخصوص معنہٕ ہٕچ وسعت پراوان
چھُ۔ اتھ بیانس چھ گوڈ منز تہٕ اند اکھ ہیے شبیہہ ڈلِتھ اکاٮ اکائی
بنان۔ نہ چھُس عنوان ضروٗرتھ نہ نتیجہ یا انجام ثابت کرُن۔

یتھے کنٛز چھ "تصویرس بیٹھ وقتن تھکھ دیُت" نظمِ منز
گوڈ یتھے کاکد ورق منز۔ یعنے سُہ تصویر وٕسٟتؠ جنگل سپدُن تہٕ اند
یعنے اتھ جنگلس اژنُک وُژھ اکہِ معنہٕ ہُک ارتقا ہاوان۔ یہ ارتقا
چھُ حرکی حالانکہ شاعر چھ گوڈے وںان زِ آمِن ہسا دیُت وقتن تھکھ۔
وٕتہٕ پوٚد زٕٹھ جنگلس اژُن تہِ چھُ حرکژ حمایت کران۔ مطلب حرکت
تہٕ تھکھ دوشونی ہنز مرکب چھِنے یہ شبیہہ یوسہٕ آخرس ہنا تجریدیتس
کُن لمان چھِنے۔ مگر سوٚ چھِنے دراصل معنہٕ ہٕچ وسعت۔ "یِنہٕ نی
شہہ کھِسہ وس کھُرٕ ورگس" ڈیٖنٛھ تہِ چھِنے شبیہہ شاعر ہٕندس پزرس
کُنے اشار کران۔

پریتھ نظم چھِنے کم از کم اکس تبقہٕ معنے ہس تشکیل دِوان،
کُنہ کُنہ چھِ اتھ صورتحالس ناو یا عنوان تہِ دِنہٕ آمُت مگر کُل نظمہٕ
چھُنہٕ کہنی ناو۔ یہ چھ اشار کران زِ یتھ موٚلہٕ واقعہ ہنگامی چھِ ترٛتھے
چھِنے تَتھ بیٹھ لیکھنہٕ آمژ۔ نظمہِ تہٕ بے لاگ تہٕ معروٗضی آسہٕ چھِ۔ نظمن چھِ
نا داکھ سمیت دِوان مگر یمہٕ بے ناو نظمہٕ چھِنہٕ بے سمت۔ کُنہٕ قسمُک

DIDACTIC انجام ھاوَن وٲلۍ تہٕ چھےٚ یمہٕ پانس منز۔ مکمل تہٕ بُنیادی
محرک چھُکھ کانہہ پرایویٹ تجربہٕ۔ دُنیاکہ ARBITRARINESS ہُک
تجربہٕ۔ تجربہٕ چھُنہٕ ARBITRARY بلکہ شعرٕ۔ یہنز دربٹھان ہیٔت
چھےٚ منظم مگر اندرونی ساخت چھےٚ بےنظم بلکہ وٲنو یہٕ چھےٚ دُنیہچ لامنطق
حقیقتھ لفظ بند کرنچہ کوٗشِشہِ منز۔ وقتلان۔ یہنز موزوٗن تہٕ ردیف
بند ہیٔت چھےٚ صرف اکھ سہولیت FACILITY اکھ پلیٹ فارم یَتہٕ
پیٹھٕ قاری یہندِ باطنی معنہٕ ہن تہٕ بنیادی تجربن تام سفر کرتھ ہیکہٕ۔
معنہٕ ہس وٲتتھ چھےنہٕ یتہٕ ہیتھ رلوایتھ یا غار رلوایتھ اہم روزان۔
معموٗلی فطری حرکتس پٮ۪ن حادثہٕ وُنتھ چھُ شاعر یتنہٕ مشاہدٕ ستۍ
حاصل کرمتہٕ تجربچ شدت ہاوٕنۍ یتھان۔ یہٕ تجربہٕ چھُ غار عموٗمی تہٕ نرل
اوکنہ تہٕ کہ زمان تہٕ مکانچ اکھ چھل ژٹتھ چھُ تتھ شاعر جراحی کران تہٕ
معموٗلی جُرس متر۔ کاچ زندگی محسوٗس کران یوسہٕ غار معموٗلی چھےٚ۔ شاعرس
چھُ اطمینان زِ تسند یُتھ تجربہٕ چھُ مکمل تتھ کانہہ انجام تیرِ تن یا متہٕ
تیری تن۔ سُہ کانہہ فکری کیفیتھ یاد کری تن یا متہٕ کری تن۔ تجربہٕ چھُ مختلف
یہند جہار چھُ مختلف کیفیت یاد کران، امہٕ باوجود زِ شاعر چھُ یمن
اکسے ہیتی شکنجس برٛان باسان۔ وُچھُن لایق چھُ زِ کُنہ نظمہٕ ہیت
آسنہٕ باوجود چھُ (کانہہ کانہہ نظم چھےٚ ژون اُٹھن یا دہن مصرن ہنز۔

باقے چھےٚ شن مصرن ہنز۔) سار نے اندر مرکزی معنے نمایاں روزان۔
گوڈیا اند آوازن ہُند تکرار چھُنہٕ یمن نغمگی پُیشران بلکہ طرٕح آلایش
چھےٚ بعضے خیالہٕ کِس ہموار رفتارس ٹھوٚر تراوان۔ معنہٕ کِس سوٚتھرِس
پیٹھ زبانٕی ہندِس رفتارس تھکھ دِین ہیکہٕ اکھ DELIBRATE عمل اسٕتھ
یہ زن ورس فری نظمہٕ اندر آسان چھُ تہٕ کیازِ تیتھ مت۔ پتھ چھےٚ موٚلہٕ تجربٕچ
شِدت رٕچھنٕی شاعر سنز۔ گوڈنچ ترجیح آسان۔ ـــــ

یتہٕ ہکو وُنتھ کہ خارجی ہیٔتٕ کِنی چھےٚ "حارثی ثات" نظمہٕ ساکت
زندگی STILL LIFE تصورِ ہشہٕ یمہٕ کُنہٕ تہٕ وقتہٕ زندگرٕ تھھٕ ہکن۔
یمن اندر چھُ سکوٗت لیُس یُہند بیان NARRATION تہٕ لفظت طے
کران چھُ۔ یُہند معنے چھُ اکھ کہانٕی وناں یوٚسہ بحرن تہٕ النکارن کام
ہوان چھےٚ تہٕ کیازِ سو چھےٚ قدیم ہندوستانٕی داستانٕی رِلوایت۔ مگر
داستان اگرے گبوہٕ تہٕ یہ سو ہیکہٕ نہٕ نغمہٕ بنتھ۔ واقع کیفیتھ روزِ تھ
اندر ہمیشہ سرس۔ "حارثی ثاتھ" نظمن اندر چھےٚ اَمہٕ قسمچ یعتے واقعٕچ
کیفیتھ شاعر سندِس تجربس تہٕ تمہٕ کِس معنیِس تابع روزان۔ یہاے
خصوصیت چھےٚ یمن نظم تہٕ داستان دوشونٕی ہنز۔ دہ انکلوتشہٕ آزاد کران۔

---

۱ حوالہٕ ۔ آبہٕ رکھاہ اکھ.... ۲ بحوالہٕ ۔ اندکُن منتھ نوٚن کُن زوٚن پھرستاہ....

۳ بحوالہٕ ۔ میٖزٕ مٕتی مشور پیلہٕ کوٚرپوشو.... ۴ بحوالہٕ ۔ نادِ نمس چانٹس گنڈ پھر دتھ...

# مُظفر عازم بحیثیتِ نظم گو شاعر

مشعل سُلطانپوری

یہِ چھُ اکھ معلوم پۆزٕ زِ کاشُرس ادبس منز یِتھ اَسی نو نظم ڈیٖنتھ ہیکو، تِمیک ڈُسلابہٕ سپُن ترقی پسندی ہندِ زمانہٕ پتھے یہٕ تیٚمہِ وَتھ ماتڑن وِمہِ اکی اَسی سو رگہٕ داسی دینا ناتھ نادم، پروفیسر رحمن راہی، پروفیسر غلام نبی فراق تہٕ امین کامل ہوی شاعر، یِمن ہِستی ہِستی رُٹ یہِ وَتھ غلام نبی خیال، چمن لال چمن، مظفر عازم، موتی لال ساقی، مکھن لال بیکس، غلام رسول سنتوش تہٕ ناجی منور بیتر شاعر و۔ ارجن دیو مجبور یوٚدوے گوڈ یکھِ ہندین شاعرن منز شامِل اوس یوٚزٕ نو نظمہِ ہندِ حوالہٕ چھُس دوٚیمس صفس منز بیتہٕ والین شاعرن ہِستی نظرِ گژھان۔

مظفر عازم ہِس گوڈنیُک شعر سوٚمبرن پہٕ چھپے "زولانہٕ" یو سہٕ ۱۹۶۳ء یس منز چھاپ ہیز امیک سر نامہ پرٕتھ چھےَ تِمن حالاتن ہِنز زینہ ون میسلان یِم تِمن دوہن نہٕ صرف کشیرِ یا برصغیرس بلکہ عالمی سوٚتھرس ہیٹھ

موجود آسی۔ دیٚنہٕس منٛز امن قایم کرُن تہٕ قایم تھوٗن اوس اکھ اہم موضوع ییٚتھ ترقی پسند شاعر امہِ موکھہٕ تن تنہٕ کران آسی زِ روٗسس منٛز قایم سیٚپنمت سیاسی تہٕ معاشی نظام گوٚ ژھہٕ کُنہٕ طرفہٕ حملک شکار سپدُن۔ پوٚز خوفُک یہِ احساس دوٗر راوہٕ خاطر آسی اکھ رنگہٕ رنگہٕ جواز دِنہٕ یوان تہٕ یمن جوازن ہنٛز بُنیاد آسہٕ شاعرن ہٕنٛد ادبین ہندِس پنُن پنُنِس تصورس، پنٕنِس مزاجس تہٕ سوچنہٕ ترایہِ بیٚٹھ تہٕ ڈٕرتھ آسان۔

مظفر عازم چھُ اکھ سرنامس منٛز اکس جایہِ لیکھان۔ "انسان چھُ اکس چیٖزس ستی محبت کران، تتھ چھِ ونان حُسن، ربہٕ وُن حُسن چھُ انسانہٕ ہُندِ ازلُک خاب۔ حُسنےٚ یوت چھُ سُہ مقام یُس لبتھ انسان مرت راوہٕ چھِ یوان۔ ییٚتھ مقابلہٕ خوفُک جذبہٕ تہٕ دران چھُنہٕ تہٕ طمعک ژھوکھ تہٕ چھُ ڈُزتھ پیوان، فنکار ہنٛز کام چھےٚ اَتھی ربہٕ وُنِس حُسنس پیٚٹھ ڈالنہٕ تہٕ پارا وکرُن"۔ ۱؎

مظفر عازمنہٕ اکھ سوٚمبرنہٕ منٛز چھےٚ پاغام، زندگی، راتھ، حُسن تہٕ زندگی، نارا مارک، عازم چھُ فقط لول، بہار، ونےٚ متے کیاز ہیوٚت گیوٗن، موت تہٕ شاعر، عراق، نوٚو عالم، بوٚمبر تہٕ بہار

---

۱؎ زولانہٕ۔ مظفر عازم سنہ ۱۹۶۳ء۔ سرنامہ ص ۱۱

طوطہٕ تہٕ ہاَرٕ، اڑ، ترٛٹن وول، حیاتک پوش شینچھ عنوانو نظمہٕ شامل۔

عصری موضوٗعو باوجوٗد چھُ ہیٚرٕ تہٕ مواد رٔنگی کرٛتن نظمن پیٹھ علامہ اقبالُن تہٕ فیض احمد فیضن اثر ٹاکارٕ۔ مثالہٕ پاٹھۍ زندگی، راتھ، بہار، موت تہٕ شاعر، نوٚمبرُ تہٕ بہار، عراق بیترٕ۔ فروری ۱۹۶۷ءیس منز دراو کاشُر شیرازُک "أزِچ کاشُر نظم" اکھ خاص نمبر۔ اَتھ منز چھےٚ مظفر عازمنہٕ پانژھ نظمہٕ کلہِ وال، لغزش، جلوٕ، وہمہٕ تہٕ آوُن عنوانن تحت شامل۔ یِم چھےٚ پانژٕدے نو۔ یِعتے زولانہٕ شعر سوٚمبرنی منز کانہہ نظم چھپہٕ اَتھ نمبرس منز آمژ، اَتھ بجایہ چھ یِم نظم عازم تہٕ "منہٕ کامن" شعر سوٚمبرنی منز شامل، یوسہٕ ۱۹۷۴ءیس منز چھاپ بیوٚ۔ یتھ اندر یِمو نظمو ہُند یکانہٕ، آہِنہٕ، گٔتہٕ ریٚنۍ، تصرف درٕ، اڈژِ ٹاسن ہمسوٗن پوٚت نظر، پتژ پرزنی، پاسخ درٕ، شٔہج کراماتھ، میون ستۍ بوج تہٕ بےشانِ جم عنوانو نظمہٕ شامل چھےٚ۔

کاشرس ادبس منز امہٕ دورچہٕ کلہم شاعری متعلق چھُ امین کامل لیکھان۔ "جدید شاعری چھپہٕ وردار اظہارس، نوین تشبیہن تہٕ استعارن یا مبہم تہٕ بےجوڑ شعرن ونان۔ جدید شاعری چھُ تتھ مزازس تہٕ سوچن نہجہ ناو، یوسہٕ أز کس انسانہٕ ہنز ذہنی، روحانی

تہٕ نفسیاتی تضاد تہٕ کشمکش ہنز اَنہٕ آسہٕ"۔[1] ظاہر چھُ زِ یہٕ بیان چھُ کاشِرِ شاعری منز نوِ نظمہِ ہنز صنفہِ متعلق تہٕ صحیح۔ وونی گوو یہِ ذہنی، روحانی تہٕ نفسیاتی کشمکش آس کاشرس کیُت تھَے کُنہٕ دوپرٕ، یتھ کُنہٕ ترقی پسند دور کی موضوع آسی عالمی سوٗتھرس پیٹھ تہٕ کیاز عالم چھُنہٕ امریکہ، یورپ، جاپانے یوت۔ اَتھ منز چھُ افریقہ تہٕ، لاطینی امریکہ تہٕ ایشیاہکی کیتہٕ ملک تہٕ۔

عازم بنہٕ ۱۹۶۳ء پتہٕ تام یِمن تِن نظمن منز چھُنہٕ ہیٚئتہٕ رنگی کُنہٕ خاص تبدیلی ہند باس لگان۔ معریٰ نظمہِ ہیٚئتہٕ ہنز ژھاے گرِ لے چھِے کُنہٕ کُنی لبنہٕ یوان نَتہٕ چھِے پابند نظمہِ ہنزِ ہیئت ورتاونہٕ آمژ۔ مثالہِ پاٹھی ؎

یہِ کوٗستوٗر بوٗلُک وُچھان گوو تھکِتھ بیہِ و\
یمے خاب وُچھتھے چھُ دیوانہٕ سپدُن\
اما شوقہٕ کس اَتھ ڈلس وونت آسیا\
مے گوژھ اکھ موہ یا یَتھ دِلس نار شیہلُن

(انار ــــ امارُک)

---

[1] شیرازہٕ فروری ۱۹۶۷ء، جموں و کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

"مَتہٕ کامن" سوٚمبرنۍ پٮ۪ٹھ نظمن تام واتان یا وَنوٚ ۱۹۷۴ ہس پٮ۪تہٕ پتہٕ چھُ عازم پننین نظمن ہندِ خاطرٕ ییلہٕ پانہٕ آزاد نظمہٕ ہٕنز ہیٔت ورتاوان تہٕ اَتھی منز خیالہٕ باوتھ کران۔ یہ دٕمہٕ اکھ مثال سہ

پھوٚج کرہٕ دُڈر بٮ۪ٹھ پوشہٕ ہنا
نادانس سوٚتیٖ پٔرتھ کیا چھس
یچھ دوہ گیہٕ چھےٚ گمٕتہٕ ڈٕلہٕ بابٕلی کول
زُونہٕ پرس شامن تام پھٔٹتھ
یتھ دیرہٕ گنس
پھٔرمٕژ چھےٚ لٔرٕ دوہ نوٚنی تالن
بیٚنہ کامن
جانہٕ مرگ بامن لہ

( اڈٕ ژٕڈٕ بامن )

ترقی پسند دورٕچن نظمن ہنز اکھ خصوصیت یا دپو شناخت آس، زِ یِمہٕ، راڈک زیٚچھر پیٚیہ سہ ترقی پسند شاعرن ہندِس مزاجس شروٚپمُت اوس۔ عازم صاٮ۪بس چھُنہٕ بٮ۪ین شاعرن ہندی پأٹھۍ یہ

---

لہ متہٕ کامن۔ منظر عازم ۱۹۷۴، ص ۲۴۔

روٗش نالہٕ کڑِتھ تہٕ زیٛوٹھ راد تھٕپھ ٹلان، یِہِمیک احساس اَسہٕ کلوال تہٕ آدٕلُن نظمہِ پرٕتھ سپدان چھ۔ نام چھُ سُہ زیاستر اختصارس کُن مآیِل تہٕ "ژھوٗٹ چھُ موٗٹ" تہٕ زیٛوٹھ چھُ بنیٛوٹھ" آسنُک قآیِل یوٗز تہٕ یوان مثال سہ ہٕنکہِ ھِلیکُ کوٗرہم بہانہٕ

کنہٕ امبرٕ ژوٗنٹیکُ

تہٕ لوگہٕ ہس وانہٕ

تہٕ ووتُم ہٕنکھ ژاپان پھلہِ پھلہِ

تہٕ امبرٕ ژوٗنٹِن وُچھان تھلہِ تھلہِ ۱؎

"ڈاے حرف" شُمبرنہٕ ہٕنزِن نظمن منز چھےٚ ژٕتھ نظمہٕ تہٕ شامِل یِم صرف نزےٚ ترےٚ سطرہٕ چھےٚ سہ

ناوتگی ناموچھ وہراون

نارتگی ناکوچھ لہٕ ناوُن

تیلہِ کس آیکھ برٕم دِنہٕ پاکی

عازم صابنِس نظمن ہٕنز اکھ بیھ ہاو خصوصیت چھےٚ موسیقی یا ترنم ریزی۔ یِمن نظمن منز چھُ اکھ عجیب آہنگ نظر گژھان یِتھدی لفظ چھِتہٕ بولہٕ ہٕنی یاتی تم چھِ وژان، روٕتہٕ داماہکی یاکھٹی سرودی ژرٕو ژ

---

۱؎ مسنہ کامن ص ۱۵۳ ۲؎ ڈاے حرف، مظفر عازم ایجوکیشنل پبلشنگ ہاوس دہلی ۲۰۰۷، ص ۱۳۳

کران ۔ تشبیہہ ، استعارٕ ، علامژ تہٕ مژر چھِنہٕ اَزانہٕ ، تم چھےٚ وٕیز وٕچھ
پیٹھ اَندی بکہٕ چہ ۔ ادرٕ لیور چہٕ آسنس پتہٕ سِتۍ پیٹھہٕ پھرٕ ہنز تہٕ ۔ مثالہٕ چھےٚ
دٕاراہ

وُچھ ہتین ہتھ برجہٕ پیٹھ کیا لوٗبہٕ وٕنی یاہو قمری
وُچھ ہمس ون ہارٕ ہنز رٕژ مارٕی متر ڈبہٕ ہارتن[1]

(حسُن تہٕ زندگی)

ساز دویم شیشہٕ ششرٕنی موج لاُجم برکرے
زاہنہٕ اگر بُتراُ آژ پیٹھ سونتن تہٕ ششرن لاَج ہَر

(موت تہٕ شاعر)

بوزم سونتک رخ پرٕتھ یکھ باعنس ہیٚژمے زاگ
کھٹھ کشتہٕ کوٗز ہم شکھ شتہٕ بیچہٕ نیوٗ منہٕ ٹھلی ہانگس چھونم ماگ[2]

(منہ کامن)

بوز کھیلہ کی یاُ کھٹن رچھ دامن
یتھ سر ہیہ رٕڈی زبنہٕ یتھ تن وٕسری[3]

(کلہٕ وال)

---

[1] زولانہٕ ۔ منظر عازم ۱۹۶۳ء ص ۵۱ ؛ [2] منہ کامن ۔ منظر عازم
[3] منہ کامن ص ۲۷ ۔

حسنک مارموٚت، زندگی ہند ٹاٹھنیار، لولک جلوٕن، سروٕن تہٕ پناہ دلر پاٹھیار چھُ عاشمنہٕ کلامک ہر تر تہ تہنزٕ۔ شاعری ہند سرمایہ، تسٕنزن نظمن ہندن دچھ گُرن چیر دِتھ چھُ یوٚہے رس پریدان یوس تخلیقُک خم دِتھ چھو رمس بنیو مُت چھُ۔

سائنس تنقیدس منز چھے شاعری ہنز موٚلانکون کرن وِزِ عجیب میٚنز لاگنہٕ یوان، منٹن، پانژوین تہٕ سیرن ہندِ زمانٕچ کتھ آسہ کرٕنی تہٕ بموکلو پرمان ٹھٕنی، گزن ہندی دوہ آسن تہٕ لاگوس میٹر یوتے یوت تہٕ شاعرن تراوو واسنہٕ تیرن ہندی پاٹھی کرٕچھ۔ یہ گوو موضوعاتی شاعر، یہ گوو جوالہ جاتی شاعر، سُہ گوو موکلن باغی شاعر بتر۔ عاشمس تہٕ چھُ امی آیہ کرٕچھ تراوہٕ آمُت۔ گوڈٕ دیتھس کاشُر ادبُک تواریخ لیکھن والیو یہ لقب۔ پتہ آو اُتھی پھیرُ تہٕ پھیرُ دِتہٕ۔ پتہ چھے سانہ تنقیدچ کوتاہی زِ یاہٕ سٕنہتھ تہٕ سوچتھ لیکھنہٕ بجایہ چھے بوزِتھ تہٕ پرِتھ کتھے پھِرتہٕ یوان۔ "جدید کاشُر شاعری" کتاب لیکھن وول چھُ لیکھان۔ پرن وٲلس چھُہ پتہ نتیجس پیٹھ واتہٕ نس ژیر لگان زِ عاشم چھُ واہ کار موضوعاتی شاعر۔ سُہ چھُ نظم لیکھنہٕ برونہہ کانہہ موضوع کھڑ کران تہٕ پتہ تتھ نظاونچ کوشش کران۔" برونہہ

بِہن ہِکِتھ چھُ" عصری کاشُر شاعر"کیٚن تن نظمن ہنٛد حوالہٕ اُتھی کتھ دل دِوان لیکھان۔ یمو نظمو منٛز چھِنہٕ بیٚشتر نظمہٕ موضوٗعاتی۔ باسان چھُ زِ شاعر چھِنہٕ تجربس کامہِ ہیوان بلکہ چھُ کیٚنہہ ویدس موضوٗعس لفظن تہٕ موسیقی ہنٛدِ ذریعہ نظم کران"۔[۱]

پرٛن وول چھُ یمہِ بیان پٔرِتھ سونچس پیوان زِ نظمہٕ یا بیٚیہِ کیٚنہہ لیکھس گژھِتھ تاتیٚلہِ کانہہ موضوٗعے آسُن۔ اَتھ چھِنہٕ کانہہ شک زِ ترقی پسند دورس منٛز اٲسی لیکھنہٕ یِوان موضوٗع گنٛڈِتھ، مشخص کٔرِتھ، ورتاو یعنے TREATMENT ہیٚکہِ ہاوِتھ آسِتھ، اَمہِ کِس ردِ عملس منٛز آو نہٕ زانہہ یہِ وَنہٕ زِ موضوٗع گژھِنہٕ آسُن۔ آں اَکس کتھِ پیٹھ آو زور دِنہٕ سُہ گوو تجربہٕ۔ یعنے موضوٗع گژھِ تجربہٕ بنیومُت آسُن۔ بہرحال شاعر ہنٛدِ حیثیتہٕ تہٕ اکھ اہم نظم گو مانِتھ آو وِزہِ وِزہِ عازمنِس کلامس داد دِنہٕ تہٕ اُمی ہنٛدِ کلاکی گون نیشہ ناونہٕ۔

کاشرِ ادبُک تواریخ چھُ یہِ بیان ہیٚتھ برونہہ کُن آمُت۔

"غزلن منٛز یوت نہٕ بلکہ نظمن منٛز تہِ چھُ عازم کانہہ مُدرہ لے ٹیٚکِتھ پیانہٕ تہٕ مدہوش گژھان تہٕ پرٛن وٲلِس تہِ مستی ہتھ کیفیت پادٕ کران۔ یہِ چھُ اُمی موسیقی ہنٛد نتیجہ زِ تمی ہٕنز مشہوٗر نظمہٕ، کلہٕ وال،

---

[۱] جدید کاشر شاعری، صفہ ۱۴۸۔ حامدی کشمیری ۱۹۸۲ء

جَلو، وہمہِ، آولُن بیتر چھِنہٕ اند وٲتِھ تہٕ اند لبان ۔ "زولانہٕ ناوِی شعر سوٚمبرن چھاپ کرِتھ گرِی عازمن کیہنہ نوٚوی تجربہٕ تہٕ تمِس اسلوٗبس منز ییمن ہند اظہارٕ مہٕ کامن، شعر سوٚمبرنس منز سپُد۔ اَتھ منز چھےٚ کیہنہ نظمہٕ تہٕ کیہنہ غزل، ییمن منز موسیقی بدلہٕ خیالس تہٕ تجربس پیٹھ زوٚر زور چھُ"۔ لہ

مشہور اردو تہٕ کاشُر نقاد پروفیسر حامدی کشمیری چھُ عازمنین کینژن نظمن ہنزن مثالن ہندِ حوالہٕ لیکھان ۔ یم مثالہٕ دُچھتھ ہیکو اسی یہِ کتھ کنہٕ ڈول دِتھ زِ عازمس چھُ راہی یس تہٕ کامِلس یتہٕ بارس یتہٕ والین شاعرن منز زندگی تہٕ فنس لول ورتاونک غٲر معمولی جذبہٕ تہٕ سُہ چھُ یمن ہندی زاوی جار تہٕ مسلہٕ سمجنکی جتن کران تہٕ گاہے یمن اندری منز گرتھان تہٕ گاہے اکس معصوم انسانہٕ ہندی پاٹھی رادان تہٕ حالِ حالان گژھان۔ چنانچہ تمی سندس کلامس منز چھےٚ خوشی لذت، حیرانی، غم، وداسی مستی تہٕ کنہ ہوی جذبات سوٚنزلہٕ ہندی انہار بخشان"۔ ٢ہ

مظفر عازمن کلام بروٚنہہ کنہٕ تھاوِتھ تہٕ تمہِنزن سارنے نظمن سام ہیتھ چھےٚ اکھ اہم خصوصیت بروٚنہہ کُن یوان یُس اَمِس

لہ کاشرِ ادبک توٲریخ ١٩٧٨، صفہ ٢٠١ ٢ہ جدید کاشر شاعری ۔ حامدی کشمیری کشمیری ڈیپارٹمنٹ ١٩٨٢، صفہ ١٤٩

بروٚنہہ کاملِس کلامس منٛز تہٕ نظرِ گژھان چھےٚ، شہٕ گو وطنز تہٕ مزاح
یُس بیوٚن بیوٚن چھُنہٕ بلکہ اکھ اَکِس منٛز شریٛتھ چھُ۔ یمن منٛز صحیح
مِقدارِک نوٚنہٕ مرتبہٕ کی پاٹھۍ۔ تہٕ یہِ چھُ اکھ مقصد ہیتھ۔ محض تفریح یا
دل لگی باپتھ نہٕ۔ تم چھِ تِتھ شاعری تہٕ تِتھ ادبس، افسانن، ڈرامہن
نظمن نشانہٕ بناوان تہٕ چانٛدِ مارِ کران یم محض فاشنہٕ کنۍ لیکھنہٕ آے۔
نہٕ مدعا تہٕ نہٕ مقصد، نہٕ کانہہ افادیت۔ یہِ پرٛن واَلِس توس تُلان
اوس۔ اردو زبانۍ منٛز یِژھ شاعری تہٕ ادبہٕ چھِ مان ماَنۍ اوس
کاشرِس منٛز تہٕ یُتھ ادب تخلیق سپدان۔ یہِ اوسیہٕ کاشرِس مزاجس
براہ تہٕ وول تہٕ نہٕ اوس سون تہذیبی تہٕ تمدنی منظر نامہٕ اَیچ منگ
کران۔ یوٚز لیکھن واَلۍ آسی جدیدیت کِس ناوس پیٹھ تہٕ اتھ سہلابس
منٛز ییہر گژھتھ یُتھ ادب تخلیق کران۔ یِژھ نظمہٕ تہٕ یتھی افسانہٕ لیکھان۔
مظفر عازمن تُل اَتھ صورتِ حالس متعلق قلم تہٕ ہیوٚتن تس
طنٛزُک تیر باران کرُن۔ امیُک ٹاکارہ ثبوت چھےٚ "منہٕ کامن" سوٚمبرنہٕ
منٛز شامل تیسنہٕ نظم "پاسخ در" مثال وچھو ؎

نوِ ادبکۍ آسی پاسخ در۔
سون کلامہٕ چھُ ڈٔرہٕ منٛزٕ دور

فکری تری نہ ہتہ اسہِ چھا چیٖنٹھ
اُسی چھہٖ پھیران اَندریُم دفتر
تہٕ بروٗ نہٕ ہیٚن پکیتھ اُکھی نظمہِ منز سہ
اُسی چھہٖ کران لفظس لہٕ موٚنڈ
اَندریُم تُیتھ تیُتھ نیرہِ نیرَ
یَہ چھہٖ دِگیتھ تراوان سُہ چکس
معنے یَتھ تَتھ روزِ نہٕ ذرَ
یَتہٕ چھہٖ کران تَتھ زنگہٕ ہیوٚر کُن
اَدٕ چھُہ بنان توٚو لٹریچر
ون ادب گوو فرنچ کٹ ریش
اَڈٕ ژٕنہِ مستیچ وونہٕ قبر
اکھ اکھ مصرٕ چھُہ بیل باٹم
اکھ اکھ جملہٕ چھُہ ٹی کالر
اکھ اکھ شعر چھُہ تونتل بوٗٹھ
ماڈارن فاشن چھُہ تہٕ ہر

مظفر عازمن چھُہ پاسخ درٕ نظمہِ علاوٕ خصوصیت تھاون
واجیٖنٕہ بیا اکھ مشہوٗر نظم تہٕ تیٚھند یوسہٕ پتہِ زمانہٕ کین سیاسی تہٕ

سمأجی حالاتن پیٹھ اکھ برپوٗر طنز۔ چھےٚ تہٕ کینسر تٕلۍ آبکۍ پأٹھۍ پننِس نشانس نیٖے شونٛگۍ پأٹھۍ ژوٗک تل واتان چھےٚ اکھ معصومانہٕ اندازٕ ہیتھ، اُکس بِچارِس ہند چانٛڈِ نیرن والہِ دأدی لد تہٕ دوہ کھولدٕ عأے خأرکۍ پأٹھۍ بتھی لاگے کرنہٕ بجایہِ ظألمس دلہٕ چنِ رگن نِشتر دِوان۔

یہِ نظم چھےٚ "قصیدٕ بہ شانِ جم" اتھ چھ یِمہٕ انمانہٕ دس ووتھان

حرفن تہندین زوٗ قرُبان
میٖے کوٚر شک بے یہٕ چھُس نادان
حضرت تہندین وعدن شک؟
حضرت کیا چھو فرماوان
کُمی دوٚپ توہہِ روٗس کھسہِ افتاب
قائم ہیکہِ روٗزتھ اسمان
کُمی دوٚپ تہندِس سایس تل
موٗنگرس کیا کرِ سہہ نقصان
تہٕ ہنا یِہ وہہ یکھ

تہندی لولن دِژنم زِلو
میٖے تہٕ حرفن ہنز چھےٚ نہٕ زان
بیہٕ میوٗنڈ سُتہٕ تہندے خأرات

اوٚر زوٗ سُہ تہٕ تہندِ احسان

تہنز ترٛیٚمہٕ شعر سوٚمبرنٕ "حرف ڈاے" منز شامل نظمہٕ، سُہ تہٕ اوس یوسف، وبھ، تھر بُجھ، الف، موسم، زاڈیک پوش، سفراتھ، کول نو، پوٚت دگر، ویہٕ واندر، دُوٚوٚت، شیچ بوٗتی زوٗن ییتر چھےٚ بدلے منز ولس ہُند پے دِوان۔ اُزی کہٕ زمانکی مسلہٕ تہٕ یمن متعلق شاعر سُند سٔر تہٕ سونچک ردِ عمل۔ تجربن ہنز باز آفرینی تہٕ تہٕ درتہٕ معاقی، باوٕزبل، ژھوچرک میچھر تہٕ سیوٚد ساد یوٗز، سُہ وٗن اظہار چھُ دِلس تھپھ دِوان تہٕ سونچس ملر تلان۔

کیہنہٕ سیٹھاہ موختصر نظمہٕ چھےٚ امہٕ سوٚمبرنہٕ ہنز۔ شناخت، یم چھےٚ بلاعنوان۔ اکھ مثالہٕ چھےٚ پیش۔ تس چھےٚ راژ ہنز پرٛی یہٕ زوٗشتھ،

(۱) تس چھےٚ نیندرٕ ٹاکھ

(۲) سانٛنی مسید چھےٚ مارِی منز

واے

اگر اتھ امام آسہٕ ہے

منظفر عازم چھُ کاشر نظمہٕ ہندین شاعرن منز اکھ ممتاز تہٕ منفرد مقام تھاوان۔ کاشرین نظم نگارن ہُند کانہہ تہٕ تذکرہ ہیکہ تہٕ اُمس روٚس مکمل مانٕنہٕ یِتھ تہٕ تہٕ اُمی سُندِس دِتس معموٗلی زانٕنہٕ یِتھ۔

# گریسۍ کوٗر

رفیق راز

"گریسۍ کوٗر" نظمہِ پیٹھ کتھ کرنہٕ برونٛہہ ییٚیہِ وضاحت کرٕنۍ زِ نظم کتھ چھِ اُسۍ وَنان زِ کیاز اَمہِ نظمہِ ہنٛز ریت پچھنے سوٚے یوٚس وژنس پچھنے آسان۔ نظم پچھنے کاشرس منٛز اکھ شعرِ ذات یا وُنۍ توس صنفِ سخن۔ کتھ فن پارس وَنو نظم؟۔ ہرگاہ وَنو نظم گیہِ سو منظومہٕ یُس نہ غزل آسہِ تیٚلہِ ییٚن اَسہِ غزلکۍ تہٕ نظمہِ ہندۍ پرزناون نشانہٕ اکھ اکھ بدِ کڈٕنۍ۔ غزلکۍ لازمی پرزناون نشانہٕ چھِ بُنیادی زہ۔ اکھ گژھِ یہِ وزنس منٛز آسُن بیٚیہِ گژھِ کم از کم اتھ منٛز قافیُک التزام آسُن۔ غزلکین شعرن پانہٕ وٲنۍ ربط آسُن چھُنہٕ ضروٗری۔ غزل چھُ سُہ اکھ فن پارٕ یُس پنٕنہ شکلہِ ستۍ غزل آسنُک اعلان چھُ کران۔ امکین مصرعن ہنٛز مخصوٗص ساخت شعرکس دوٚیمِس مصرعس منٛز ردیفہٕ ہیتھ یا ردیف ورٲے قافیہٕ۔ مطلع یا مقطع چھِ تم چیز یم غزلس اکھ ہیتی شعرِ ذات بناوان چھِ۔ غزلکین

شعرن درمیان ربطہ آسُن چھُ امِچہ ریشہ خیالی ہند صفت منٛز مزید نمایاں
کران ۔ نظم تہٕ چھِنہٕ شعر ذاتھ ۔ غزلکی پاٹھی چھِنے یہِ تہٕ اَکہِ امپورٹ گرٛتھ ۔
یوٚتام اَمِہ کین پرزناون نشانن ہُند تعلق چھُ تِم بدکوٗٹھی چھِنہٕ تیوٗت سہل
یوٚتاہ غزلکی پرزناون نشانہٕ بدکرٛٹھی چھِ ۔ یِتھ چھُ بیاکھ مشکل یہِ زِ یہِ
چھِنہٕ کُنہٕ تہٕ صوٗرتس منز غزلکی پاٹھی ہیتی صنفِ سخن ۔

مشرقی شاعری منز تہٕ کاشُر شاعری منز چھِنے وارِیاہ شعر ذاتھ موجود ۔
واکھ، شرک، مثنوی، غزل، رباعی، وژن چھِنے کیہنہ قابلِ ذکر شعر ذاتھ ۔
یِمن شعر ذاژن چھِنے پننی پننی مخصوٗص شکل تہٕ ہیئت ۔ نظم ہیکہِ یِموی ہیتی
شعر ذاژن ہنز شکل یِتھ تھٔرتھ آمُت کاتُسہ تہٕ فن پارٕ آسِتھ ۔ نظم ہیکہِ
یِموٗ شکلو ورٲے بیٚیہ کُنہ شکلہِ منز تخلیق کرتھ آمُت فن پارٕ تہٕ آسِتھ ۔
موختصر کرٕ و عرض زِ نظمہِ ہنز شکل تہٕ ہیئت چھِنے غزلکی پاٹھی
مقرر ۔ نظمہ کین پرزناون نشانن منز چھُنہٕ سُہ وزن تہٕ شامل یُس مثلاً
غزلک اہم تہٕ بنیادی پرزناون نشانہٕ چھُ ۔

تیلہِ کم خصوٗصیات چھِنے تِمہٕ یِموٗ کِنی اَسی کانہہ فن پارٕ نظم قرار دِمون ۔

۱۔ شعرن درمیان ربط ۲۔ خیالک تسلسل ۳۔ وحدتِ تاثر

یِمہٕ ترٛےٚ خصوصیتھ یا یِموٗ منز کانہہ اکھ خصوٗصیت یِتھ فن پارس
منز موجوٗد آسہِ (بانہِ تِمہٕ شکل تہٕ ہیئت کانہہ تہٕ آسی تن) تتھ فن پارس

ہیکو نظم وُنِتھ۔

غزلکہ کِنہٕ تہٕ شعرکین دۄن مصرعن چھُ پانہٕ وٲنی اکھ اژھین واٹھ آسان تہٕ امی مکمل ربطہٕ کِنہٕ ہیکون یہ غزلُک اکھ شعر تہٕ اُسی نظم تسلیم کٔرِتھ۔

نظمکی یِم ترٛےٚ بُنیادی پرزناون نشانہٕ ہیٚر کِنہٕ درج کٔری تمو منز چھِ گوڈنکۍ زٕ نشانہٕ سانین اکثر نظمن منز غائب۔ شعرن تہٕ مصرعن درمیان ربط تہٕ خیالک تسلسل چھُ سانین کلاسیکی یا رومانی نظمن تہٕ جدید دورچن نظمن منز غائب۔ تہٕ کٔرِتھ تہٕ چھےٚ تِمہٕ نظمے روزان تہٕ کیازِ تِمن منز چھُ ترٛیِم مگر بُنیادی تہٕ اہم پرزناون نشانہٕ "وحدت تاثر" ٹاکارہٕ آسان۔

مہجورنی "گریسی کور" چھےٚ ترٛژھوےٚ نظمو منز اکھ یمن منز وحدت تاثر موجود چھُ مگر شعرن درمیان ربط تہٕ تسلسلِ خیال چھُنہٕ موجود کینہہ۔ "گریسی کور" چھُنہٕ کانہہ ترژھ نظم یُس افسانکۍ پاٹھۍ ونہٕ چھےٚ آمژ زیٚتھ منز گوڈ آسہٕ یتہٕ آسس منز یِم حصہٕ تہٕ اٰخرس آسس اند۔ یِم ربطس تہٕ تسلسل خیالس پیٹھ اصرار کران تِم چھِ نظمہٕ منز۔ یِمنے ترٛن چیزن ہُند تقاضہٕ کران یِم تہٕ وۄنی افسانہٕ باپتھ تہٕ ضروری چھُ۔ نظمہٕ ہتر چھُنہٕ کھٕتھ۔ تسلسل خیال گو نظمہٕ منز سطر پتہٕ سطر خیال یا تجربہٕ بروٚنہہ پکہٕناوُن۔ جدید دورچین استعاراتی تہٕ علامتی نظمن منز چھُنہٕ یہ ممکنے۔ لہٰذا روُد اکےٚ چیز یُس کِنہٕ فن پارس "نظمُک" رۄتبہٕ بخشان

چھُ سُہ گوٚو "وحدت تاثر"

"گرِسی کوٚر" نظم چھےٚ اَکھ بہترین مثال"۔ گرِسی کوٚر نظمہِ ہِنز ہیت تہٕ شکل چھےٚ وژنٕچ مگر یُس چیز اَتھ نظم بناوان چھُ سُہ چھُ "وحدت تاثر" کلہُم اردو شاعری تہٕ کاشُر شاعری ہندِس اَکِس بڈِس حصس منز چھُ فارسی تہٕ ایرٲنی طرز احساس تہٕ طرزِ بیان اَسہِ نظرِ گژھان۔

اردو چہِ غزلیہ شاعری تہٕ ساہنین وژنن منز چھُ عموماً تم نادیدہ جہان نظرِ گژھان یم بذاتی ایرٲنی تخیلکی پیداوار چھِ۔

ہرگاہ اَسی پننین صوفی کیو رومانی شاعرن سام ہیمو اَسہِ تُنہِ زِ ساہنین شاعرن ہُند تخیل تہٕ اوس تموے وَتو سفر کران۔ یمو وتو ایرٲنی شاعر پھیرتھ اٲسی آمتی۔

اَسی ہرگاہ پننین مثنوین، جنگ نامن یا وژنن سام ہیمو تیٚتہٕ چھِنہٕ اَسہِ زمینہِ ہنز خوشبوے نظرِ گژھان۔ حالانکہ یہِ کتھ چھےٚ گوڈے تسلیم کرنہٕ آمژ زِ آفاقیت ہنز بنیاد چھےٚ مقامیت۔ مقامیت چھےٚ سُہ پڑاو زِ ہرگاہ اپارِ یکوٚ تہٕ دوٚیم پڑاو آسہِ آفاقیتک گوڈنیک پوو۔ ساہنہِ شاعری منز اوس یہِ عنصر وہمہِ صدی ہندین گوڈنکین دوٚن دہلین تام نابوٗد۔ ساہنہِ شاعری ہندی تمام خارجی حوالہ اٲسی زیادہ پہن تم یمن نہٕ ساٲنس اَندی پکیس ستی یا ساہنہِ میژِ ستی کانسہِ سیدِ سیوٚد تعلق اوس۔

آزاد تہٕ مہجور چھِ تِم زٕ اہم شاعر یِمن شاید اردو چہ نیچرل شاعری ہنزِ تحریکہِ کِنۍ اوکُن گوڈ ظون گوو۔ تِمو کوٚر پننہِ ذہن شعوری طور تِمو تخیلاتی دنیاہ ہوٚنتِش آزاد۔ یِم ایراثو ہتہٕ بدن وٚریٚن تخلیق آسی کرٕ متہٕ تہٕ یِمکی سحرن کأشُر ذہن وُلٹہٕ پأٹھی آوُر مُت اوس۔

آزاد تہٕ مہجورے چھِ ہراول دستکی تِم زٕ سالار یِمو پننہِ زمینہِ ہُند وُشینر گوڈ محسوس کوٚر تہٕ ادٕ تِمۍ باوتھ گرٛیسۍ کوٗر ہِش نظمن منز کوٚر۔

دجہِ پیٹھ وچھکھ تھوٚد لٔدِتھ ژٔرۍ لے ۔۔۔ لولو کراں لولرییے

ژٕ مالو سے ژوٚر کرٕی کرٕی لے ۔۔۔ گرٛیسۍ کوٗری نازنین سوندریے

یتھ بندس منزٕ یِس فضا گنڈنہٕ چھِ آمٕژ سہ چھنہٕ خیالی یا تخیلاتی دنیاہُک فضا بلکہ سانہِ گامُک سہ حقیقی فضا یتہِ ازتہٕ گرٛیسۍ کورِ دجن پیٹھ ژٔری وُڈٕ وُٹی کأم چھےٚ کران۔ یِتھ ہِشہِ نظمہِ یِمن منز حوالہٕ تام زمینی چھِ چھےٚ حقیقت نگأری ہِندی اوٚلین نموٗنہٕ۔ آزادن چھےٚ اَمہٕ آیہٕ کأفی نظمہ تخلیق کرٕ مژٕ مگر مہجورن اوس کأشرِ نظمہِ منز حقیقت نگأری ہُند رنگ بھرنُک ڈٕسی لابہٕ گوڈے کوٚر مُت۔

مہجورنی یہ نظم بنییہٕ کأشرس منز TREND SETTER کأشرس منز آو اَمہٕ آیہٕ ژین نظمن ہُند اکھ سأکلاب۔ "یہلی کوٗر"، "کرالہٕ کوٗر" بیتر ہِشہٕ نظمہٕ چھےٚ فوری طور یاد پیوان۔

گرِ یسۍ کوٗر چھینہٕ کانہہ ترٛٹھ شاہکار نظم یتھ منز کانہہ باگہ بوٗرُتھ معنوی دنیا آباد چھُ ۔ اما پوٚز چھےٚ یہِ نظم کاشر شاعری منز اکھ تاریخی اہمیت تھاوان ۔ اَتھ نظمہِ منز چھِ تِم بدلوونی اظہارٕ ٹاکارٕ نظر گژھان یِم وہمہِ صدی ہندِ ابتدأیی دہلہن منز سانہِ نظمہِ منز نمودار ہیتِن سپدِ نی ۔ وُنہ اوس کاشر شاعر فارسی پٔتھ ژٕٹھ کاشرِ پکھوستہِ پرواز کرنٕچ مشق کران ۔ وِینکس اتھ نازک موڑس پیٹھ ہیکو نہٕ کاشرس شاعرس نِشہِ شہکار نظمن ہنز توقع تہِ کرِتھ ۔

اَتھ نظمہِ منز چھُ شاعر تہِ حقیقی حسنس تعریف کران یُس نہٕ اَکھ مافوق الفطری حسنٕچ موجودگی منز اوٚتام لبہٕ نےٚ اوس یوان ۔ اوٚتام اوس سانہِ شاعری منز یا تہِ حورن تہٕ پرٛیَن ہندِ حسنٕچ گاہ نتہٕ مشرقی شاعری ہندِ مشترکہ محبوب سُندِ سُہ حسُن نظر گژھان یُس عاشقس پیٹھ ظلم تہٕ جبر کرنس پیٹھ ہوٚل گنڈتھ اوس آسان ۔

اَمہِ نظمہِ تہٕ چھےٚ بیاکھ اکھ کتھ فکر تران ۔ سو گیہٕ یہِ زِ کاشرۍ شاعر آسۍ اردوکہِ وسیلہ کینژھا ترقی پسندی نِش واقف سپدِ مُتۍ تہٕ کینژھاہ اُسۍ انگریزی رومانی شاعری ہنزِ فطرت پسندی نِش تہٕ کیچھ تام پاٹھۍ واقف گامُتۍ ۔

گمہٕ ہتہٕ شوبان بمہٕ ونجرےتے    چھِ کران غارت گریلے

حِس پَنَے راوی مَس ملریے        چھِ کراں غارت گرٕ یے

یَتھ بندس منز چھِ بظاہر بمن تعریف کرنہٕ آمٕژ مگر گمہٕ ہٕنٛزٕ لفظ
چھُ تَتھ محنتس کُن اشارٕ کران یوٚس ساٚنی گرِیِ کوٚر کھنہن منز کران آسِ
تہٕ یِمیک استحصال تہٕ عروُج بیٚٹھ اوس۔

روٗیں چاٗنس ماہ پیکریے        آب ورنگ چھِنہٕ بازریے
موٗلیں ماچھے پھلی دلِ تریے        آب ورنگ چھِنہٕ بازریے

یَتھ بندس منز چھِ تمہٕ فطری تہٕ حقیقی مگر ظلم و جبرس تَل پیسنہٕ آمہٕ
حسنک ذکر یتھ پیٚٹھ نہٕ کیہنہٕ بناو سنگارک عمل دخل چھُ۔ تہٕ کیا زِ بناو سنگار
سٟتۍ چمکاونہٕ آمُت حُسن چھُ بقول شاعر بازٕری یا مصنوعی۔

اتہٕ تہٕ چھےٚ انگریزی رومانی شاعرن ہنز بازگشت نظر گژھان
یم دیہی ماحولس منز پَنٛنِس RUSTIC حُسنس مُتۍ آسی۔

ژٕ نے تہٕ خوجہ باین چھا برابری یے۔ ژٕ نے گلن سٟتۍ دلبری یے
خوجہ بایہٕ ترٚوِیر تھ دار تہٕ برٕیے        ژٕ نے گلن سٟتۍ دلبری یے

نظمہٕ ہُند یہٕ بند چھُ یِمہٕ کتھہٕ ہُند مزید ثبوت زِ نظم نگار چھُنہٕ کُنہٕ
تخیلی آسمانس بلکہ چھِ تمی سندی کھور رتٕنی زمینہٕ پیٚٹھ۔

ہر گاہ یتھ نظمہٕ منز اکھ وحدت تاثر و دٕ تلان آسہٕ ہے تیلہٕ
وِنہٕ ہوٚئسی یتھ فن پارس اکھ وژنُے۔ تہٕ کیا زِ یہٕ نظم چھےٚ وژنہٕ تشکیل

منز آہرٕ لیکھنہٕ ۔ وژن تہٕ چھُ غزلکی پأٹھؠ ریز خیأ لی ہنز بیاکھ مثال۔ یُتھ وژنس منز چھینہٕ اَکِس بندس بٔیِس بندس ستیٖ کانہہ ربط نہ چھُ بیتہٕ بند خیالک تسلسل برونہہ پکان امأپوٚز کلہم وژن چھُ اکھے تاثرُ وہ تلاواں یِمہِ کِنہٕ یُتھ وژنس نظم وَتہٕ نس اَسہِ کانہہ گال چھیٖنہٕ گژھان ۔



# نیلہٕ ناگ : اکھ سام

غلام نبی آتشؔ

۱۹۶۵ء منز گیہ محمد امین کامل سٕنز دوٚیم اہم شعر سوٚمبرن "لوٚتہٕ پٔروٚ" شایع۔ اَتھ منز چھےٚ تہنز نظم "نیلہٕ ناگ" شامل۔ امیُک مطلب گوو یہ نظم چھےٚ الہ پلہ ہنزاہ وری برونہہ تخلیق سپٕز مٕژ۔ امابوٚز اَمہِ ہمیشہ بہار نظمہِ ہنٛد ساد رواروٚہ چھُ ازتہ قایم۔ یرٛن وول چھُ "نیلہٕ ناگ" عنوان وُچھتھ وارِہین کنہٕ ہن گرٛھان۔

نیلہٕ ناگ چھُ ویرِ پرگنس منز۔ یتہٕ ووٚنی شاہ آباد وَنان چھِ اکھ ناگ۔ ویرِ پرگنہٕ چھُ بانہاج بالہٕ کس دامنس پیٹھ۔ نیلہٕ ناگ چھُ ووٚنی ویرناگ ناوٕ زانہٕ یِوان۔ نیلہٕ ناگس سٕتؠ چھےٚ دیومالأیی تہٕ بالافطری روایژ وابستہٕ۔ نیلہٕ ناگ چھُ اکھ قدیم کأسی اسطور۔ نیلہٕ ناگ چھُ اکھ نیم تواریخی روایت۔ نیلہٕ ناگ چھُ ناگن ہندِس عظیم راز نیل سٕند دارالخلافہٕ۔

اُتھ دربارس منز۔ کریو وپشا چو آرین ہُند جوسُوس سفیر ژُندرِ دیوپیش۔ تموّ اوّن سُہ تِتھے پاٹھی گلہٕ وان یِتھہٕ پاٹھی شُری کانسہِ ہار یا ژٕر زنگہٕ ڈوٗر گنڈِتھ گلہٕ وان تہٕ لیتھِ وان چھِ۔ ژُندرِ دیوٗن راز نیل ہندِس دربارس منز۔ واتُن بنیوو "نیل مت پوران" کہ وجودس منز۔ نیک باعث نیل ناگ چھُ ساںہِ لکہٕ ووٚتریک کردار تہٕ۔ نیلہٕ ناگ چھُ ویتہِ ہُند آگر۔ نیلہٕ ناگ تہٕ ویتھ ووٚتھ حِنِ ناجن چھُ سرٕ وٚدسر یہہ پکان۔ ویتھ چھےٚ کشیر ہنز شہہ رگ۔ ویتھ چھےٚ کاشرِ ہُند زُوَن پے۔ ویتھ چھےٚ دیوی پاروتی ہُند روپ۔ نیلہٕ ناگ چھُ ناگام پرگنس منز۔ گوگجہ پتھرِ گامس بالہٕ دامنس تل تہٕ تہٕ ژارجہ وَتہٕ ناگام وُڈرِ پیٹھ تہٕ چھُ اکھ نیلہٕ اکھ نیلہٕ ناگ[1]۔ ہیندی چھِ مین نیلہٕ ناگن پوٗزان۔

امین کامل سنز۔ زیرِ تبصر نظمہِ ہُند عنوان "نیلہٕ ناگ" تہٕ چھُ ویر پرگنک نیلہٕ ناگ، نہٕ گوگجہ پتھرِ ہُند تہٕ نہٕ ناگام وُڈرِ ہُند۔ اَتھ چھُنہٕ کانہہ جغرافیائی نیب۔ یہ چھُ شاعرِ سندی تخیلُک تخلیق کوٚرمُت۔ پرن والین ہندِ باپتھ تہٕ چھُ یہ خیالہٕ چوٗ اُچھو وُچھنک تہٕ وُچھتھ ژینہٕ نک چیز۔ امہِ نظمہِ ہند لُب لباب چھُ یہ زِ شاعر، یُس نظمہِ ہند تخلیق کار تہٕ چھُ تہٕ کردار تہٕ متکلم تہٕ، چھُ

---

[1] تاریخِ حسن، حصہٕ اول، فارسی۔ ص: ۱۳۶۔

خیالن ہندی ہرِ تہٕ دورہٲوِتھ نیلہٕ ناگس تام واتُن پرٕژھان۔ تُنٛد جنوٗن چھُ منٛز۔ ونٛزی وُہان تہٕ وُچھان تہٕ چھُس تھَدِ تھوٗد وُلمنِن کھاران۔ راتھے ووٗتھ تسنٛد جنوٗن کُنی ژھال نِتھ دردِ وٕہ کس دامنس تل، دردون یِتھ پیٹھ قرٕ وادو پیٹھ کنہٕ تام یارِ گنٛرس منٛز۔ نیلہٕ ناگ وُزان چھُ۔ اما پوز خیالن ہندِ یم ترلیشہِ ہتی یاگی ہرن چھِ سنگرو، کھنگرو تہٕ نارو پیٹھ نیلہٕ ناگک بےپناہ لبتہٕ رفتے ناکام گرِتھ واپس یِوان۔ آخرس پیٹھ چھُ خیالی عالمُک یہِ بے منٛزل نامرُاد مُسافِر یِتھ نتیجس پیٹھ واتان زِ یِنہٕ نیلہٕ ناگس تام واتُن چھےٚ بِتھ۔

نیلہٕ ناگ چھُ اکھ سیٹھہٕ تہٕ شوٗ معنہِ سوو استعارہٕ۔ زندگی تہٕ کایناتکِ آگرُکت، گوڈُک تہٕ اَنٛتھُک استعارہٕ۔ کامل صابنہٕ اَمہِ نظمہِ منٛز۔ ییرن تہٕ اَتھ منٛز۔ ورتاوہٕ آمژ تخلیقی زبان چھےٚ اَتھ نظمہِ تہٕ یہِ ڈٲپزِ تہٕ اکھ استعارہٕ بناوان، یِتھ منٛز حیرت زاتہٕ پُراسرار مگر مدموٗت، منہٕ موون تہٕ رنگہٕ ولِہ ماحول اُکی سہے جایہِ سوٚمبرِتھ تہٕ وٕہرِتھ چھُ۔ تعجُب چھُ اَتھ حارت خانس اندر چھےٚ روماںٛچ عطرتہٕ مُذہم ژھہٹہٕ ماران۔ خیالن ہندن ہرن ہُنٛد وُڈو تہٕ دوریتھ دردِ وٕہ کس دامنس تام واتان چھِ، سہٕ دردون تہٕ چھُ جغرافیایی نیسبہِ روٗس۔ سُہ چھُ شاعر ہندس تخیلس منٛز۔ یوہے وِتھ وارتہٕ وُژھہ وار تخیل چھُ وُچھان زِ نیلہٕ ناگ چھُ ماری مندس مارِ منٛز ہنٛزن خماری جیشمن منٛز۔ اُتی چھُ وُچھان زِ نیلہٕ ناگ چھُ محبوبہٕ ہندن

اُچھرالَن ہندِس سائیس تل وُزان ۔ دراصل چھےٚ شاعر ہند بن یا گیٚ خیال وُنا وٕلی تہٕ بے قراری برادیمٕژ ۔ سُہ چھُ وُچھان نیلہٕ ناگ چھِ پیٚر ونس اوٚبر لو ہگس منز ۔ شام وقتس تارکھ پاٹھی زوتان ۔ کلہم پاٹھی چھُ تلاشُک جستجو ہک تہٕ پرزلبہٕ نک پیہ پاس ۔ تکیازِ شاعرس نش چھُ نیلہٕ ناگے کائناتکہِ دائیرُک مرکز تہٕ گوڈ ظلمات ڈلتھ دراوامی منز ۔ گوڈنیک صُبح ۔ظلمات ڈُیتھ گووگیڈٕ ، گاشس پردٕ ، اسرارن ہند گُپتھ گنج ۔ یہ اصطلاح چھ سانہواکتر صوفی شاعرو درتوومُت ۔ وَنہٕ چھُ یوان زِ بجر ظلماتس منز چھُ آبِ حیات ۔ سائنس لکہ وٕوترِس منز چھےٚ یہ ایرانی لکہٕ روایت تہٕ چلہٕ وُنی زِ سکندر فیلقوس گیاو خواجہ خضرؑ ہنز رہنمائی منز آبِ حیات ژھارنہٕ ظلماتس منز مگر تور آو ترشیہِ ہوتے والس ،[۲] مُلا طاہر غنی کشمیری ہندِس یتھ شعرس منز چھےٚ یہے تلمیح ورتاونہٕ آمژ ؎

تہی دستانِ قسمت راچہ سوٗد از رہبر کامل
خضر از آبِ حیوان تشنہ مے آرد سکندر را

بارستہٕ تہٕ پوس واتی متین صوفی شاعرن نش چھُ ظلمات ازلُک آگُر ۔ انسان چھُ ازلے پرزہلی خصلت تہٕ یہ رزانہٕ نیچ یژھ ہیتھ آمُت ۔ سُہ چھُ کائناتُک ابتدا ، انتہا ، اکی اسرار تہٕ زاوی جار تہٕ امہِ

---

[۲] خیال اوس کرنہٕ آمُت زِ سکندر اعظم اوس سے عظیم فاتح ، ( باقی برونہمس صفس پیٹھ )

سارِ کے تخلیق کارُ وٕنی راوُن تہٕ زانُن یِرٕ ژھان، اماپوز بقولِ شاعرہ

نہٕ چھُ ہیٚر گردس نہٕ چھُ کُنہِ بون
وَنہٕ کس تور چھُنہٕ واتان ظون

سفر چھُ انسانس ازلے باگہِ آمُت ، سالک چھِ سلوکہٕ چَن وتن پیٹھ سفر کران ، شاعر چھُ تخیُل چَن کھن پیٹھ سوار سپدِتھ سفر کران ۔ ساری سفر چھِ زانٛنی پیٹھِ ازانٛ کُن ۔ کاملؔ صابنہِ یتھ نظمہِ منز۔ تہِ چھُ نیلہِ ناگ کُن سفر۔ حضرت فریدالدّین عطار ہٕنزِ "منطق الطیر" مثنوی منز۔ چھِ جاناوار پننِس بادشاہ سُند دیدار کرنہٕ باپتھ سفر کران [3] فردوسی ہندِس شاہنامس منز چھُ سام پہلوان گل دوخ پری (پری گل دوخت) ہندِ باپتھ کوہِ فناہس منز۔ طلسماتِ جمشیدس کُن سفر کران ۔ مثنوی گلِ بکاولی منز۔ چھُ تاج الملوک پرستانکس ناگس تام پوشہِ باپتھ سفر کران تہٕ ہزار داستان

ہیٚمس قرآنِ مجیدس منز۔ ذوالقرنین وننہٕ آمُت چھُ۔ حضرت نظامی گنجوی ہندِس سکندرنامس منز چھُ یوٚہے خیال موجود۔ اماپوز نوٚ تحقیقہٕ مطابق چھُ نِنومُت ز ذوالقرنین چھُ یا تہٕ ایرانٛی بادشاہ دارا اول (بیان الفرقان از مولانا محمد علی) نتہٕ ملکِ یمنُک اکھ بادشاہ (تفہیم القرآن از مولانا ابوالاعلیٰ مودودی)۔ چونکہ سکندر ز فیلقوس اوس عظیم فاتح اوسہٕ ہٕ اوس سُہ وقت گذرنس سٟتی فوق البشر مانہٕ آمُت ۔ (کلیاتِ مولوی صدیق اللہ : مرتب : پروفیسر محی الدین حاجنی) ص ۳ دٕ چھو یودنہٕ کُن

دلیلہِ منٛز۔ چھُ ہیوان شہزادس سوٚتہٕ سُند آب اَتھہٕ باپتھ سفر کرُن۔
یِمن سفرن دوران یِم مشاہدٕ تہٕ تجربہٕ مسافرن سپدان چھِ، تِمن ہُنٛز
باوَتھ چھےٚ وکھ وکھ لفظہٕ راش ورتاوِتھ سپدان۔ انسان چھُ آدن
کالہٕ پیٹھے سفرس منٛز۔ اما پوٚز "نیلہٕ ناگ" نظم چھےٚ کانٛسہِ صوٗفی سُند
سفرتہٕ تجربہٕ، یہٕ چھُ اَمیک تخلیق کار امین کامل صوٗفی تہٕ نہٕ سلوٗک چِہ
وَتہِ ہُند وَتہٕ گٕتھ۔ ووٚں گوٚو تصوُّف تہٕ اَمہِ کِس تحریری موادس پیٹھ
چھُس پوٚر نظر۔ کامل صابن ورتوو صوٗفی شاعری ہُند اصطلاح "ظُلمات"
امہِ سِتہِ چھُ نظمہِ ہندِس ہوانواہس منٛز سرساوٕر پادٕ سپد یوٗمُت۔ وَنان
چھِ زِ یِم ظُلمات ڈوٚل نیلہٕ ناگہٕ منٛز۔ گوٚو اَولِم صبح نموٗدار۔ آدمس گوٚو
گوٚڈنیُک شعر نیلہٕ ناگہٕ منٛزٕ عطا۔ اَتی دراو حضرت عیسیٰؑ ہس صلیبس پیٹھ
بارجہِ کنڈین ہُند تاج ووٚڈ دِتھ برات۔ نجہٕ وَن گوٚو اکی رمز
گلنار، بے ستون بال آدٕ ہراونہٕ۔ نیلہٕ ناگے چھُ پوشہٕ وُن سکوٗن
تہٕ سروٗر عطا کرن وول، یوٚہے چھُ سوکھن بوزتہٕ دوکھن دوا کرن وول۔
کامل صابنہِ تخیلُک وُڈو چھُ یتھ نظمہِ اکھ طلسماتی ہفت خانہٕ بناوان۔
خیالن ہندی ہرن چھِ نیلہٕ ناگس تام واتہٕ نس منٛز۔ ناکام گژھتھ تھکِس کالس
کُن وُڈان۔ یتھ کال، نامعلوم وَق، ییٚتہٕ پیٹھ انسانن سفر شروع
کوٚر۔ مختلف پڑاو سرکرِی، سفر رُود جاری مگر نیلہٕ ناگ آو نہٕ اَتھے۔

خیالن ہندی ہرن چھِ گیے ظلمات ڈلہٕ نک منظر وُچھناوان، فرہاد سُند شیرینہٕ ہندِ مارمیتہٕ بے ستوٗن بال پراٹھٕک منظر درشاوان، کہے مجنون سُند لالہِ ہندِ امارٕ نجدٕ وَن ژھنڈٕنک نظارٕ ڈیشناوان تہٕ کہے حضرت عیسیٰ سُند صلیبس کھاژنٕک واقعہ ژٕہ تس باوان۔ یِتھہٕ پاٹھی چھِ یتھ نظمہِ اندر حقیقت کہ تلاشُک سفر تہِ، پوٚت یاد تہِ، سیر ساوبر، رومان، حزن، حسن، آتش، مویوسی، پوٚت کال، بدس کال تہٕ ینہٕ کال پیٚٹھ کیٚہنہ وِہراوٕتہٕ آمُت۔ یِہ ہیٚری ہیٚری پرنہٕ سِتی چھِ یہ پرن والیس زیادٕ زیادٕ آوراوان۔

نیلہٕ ناگ؟
چانہِ اُچھ
چانِن اُچھ والن ہندِس سایس تل
اوٚبرٕ لوٚنگس منز چھُ زوتان
شامہٕ تارُکھ لوٚبہٕ وُن
نیلہٕ ناگ؟
زاویتہِ اولم صبح
ظلمات ڈوٚل
شعر گوٚ ڈینک آدمس سپد لوٚ عطا

عیسیٰؑ ہس دژایہ صلیبچ باجہِ کنڈی تاجچ برات

نجدٕ وَن اکہ رمٕز گوٚ دٕ گلنار

ؤسی پیوو بے ستوٗن

نیلہٕ ناگ کاینا تکہِ دائرک مرکز تہٕ گوڈ

نیلہٕ ناگ زندگی ہندِ ین دوہکھن ابدی سروٗر

ہاوسن ہند انتہا

نیلہٕ ناگس تام واتن بُڈ کتھا

امین کامل ہنزن کہیٚ یاہ نظمن منز چھُ اسرآری ماحول میلان اما پوٚز اتھ ماحولس لونچہِ تل چھِ نہٕ صرف زندگی ہندِ ین مسلن تہٕ معاملن ہندی شاعرانہ تجربہٕ اظہار پراوان بلکہ اَتھ منز چھےٚ تِہندِ فلسفیانہ سوچنچ بلہٕ مشتہِ۔ یہے کتھ چھےٚ پروفیسر شاد رمضانن یمن لفظن منز باوٕمٕژ:

" امین کامل سنز نظمہٕ ہنز امتیازی خصوصیت چھےٚ تِسندِ سوچِک فلسفیانہ روہ رکانہٕ یتھ اسرآری بلہٕ مشتہ چھےٚ۔ زیر و برج، پرِنیٚ شاہراہ تہٕ نیلہٕ ناگ ییترِ نظمہٕ

---

۲۔ امہٕ مثنوی ہند منظوم تلخیص چھُ "مومین صاٰبن" کاشرٕ "منطق الطیر" ناوٕ تہٕ کوٚر مُت

پھِ‍ۍ فِکری اعتبارٕ وُسوار تہٕ باوٕژ لحاظٕ موزوٗن تہٕ مناسب۔ فِکرِ ہُند یہِ فلسفیانہٕ اِظہار چھُ اُہنزٕن اَمہِ قبیلہِ چٕن نظمن کاشرِ نظمہِ منٛز امتیاز بخشان۔ کامل سُند طرزِ بیان چھُ وزٕ وزٕ استعارٲتی تہٕ علامتی اِظہار پراوان۔"

( اَتھ ظُلماتس لعل کیلہٕ چھِ‍ۍ تے۔ شاد رمضان ص ۲۲۱)

کامل صابنہٕ تشبیہہ کارِیہ تہٕ استعارٕ سازِیہ ہنٛز ہوٕنہٕ پھِ‍ۍ یہِ نظم سیٹھاہ دلچسپ تہٕ توجہ طلب بناوان۔ تَمہِ ندی استعارٕ چھِ بالکل نوٚی۔ سارِوے کھوتہٕ توجہ طلب پھِ‍ۍ تَمہِ ندی تجسیم کارِیہ ہنٛز عمل۔ اَتھ چھِ‍ۍ تخلیقی عملس منٛز سیٹھاہ اہمیت۔ یہِ عمل پھِ‍ۍ پَرتھ واَیس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ آوراوٕنۍ کام کران۔ تجسیم کاری گوو اکاین چیزن کلے عطا کرنہٕ، یہِ کرنہٕ سٟتۍ چھِ‍ۍ بےٚ زُو چیزن زُودارن ہنٛز ہش عمل پیٚتراونہٕ یِوان، یہِ سورُے چھُ تخیُل تہٕ تخلیقی ترکیب نتیجہ مثلن ہوا چھِپی نہٕ جاندار، ہو ہکس کھِچس سوار سیدن گوو تیز پکُن، بوزن وول چھُنہٕ یہِ ترکیب بوزِتھ ہو ہس رکھیہ ونہٕ تشبیہہ نکاران۔ کامل صابس اوس شامُن نقشاوُن تہٕ راتھ استقبال کرُن۔ دوٚپُن بالہٕ پیٚتتاکس پیٹھ پیٚتتن آفتاب بالہٕ برٛز گژھان چھُ تراَو اُمی بالہٕ برٛز گژھن ولی آفتابن راتھ ہنٛز شُمہٕ

منز سینٛدرٕ یاں زِ راتھ کرٕن PERSONIFY زنتہٕ سو اکھ ژٕنی چھےٚ یمِس کرہنٕس مستس سُم چھےٚ کڈٕتھ! یہ چھُ اکھ نادِر استعارٕ، یُس آفتاب کہ لوسنک تہٕ راژٕ ہندٕ نیک منظر شکلاوہٕ باپتھ گرہٕ آمُت چھُ۔ یہ چھُنہٕ اکی ساعتُک منظر بلکہ چھُ یہ اکثر وقتلان روزان ؎

بالہٕ تینشا کٕس تٕتی ییٚتہٕ نٕس چھُ اکثر افتاب
راژٕ سُمہٕ شفقچ سینٛدرٕ تراوان تہٕ سپدان بالہٕ برزٕ

یَتھ نظمِ منز ورتاونہٕ آمژ بیاکھ خوبصورت استعارٲتی ترکیب چھےٚ "ترٕیشہٕ ہتی بےٚ سوکھ یاگ خیالن ہندی ہرن"۔ خیالن ہندی ہرن چھِ یاگ یاژِ یمہٕ قوبوس منز روزان چھِ، بے قرار تہٕ ترٕیشہٕ ہتی تہٕ۔ خیال چھُ ہوا کھوتہٕ تہٕ تیز رفتار۔ ہرنہٕ لۄدوے واریاہ تیز رفتار تہٕ وُزٕھوٕ چھُ مگر ہوا وس ہشِ وُزٕھ وارٕی، وُپھ وارٕی تہٕ تیز رفتاری چھنہٕ۔ اما تا کامل صاٖبن کیازِ نہٕ ہو بچہٕ وُزٕھ وارِ یہ تہٕ وُپھ وارٕی گرٕتھ استعارٕ گۄرمُت! شاید ما ہیکہٕ ہے نہٕ ہو بچ تیز رفتاری تہٕ زور آواری ہُند استعارٕ نظمہٕ ہندِس مخصوص ماحولس منز۔ رومان انگیزی ہُند عنصر وتلاوتھ تکیازِ ہرنس چھےٚ محبوبی حیشمہٕ، یمہٕ حیشمہٕ چھےٚ دل نوان، ہرنہٕ چھُ رم کران، ہرنہٕ چھُ نخرٕ کران۔ ہرنہٕ چھُ ماری منز رٕک علامت۔ ہرنہٕ چھنہٕ محبوبہٕ ہندی پاٹھی لیہ انُن سہل۔ خیالس ہرن وُنتھ اکھ کاے عطا کرِتھ

بے قرأری پیٹھ اوّنٛج عمل چھِے اَتھ استعارأتی ترکیبہِ اندر تیز رفتارِیہِ بانٛبرِتہٕ تلاشچ شِدت ہُرراوان۔ خیالن ہندی ترییشہِ ہُتی ہرن چھِ وُٹھ پھیشان تہٕ کھمان ؎

ترییشہِ ہُتی درا بےٚ سوکھ یا گِ خیالن ہندی ہرن

وُٹھ پھیشان، بیہم کھمان، نارٕ وسان، سنگرن کھسان

نیلہِ ناگُک پےٚ کڈان، دوران دوان

پھیری پھیری ییٚہِ ژھینٛتھ سپدیٚ وُدأسی

شأعرس چھُ وَنُن زِ حأدِثہٕ چھِنہٕ ازتام کأنسہِ رُکأوِتھ ہیٚکی مِتی۔ حأدِثہٕ چھِ اچانک سپدان، حأدِثہٕ چھِ برباد ی انان، تِتھے پأٹھی یِتھہِ پأٹھی ہایت بے خبری منٛز حملہ کرِتھ ییٚنٛنِس بٕچن ہندی تیز نم شکارس جِسمس اندر بوڈوان چھُ۔ اما پوز وَنُن : "حأدِثن ہایت بٕچن کُمی کأسی مِتی ازتام چھِ نم"۔ حأدثس ہایت بٕچکی اکأسی نم وَنُن چھُ کأمل صأبنہٕ نادِر تشبیہہ تہٕ استعارہ سأزیہِ ہنز تَنہٕ مہارتھ۔ بلکہ چھُ "ہایت بٕچن نم کاہِتی" ناممکن کامہِ ہندس معنہِ ہِس منٛز۔ نوٚو محاورٕ۔

نیلہِ ناگ نظمہِ ہنٛز بیاکھ خصوصیت چھِے امیک انگہِ یکٕت، یوسہٕ اتھ بظاہر مختلف منظر پیش کرن واجِنہٕ

نظمہِ اکھ وحدت بناوان چھنے ۔ اتھ منز چھنہٕ صرف مختلف خیالات،
احساسات تہٕ مشاہدات موجود بلکہ کیہنہ ماری منٛدی موخصر منظر تہٕ ۔
یِم منظر چھہِ شاعر سٕندین خیالن ہنٛدی بے سوکھ ہرن نیلہٕ ناگس کُن سفر
کرن وٲلِس دیدمان انان ۔ یِم منظر ہیٚ نظمہِ منز الگ کڈتھ ہیٚن، پر یتھ
کانٛہہ منظر آسہِ اکھ خود مختار موخصر نظم مگر "نیلہٕ ناگ" نظمہِ منز چھہِ یِم پننہٕ
پننہٕ جایہِ روٗزِتھ کلہم نظمہِ ہنٛدی اژھین انگ بنان ۔ شاعرن چھہِ یِم
منظر، خیال تہٕ احساس ترتیب چہ پاٹھی بنیادِ تارتھ یہِ ڈیٚنزٕ تہٕ اکھ
سوٗتہٕ ہیپہ مال بناومتٕ ۔ مسافرس چھہِ شام زِھمبرمن کنن کھرش ہوکرتھان ۔
ونس منز چھنے پرتھ طرفہٕ خاموشی ۔ تمِس پچھنے اُکس کُنڈی دوبھس کُن
نظر پیوان ۔ اَتہِ وچھن اُلی ہتاہ ، اُلس منز نیچ نیچ ٹھولہٕ جوریاہ ۔ اُکِس
اندس کُن ڈکلہِ گمتٕ ون ژُرکس تام وُنی دوان ۔ یہِ منظر چھُ تیتھ پاٹھی
شکلاوتہٕ آمُت زِ پرن وول چھُ لوٗت آورتہٕ پوان زِ پننہٕ پانہٕ تہٕ حقیقی
اُندی پکھس بنش چھُ بے خبر سپدان ۔ منظر چھُ موخصر مگر زندگی ہنٛزن آشن
تہٕ زندگی ہنٛدِ یکہٕ وُنہٕ کاروانٛچ علامت بنتھ چھُ پیش کرنہٕ آمُت سہ

کُنڈی دوبھس اندر وچھم اُوج تہٕ زاوِج اُلی ہن

ٹھولہٕ جوریاہ نیچ نیچ

بے صدا پیچ رنیچ کران آلو دِوان وُشنس بھس

اکھ رٕژھا لُکٕنۍ دُکلہِ گامژ حسین ون ژُر بہتھ
مٕنزٕ ہہوان زاگے امارن
اَکۍ آتش کُن وُچھان
مٕنزٕ دِوان قفسہس اندر
کتسام بے تابانہٕ وُٹی
پیش کالہِ کل، بدس کالکی ستم
زندگی ہنٛز تریش ہیلہِ ناگک امار
مارٕ مٕنزٕ دیوانگی

اُتھی سفرس دوران چھُ مسافرس دوٗرکنہٕ تامتھ زِ بہٕ کرُون ژانگی گاش وُچھتھ اکِہ گجرٕ ڈوٗکک باس لگان۔ تخیّل چھُس وسواسہٕ چہٕ وُنلہِ مٕنزٕ گجرٕ ڈوکہٕ بگنہٕک تصوُرشکلاوان۔ اگر ژونگ ژھیٚوِ، گجرٕ ڈوکہٕ ڈلہِ نظر، امیٚک وجوٗدے راوِ۔ یہِ چھُ مویوس کرن وول منظر۔ اِدِ گجرٕ ڈوٗکک وجود زن راوِ، دردہٕ ونہٕ کس آسمانس لگہِ نہٕ کانہہ داغ، امہِ حادثہٕ ستۍ بنیہِ نہٕ کاَنٛسہِ کانہہ فرق۔ کاروان روزِ پکان۔ یہِ منظر چھُ وسواس تہٕ خوف ہیتھ وۄتلان۔ حادثہٕ ہیوٚکنہٕ کاَنٛسہِ رُکاوِتھ، شرٕ ہندی پاٹھۍ ہے گندن غرضہٕ کاَنٛسہِ سوٚیتہِ ورمژروو اُتھۍ قطرہِ ہوی تیلہِ پھیرِ پٕنٕ زوٗرِ پیٹھ، سوٚیتھ گژھِ خوشکھ تہٕ ژونگ ژھیٚوِتھ ڈلہِ گجرٕ ڈوکہٕ نظر۔

زِ کہِ چھُ یہِ منظر زندگی ہنٛز ناپایداری ہنٛز تمثیل پیش کران۔ یہ

دۄرِ کتہِ تامتھ گجری ڈۄکس اندر اکھ ژانٛگی رٔٹیہہ

مٔڈکہِ ماران، مُنٛزی ژھِپوان، مُنٛزی شولان

حادثن ہایت یِنہِ کُنہِ کانٛہہ ہتی ازتال چھُ نمُ

سویتہٕ اکھ ژانٛگس اگر شُری یاگٹھی کانٛہہ منٛزراوِ ور

تیلہٕ پھیرِ اُشی قطرٕ ہوی کُرٕ تام پیٹن زۄرِ پیٹھ

ژونگ ژھیوٗراوِ گجری ڈۄکک وجود

گل چھینتھہٕ یِنیہِ روزِ بس کُنٛڈی دار شاخ

"نیلہٕ ناگ" نظم چھےٚ کانٛہہ پیغام یا ہدایت نامہ دِوان۔ اَتھ منٛز چھےٚ منظرکشی تہٕ رمزیت ہُنٛد اکھ خاص اندازک سرساوٕبرٕ۔ نظمہِ ہنٛدِ لہجہ کہ اوٕ بہر گوٕ بہر تہٕ سوٚت ساوٕرکنہِ چھُ پَرن وول کاف تہٕ سرُور محسوس کران تہٕ نیلہٕ ناگ کُن سفرس درامت تس مسافرس ستی یایتہٕ اتھ سفرس منٛز شامل سپدان۔ پروفیسر مجروح رشید چھُ کامل صابنہٕ نظم نگاری متعلق یتھ پاٹھی اظہارِ خیال کران:

"نیلہٕ ناگ نظم چھےٚ دراصل "کاوی دِیوٕ ہنٛز" نظمہِ ہنٛد ارتقائی منزل۔ شاعر چھُ زندگی ہنٛد معنہٕ مطلب ژھاران ژھاران تھکان تہٕ ژھنٛڈان تہٕ آخرس

جهِس ناووه ميدي نال وَلان ـ ٻِين نظمن هُند لهجہ تہ
ٻِين منز. ووه پديمز فِکرِ ڇهڻے کامِلنہِ ذهنی ارتقا ہُک
پےَ تہِ دِوان تہ پَرن واُنس پانس هتي پکناوِ تهہ
محظوظ تہِ کران۔" (عصری شاعری؛ ص: ١٧)



# ناتیاری — سِری پہلو

رۄپ کرشن بٹ

## کأشِر سِری شاعری

یۄدوے کأشِر ادبک گوڈٕ کال اَسی باضابطہٕ پأٹھۍ لل واکھو تہٕ شیخہٕ شرکیو پیٹھٕ گنزِران چھِ، مگر یتھ کتھِ منز ہیکن نہٕ زِ رایہ اَستھ زِ امہِ برونہہ تہٕ چھےٚ کأشِر زبانہِ تخلیقی سطحس پیٹھ کأشِر قومچہِ فکری پۄت منظرچ ترجمان اَسمٕژ۔ کأشِر قوم ہیکہِ ہے نہٕ یتس زٕٹھس وقتس تام پننہِ زبأنی ورأے زِندہٕ روٗزِتھ۔ شاعری ہندِس صوٗرتس منز چھِ سارِوے کھوتہٕ پرأنی تحریری نموٗنہٕ چھُمہٕ پدہٕ تہٕ مہانے پرکاش۔ اَمہِ علاوٕ یہِ کینژھاہ تہٕ کأشِر سوٗنچُک یا عالمانہٕ شعوٗرُک فلسفہٕ اَسہِ تانی ووت سُہ چھُ یاں دۄیمہِ زبانو کنہِ یا کأشِرن ہندِس یادٕ دٔترِس منز۔ زٕنژھرِ تھ روٗزِتھ لکہٕ باوٗژ کنہِ۔ مگر اکھ کتھ چھےٚ ٹاکارٕ زِ یمن دوشونی شعرٕ نموٗنن منز چھُ مذہبی، سِرتی تہٕ اخلاقی رنگ نُمایاں پأٹھۍ درِ نِیٹھ گرٕھان۔ حالانکہ سِریت پسندی ہندِ مۄلِ اَسی ویدانت، شومت تہٕ بُدھ متس منز، یتہٕ

یێلہِ ژوٗ داہمہِ صدی منٛز کاشُر شو فلسفہٕ تہٕ تصوف اکھ اکس نزدیک یتھ یکہٕ وٕرٕ ہیدی اکھ نوٚو مشترکہٕ رُوحانی سوچ وۄتلیو ویس امہِ پتہٕ پتہٕ والین اُدین خاصکر شاعرن ہندِ بایتھ ؤرہٕ ہاوکھ بنیوو تہٕ اکس زیٹھ سری رٕنگ ہوائی لوگ کُن۔

بقولِ رحمن راہی ہتہٕ شفیع شوق "سریت چھےٚ کاشِر شاعری ہنٛز سیٹھاہ پرٲنی رِوایت۔ یمیک اہم ترین تخلیقی کارنامہٕ للہٕ واکھ چھہٕ۔ ژوداہمہِ صدی پیٹھٕ کٕتہٕ وُہمہِ صدی یہٕ تام اوس اسلامی تصوفن کیشرِ منٛز یتھ یٕتیک روحانی فضا مکمل پاٹھی آورمُت تہٕ یہٕ اوس مقامی رنگ رٕٹتھ اکھ باضابطہ فکری نظام بنیومُت۔ واریاہ کاشِر شاعر ہیدی اتھ فکری نظامس ستی عملی طور وابستہٕ۔" (سنگلاب ۱۹۸۳ء)

اُمی سوچن بوٚز کاشِر صوٗفی شاعری گوڈٕ تہٕ صوٗفی شاعرن ہُند اکھ زیوٚٹھ سلسلہ گوو شروٗع۔ اَمہِ زیٹھِ کاروانکی گوڈنکی اہم شاعر آسی مومن صاب، شاہ غفور، سوچھ کرال بیتر تہٕ یہٕ سلسلہ رُود وُہمہِ صدی ہندِس صمد میرس تہٕ احد زرگرس تام جاری۔ عشقہٕ حقیقی مطلب پرتھ ساعتہٕ خدایہ سٕندِس محبتس منٛز سرشار روزُن تہٕ تمام انسانن تہٕ باقٕے مخلوقن بےغرض تہٕ بےامتیاز پاٹھی لول باگراوُن۔ پانس اِذا دِتھ تہٕ یٹن سوکھ دوکھ مشترتھ بیٚیس سوکھ واتناوُن

تہٕ پریتھ صوٗرتس منز خدایہٕ سنٛز بندگی منز مگن روزُن اوس امہٕ سونچُک مرکزی خیال۔

سہری شاعرس چھُ زرس زرس منز خُدایہٕ سُند نوٗر نظرِ گژھان تمی چھُ شمس فقیر ونان۔

منےٚ وُچھ ہر شایہ سُہ یار — چھنو کانہہ موے تہٕ خالی
وٕنیٚ بو سِر اسرار — یُنو آسکھ دُبالی
دمہٕ اکھ منےٚ گیُم کل — منےٚ بوٗز دِلہٕ کِنہ پرٕن تٲلی
چھُ سازو ناز افضل — چھُ زیرس بم تہٕ چالی
تسہل چھا معنہٕ بوزُن — تہٕ بوزن گاٹٕلی
فنا جامے ژٕٹھ تراو — اَژھ منز دیدٕ نیٚ راو

صوٗفی شاعر دیت لوس لامحدوٗد حقیقتہٕ سُند روٗپ تہٕ امیک منزل ژھوتڈکھ تہٕ یئیٚ مس دُنیاہس منز بلکہ پننیس پانس منز مثلن نعمہ صابُن یہ شعر وُچھتو۔

یس لایہ نادُ سہ چھُم نیشہٕ — کمیو شیشہٕ چاونس مے
سازس تار ہُچِھم کیتہ — شنوے پاس ترٕوٕرتھ گوس
صدائے سازِ یانس نیتہٕ — کمیو شیشہٕ چاونس مے

برابر تھےٚ کنیٚ یتھ کنیٚ زن لا شو شایہ شایہ میلتھ ڈیوٗنتھ
دلیشہٕ آیس دِش دلیشہٕ ژٕلتھ

ژُلِتھ ژوٚٹم شُنہٕ اَدٕ واو
شِوٕ ڈوٚنٛٹھم شایہٕ شایہٕ میلِتھ
شُے تہٕ ترٕ ترٚوٚپ مس تہٕ شِوٕ دژاو

## زِندٕ کول بحیثیتِ اکھ سِری شاعر

ماسٹر زِند کولس اَس اردو، فارسی، ہندی تہٕ انگریزی زبانن منٛز جان مہارتھ حاصل۔ وارِہن ناموَر کاشرِن شاعرن ہندی پاٹھۍ کٔر زِندٕ کولن تہٕ گوڈٕ گوڈٕ اُردو، فارسی تہٕ ہندی زبانٕنی منٛز شاعری مگر یِتہٕ پتہٕ ژھیوٚر جلدے کاشرِس کُن۔ تس پیٹھ اوس لل دید تہٕ پرمانندنہٕ شاعری ہُند گوٚن اثر۔ تمۍ پھِری پرمانندٕنی رادھا سویمور، سُدھاما چرِت تہٕ شِو لگن انگریزی زبانٕنی منٛز۔ سُہ اوس طبیعتَن درویش تہٕ کاشرِ روحانی رِوایژٕ ہُند علمبردار تہٕ قایل۔ لہذا چھےٚ تسنٕز شاعری منٛز روٗحٲنی رِوایت ٹاکارٕ پاٹھۍ نٔنۍ۔ اَمۍ چھےٚ غزل تہٕ نظم دوشوِے صنفہٕ کامیابی سان ورتاومٕژ۔ زِندٕ کولنہٕ باوکہٕ سُند اوٚند پوٚکھ چھُ اکھ عام کاشرِ گرٕ ہِیتہٕ زن ماَدیاتس تہٕ منظرکشی کانٛہہ جاے چھےٚنہٕ۔ تسُند مانُن چھُ زِ خدایہٕ سُند نوٗر چھُ انسانس منٛز موجوٗد یُس اَمۍ سندٕ باپتھ بوٚڈ ڈوٚکھ چھُ۔ خدا چھُ رٔتِین اعمالن تہٕ کرتوٗتن ساتھ دِوان تہٕ پرٕتھ کانٛہہ نعمت عطا کران۔ سُہ روٗد نہٕ دنیاے دولتس تہٕ شوہرتس لوٚبہٕ بلکہ بلِکہ صوٗفی شاعرن

ہندی پاٹھی چھُ سُہ تہٕ اُچھ ڈوُٹھ سیدِ سیوٚد دلیس مخاطب گرٛھان تیندِ
باپتھ چھُ لول خُدائیس تام واتنچ کُنی وتھ۔ سُہ چھُ ونان۔

لول ییٚمی ییٚس کانسہِ بوٚر تمی بوٚر دلیس
لول تسی نش دزاوتسی واتان زٕہ پارٕ

یعنی خدمتِ خلق چھُ خدمتِ خدا سمجھان۔ بقولِ شفیع شوق "حالانکہ
سُہ اوس مہجوُرُن تہٕ آزادُن ہمکال مگر تس اُسہٕ سماجی انقلابس ستہِ دلچسپی
بلکہ اُمِس رٕوُحانیتس کُنے کل تہٕ پرٛتھ" ( کاشرِ ادبُک تواریخ )
سُہ چھُ دلیس کُن ونتی کران تہٕ تس دِلس منز جاے دِنی یژھان۔

وُچھم گت چانی دیوا کت زٕنے وۄن دے نوسرے لولو
منے اندر کرِ پٔن مندر بہٕ زٕنے پوٗزا کرٕے لولو
بہٕ چانے ویرِ سوٚمبراوے اُچھو کِنہ رنگہِ روٗپک رُس
کنوٗ کِنہ شبد سازُک مُس اُنتھ کھاسین برٕے لولو

"مرشد سُند تعظیم"، نظمہِ منز چھےٚ اکھ عقیدت واجنی زنا تہٕ معشوق
ہندِس روٗلس منز۔ مُرشد سُندِس تس نش واتنچہِ خبر بیٚٹھ وولستس یتھ
تس بیٚٹھ بتھ رٕژھ قُربان کرنس تہٕ ہنی خوش قسمتی مانان۔

| | |
|---|---|
| ازوا تہٕ بوٚزم مول میون | کوسم وتن وتھ اوسے |
| رٕژھ زن ڈوُتھ سنتاپ پاپ | اُنتھ کرن کرناوسے |

ٹھوکرِ گُٹھس منز رنگہٕ رُت        پرنگ آدتنگ پارٕ اوسے
سوٗمبر تھٲرِ سلی رٕتی کرمہٕ پھل        مس کھاسی بٔرِ بٔرِ تھاوسے

"مجبوٗریا" ناوِ نظمہِ منز چھُ زندکولہِ سونچُک اکھ اگے رنگ لبنہٕ یوان۔ سُہ چھُ النساہ سند بدحالی متعلق فکرانگیز تہٕ سوالیہ لہجس منز دٲلیس کُن تسکوہ تہٕ کران۔

یِمو دوٗرِ روٗزِتھ تژوٗرِ زن
پھمباہ لٔدِتھ تھووُمت کنَن
زانہہ چھا پرٛژھاں احوال سون
زانہہ چھا سورن زانہہ چھا وَنَن
یِم کالہٕ گٔنڈِ مٔتے ترأوی ہتی
لٲگِتھ چھمبن چھارن وَنَن
اما تِمن گیِٔ کیاہ وَتَن
حُسنس ہٕ کانہہ غم خٲریاہ

ماسٹر زندکولن کلام چھُ "سمرن"۔ ناوِ چہ سوٗمبرنہ منز تسندے دٲسی کرنہٕ آمُت انگریزی ترجمہٕ سان لالہٕ رُخ پبلیکیشن طرفہٕ چھاپنہٕ آمُت۔ "ناتیارٕی" "جوٗگ" "مُرشد سُند تعظیم" کرناوِ تارکھنا "ایور" چھنے اہتز سیٹھے مشہوٗر نظمہٕ۔

بقول رحمن راہی "کاشر مو خصر نظم نفسیأتی وۄہ پزاو، اسلوٗبی اعجاز،
لسانی موضوٗنیژ تہ گرتچہٕ مناسبژ لحاظہ اکھ قأبلِ توجہ شعر صنف بناوِنس
منز یُس رہنمایانہ رول ماسٹر زندکولن اَدا کوٚر سہ روزِ ہر ہمیشہ پھرُن
لایق۔ کأشرس مو خصر نظمہِ ہندِس توارٟخس منز چھِنے تمی سٕنز نظمہ اکہ اہم
ابتدأیی بابُک درجہ تھاوان۔ یمہ نظمہ چھِنے کأشر شاعرَ ہندِس ہیتی
حسنس قأبلِ قدر ہُر برکران تہ اَتھ منز اظہارِ وبیانچہٕ نوٚوٕ تہ سٕنزراوان
تہ سوٚتراوان۔" (آلو۔ ۱۹۹۹)

اکھ صوٗفی یا سرٟی شاعر چھُ دیٚیس پرٛتھ روٗپس، پرٛتھ شایہ تہ پرٛتھ
رنگس منز وُچھان۔ وۄہ تھان بہان، گندان نژان، کھسوان حیوان،
بیدأری منز تہِ تہ خابن ہندِس عالمس منز تہ غرض زندگی ہندِس
پرٛتھ کنہِ لوٚہ لنگرس منز صرف تہ صرف خداییس وُچھان، کانچھان،
سران تہ پوٗزان تہ نسندی گوٚن گیوان۔ زندکولس چھُ دَے کاینات کین
مختلف حیأتی روٗپن منز درینٛٹھ گژھان۔ کُنہِ جوٗگی، کُنہِ مرشد، کُنہِ لول
کُنہِ حُسن، کُنہِ عاشق تہ کُنہِ معشوق۔ غرض کاینات کین مختلف رنگن منز
دیدمان۔ یہِ چھُ زندکولہٕ تصورُک، منظرکشی تہ تشبیہہ کأری ہُند کمال
زِ پرن والیس چھُ تہندِس وَننس پیٚٹھ یقین تہ پرٛتھ برٛطان۔ "رازِ عنوان"
واجنہِ نظمہِ منز چھُ سہ تس گندناوان۔

راز پٕتھن دلیشہِ درامُت ، یور آمُت گِندنے

نزٕنس زن مور آمُت ، یور آمُت گِندنے

رنگہِ رُوس اَسِتھ کھوٗتُس مارنگ لاگِتھ نقشہٕ پرٕژھی

چھوٚت کرٕہُن تے ہور آمُت یور آمُت گِندنے

مشکہِ عنبر باگراوان کُنہِ سُے زٕندن تہِ ہی

کُنہِ سُے آر کھور آمُت یور آمُت گِندنے

کُنہِ سُے ٹیگور آمُت شنکر آچاریہ تہٕ بود

کُنہِ اَسِہ ہیوٗ چور آمُت یور آمُت گِندنے

بقولِ شفیع شوق "تمۍ سٕنٛدن نظمن تہٕ غزلن منٛز چھےٚ سرٛیٚژ ہتھ تہداَری مگر شہرِ آشوبُک شدید احساس تہٕ چھُس ستۍ ستۍ۔ تمۍ سُند شاعرانہ بجر چھُ یہِ زِ سری شاعر اَسِتھ تہٕ چھُنہٕ سُہ دیانُک ابہام یٚنٛنٚن اثر پذیر شبیہن پیٹھ غالب دِوان گرٛژھنہٕ۔ سُہ چھُ ٹھوس شبیہن تہٕ جذبن ہٕنز ساٗدر واٗری زٕژھراونہٕ خاطرٕ سورُے فن ورتاوان۔" (کاشرِ ادبُک تواریخ)

نایتاٗدی نظم تہٕ اَمکۍ سِری پہلو۔

زندکولٕنٛن اکثر نظمن ہندی پاٗٹھۍ چھےٚ یِیمہ نظمہِ ہٕنز مرکزی کردار تہٕ اکھ عقیدت مند زٕنی لوٚسہ یٚنٛنس مُرشد دٕیہ ہٕندِس لوٚلس منٛز لین پٕچھےٚ۔

اُمۍ سٕے کردار ہٕندی دٕسی چھُ سُہ دلیں متعلق یٚنٛنٚن اَنِتھ رُوس جذبن تہٕ

پَرِتھ زِیو دِتھ سیٚد سیوٚد دیٖس سٕتۍ مخاطب گرٛھان تہٕ تس پیٚٹھ پنُن شوق یقین ظاہر کران۔ نظمہِ منٛد نفسِ مضموٗن چھُ آدنکس دلدار یعنے اٰشس تہٕ عقیدتمند "زنہٕ" ہندِس باہمی تعلقس متعلق۔ ستن بندن پیٹھ مشتمل یہ نظم ہیکہٕ ہوٗن ہیتی اعتبارٕ شن حِصن منٛز باگرٲوِتھ۔ ژوٗن مصرن ہُند گوڈنیک تعارفی بند۔

میانہٕ کھوتے یُس بران منٛے پَرِتھ تہٕ بول
اٰش تے گاش اوش تے سرکارمیوٗن
کانچھ وُن منٛے ژھاروٗن تے گاروٗن
پراروٗن سٕے آدنگ دلدار میوٗن

دوٚیمس حِصس تحت دوٚیم تہٕ ترٛیم بند یِتھ منٛز مذکورٕ زٕنی ہٕنٛزِ اٰش سٕنٛد ہدایت لفظاوان چھےٚ۔ یعنے "تمی دوٚیم" پیٹھٕ "یی چھُ لولُک راز یی اسرارمیوٗن" تام۔ ترٛیم حِصہٕ گوڈ یِتھ منٛز اٰش سٕنٛدِ طرفہٕ واتن والین خطن ہُند تفصیل بیان چھُ۔ یعنے "خط پتر سوزان چھُم" پیٹھٕ "کینہہ نہ اَسِتھ یُس دِیان سمسار میوٗن" تام۔ ژوٗرِم حِصہٕ چھُ تیتھ صورتِ حال یاد کران زِ یہ اٰشاوادی زٕنی چھےٚ وصلکین جذباتن منٛز ووٚلِتھ لیوان۔ یعنے "یتہٕ مہ بہرے ترووییٚلہٕ لوٗت زوٗنہٕ گاہ" پیٹھٕ "سالہٕ روٗشتے آو بلے یار میوٗن" تام۔ پوٚنٛژیم حِصہٕ چھُ "منٛد چھیس یِتہٕ گموٗہنی گوم شرٛان" پیٹھٕ "بانہٕ گُھٹھ

گومُت چھُ ٹھوکرُ دار میون۔" تام۔ یوٚہے جزٕ چھُ ییٚس تس زنہٕ پننہٕ ناتیارٕ ی ہُند احساس دِوان چھُ۔

شیٚیمُ تہٕ آخری جزٕ چھِ یہِ بند۔

یوٚدوے لوس چھِ گامتی تسَ پھٹِلی
سالہٕ روٚستے سالہٕ ین زانن چھُ عار
یُتھ سماں آخرنیٚو وخط اوس بیاکھ
یاہٕ کوٚت یی ہے منٚے زآنتھ ناتیار

شرم رچھ وُن میون پردٕ دار میون
پرارٕ وُن منٚے آدنگ دلدار میون

یہِ بند چھُ تس " زنہٕ" تسلا بخشان زِ سُہ ذی عزت اوس، سُہ سرکار کیتھ پہٕ یہٕ ہے تس نہٕ ناتیارٕ ی ہُند حال زآنتھ تہٕ۔ نظمہِ ہُند ووج مِصرٕ "پرارٕ وُن منٚے آدنگ دلدار میون۔" چھُ پرٕتھ بندس آخرس پیٹھ یوان۔

ییٚمہِ نظمہِ ہُند وٕ پراو چھُ زنہٕ سوٚت، شانت تہٕ سرل ماحوس منز پکو نہٕ ہوالہٕ ہندی پاٹھی کانیاکس زنم داتاہس پیٹھ شاعرٕ ہنزٕ پیٚرتھ پرٕ تھ ستی ووتلیتھ انسانی بایہِ برادری، خلوٗصس تہٕ محبتس متعلق تسند ین فرمان کیو ہدائتن ہُند وَیہٕ وٕنین لفظن منز اظہار کرتھ رٕ جس ترتازٕ کران۔ نظمہِ ہُند دوٚیم جزٕ چھُ سیرتہِ کس یتھ پہلوہس پیٹھ گاش ترٕ اوان زِ دوٚیم دُنیا

سرِ نہٕ خاطرٕ چھنٕے یہِ زندگی ۔ یہِ چھُ دنیا ناپایدار تہٕ فٲنی آسنُک احساس ڈرراوان ۔ یہِ دُنیا چھُ اکھ سراے، یَتھ منٛز روٗزِتھ گژھِ صرف "تِس" تانی واتنٕچ کل گَژھنٕ تہٕ تس تانی واتنٕچ چھٕے اکاے وَتھ، سو گَیہِ لوٗلٕچ وَتھ ییٚتہٕ روزن والین تمام مسافرن (لبسکینن) سِتۍ لول تہٕ ماے باگراوُن۔ لولُک آگُر تہِ چھُ سُے تہٕ امیُک منزِل تہِ سُے۔ سُہ چھُ صاف پاٹھۍ ونان۔

یَتھ کُلِس سگ دِتھ زمیٖنس واتہٕ سرٛیہہ
لول ییٚمہ کانٛسہِ بوٗر تمۍ بوٗر دَیس
لول تسۍ رٕنش دزاو تسۍ واتان ژھوپارٕی
گاٹھ بوتی زون تمِ واتِتھ پیٚیس
یی چھُ لولُک رازِ یی اسرار میون

اَمہِ احساسی لہرِ ہُند بھلاو چھُ نظمہِ ہٕندِس ترییٚمس حرٛبس منٛز محسوس گژھان۔ یُس تس عقیدت مندِ زِنہٕ ہُند نفسیٲتی صورت حال باوان چھُ۔ یوسہٕ نبأتی، حیوأنی تہٕ انسأنی زندگی ہٕند بوسار وے ظہورِ دُسی پینٛس دلبرہِ سٕتۍ شیٚچھ خبر بوزان چھٕے۔ یہِ چھُ سریت کِس تَتھ پہلوٗہس جلوگر کران یُس خداے بے رنگ، بے آکار آسِتھ تہٕ وجوٗدکین مختلف صفاتن مثلاً ہوا، آب، وَن، پہاڑ وغاَرِ صورتن منٛز جلوگر آسنُک دعویٰ کران چھُ۔ آخرس چھُ دنیا ناپایدار تہٕ فأنی آسنُک تہِ پیغام دِوان۔

خط پٕتر سوزان چھُم یوٚت کالہٕ وٲتِھ
کاغذن ہندی رنگ ییوٚن بیوٚن بے شمار

پوشہٕ مرگاہ ، یوٚڑ سراہ ، تارکھ نبا
نُدیاہ یُتھ اہربل ہیٚو آبشار
پوشنوٗلاہ ، پوٚتیراہ ، یٚمبرزلاہ
کِھند کرہٕ وِنی ہرنہٕ جوٗریاہ شیرخوار
مٲری موٚنداہ ، سوٚنداہ ، یوٚڈ گاٹلاہ
پوٚز فقیراہ نفسہٕ تور گس شہسوار
کیہنہ نہٕ آسِتھ لیُس دیان سمسار میون

صفاتن ہُند ذکر یوٚزِتھ چھُ احمد بٹہٕ وٲری سُند یہِ کلامہٕ زِتس پیوان

صفات پھولمُت بہارٕ یے
بے رنگ رنگ دِتھ ژٕ پٲریے
گُل کُرنم بِلہٕ زاریے
بے رنگ رنگ دِتھ ژٕ پٲریے

نظمہِ ہندِس ژوٗرِمِس جُزس منز چھےٚ یہِ احساسی لہرعروجس واتان تہٕ تیٚتھ صوٗرتِ حال پٲدٕ کران زِ انسان چھُ یٚنہٕ پان تہٕ اوٚند پوٚکھ مُشتھ آدنکس دِلدار سُندِ دیدارُک آشاوان روزان۔

پٔژ مرٕ بھرے ترو ویٖلہِ پوٚت زوٗنہٕ گاہ
مشک پوشو ژھوٚٹ سپُن خوشبوے واو
پوشنوٗلن نالہٕ دیُت وَنہارٕ بوٗل
سازٕ آکاشک تہٕ آرٕک اولیاو
ویٚوٗر ہیتھ لوٚت لوٚت پکان سورگُک ہوا
تیُتھ سماں سائن منٛے دوٚپ سُے یوٗری آو
سالہٕ روٚستے آو بالے یار میون

اَمے بنٛدُک آخری مِصرٕ چھُ اچانک پاٹھۍ حارانی تہٕ وسواسُک اظہار کران۔ سوالیہ انداز چ یِہ حارانی "سالہٕ روٚستے آو بالے یار میون"۔ زٕ بے سائے کِتھ کٔنۍ آو سُہ تہٕ وسواس اَمہِ کتھِ ہند زِ اَمابہٕ چھُسا وُنہِ تس سمکھنس لایق؟ بہٕ چھُسا تیار؟

یِہ مِصرٕ چھُ سِریٖت کَس یتھ سونچس ظاہر کران زِ خدا چھُ پرٛتھ وِزِ بندس تام واتنہٕ خاطرٕ تیار۔ تس دعوت دِنہٕ خاطرٕ چھےٚ نہٕ فاقہٕ کشی ضروٗری۔ تس چھُ بس لولہٕ آلو لاگُن یا صاف دلہٕ آواز دِنۍ۔ مگر بندٕ گرٛژھِ پانہٕ تس بُتھ دیُن لایق آسُن۔ یٚیتہِ تس چھُ پرمانند کُن یِہ شعر ژٕتس یِوان۔

یُس کانہہ تس کُن اکھ پوٗر نیرِ
بھگوان تس کُن ستھ پاوِ پھیرے

ناتیاٗری نظمہِ ہنٛز سو عقیدت مند" ژٕنی" چھےٚ دوٚلابس لاینہٕ یوان تکیازِ شاید چھنہٕ تمیٚ تیٚہندِ ہدایتن پیٹھ عمل کٔرمُت۔ تمہٕ چھُ پنٕنی پان دُنیاوی مایازالس منٛز پوٗرٕ پأٹھۍ پھسومُت لہٰذا چھُس پتہٕ ناتیاٗری ہُند پوٗرٕ احساس۔ یوٚہے چھُ ناتیاٗری نظمہِ ہُند مرکزی خیال تہٕ۔ اکہِ طرفہٕ چھُ تس تیٚہندِ دیدارُک تمنا تہٕ اضطراب تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ پننیو کمیٚو۔ وٚریوٚ تہٕ کٔمیٚ یوٚ کنہٕ شرمندگی تہٕ ناتیاٗری ہُند احساس۔

مند چھیس یٔتہٕ گمہٕ وسُتی گوم شرٛان
ژھوٚنڈ ژھیپھ دمہٕ ہانٛتے گرٛھ ہا مرٛتھ
ڈیشتہِ یتہٕ حالہٕ من ما ہُند رٕس
بےٚ وٚرش بیٚیہ روزہٕ ہا دوٗر یٔرِ ژرتھ
سنٛز وستر پان تامتھ چھُم تہٕ صاف
یم تہٕ باگری متی منٛز لوکن لولہٕ پوٚش
مالہٕ کٔرتھ تم دِچھم تہٕ ہمتی پتھر
شوٚژ جایا چھمہٕ وتھرادس کتھےٚ
گر دِنے گرو بٔڑ ستی آمُت برٕتھ
بابہٕ کٕھڈ گومُت چھُ ٹھوکر دارمیون
دُنیہچ ناپایدأری تہٕ یٔتہٕ روزٕتھ تنٛد ناوسرٕن تہٕ شہ پرزٕناوُن

چھُ رحمان ڈار یتھ پأٹھۍ فرماوان۔

بُنیادِ آدم چھے لانہایت، دنیا چھُ ناپایدار
شُنیاہ گرٚژھی تھےٚ وۅتُس بہٕ مطلب حدوٚ نوٚمبسن ہتار
یٚمی یٚیتہٕ پرٚزُن، سُے تَتہِ فارغ تس چھُنہٕ کٔنہِ کار
مَن کَانَ ھٰذِہٖ صحیح چھُ فرقان، باللہ چھم اقرار

نظمہِ ہُندِ شیٚمُ جزٕ تہٕ آخری بند چھُ تس "زنہٕ" تسلا بخشان تہٕ تسندبن جذبن قدر کرِتھ یہِ دلاسہ تہٕ یقین دِوان زِ تَس چھُ تسُند اَتھ روٚس محبت تہٕ تمے چھُ تسنز شرم رٔچھتھ تسنزن کمہ وٚرین پیٹھ پردٕ ترٛاوِتھ، تس منز یٚنیہِ اکہِ پھِرِ پٔننہٕ لولُک یقین دِوان یُتھ زن تسنز "پژھ" برقرار روزِ تہٕ سو تس دیدمان گژھنچ مکمل تیارٕی کرِ۔

نظمہِ ہندِ گرِ تہٕ حسابہٕ کرٕی زندٕ کولن کیہتہ نوٚو تجربہٕ۔ ناتیارٕی نظمہِ ہندبن بندن منز مصرن ہُند تعدادی پھیر (مثلاً بند نمبر ترٚے، ژور تہٕ پانژھ چھِ بالترتیب نو، ستھ تہٕ دہن مصرن پیٹھ مشتمل) چھُ نظمہِ کہِ گرِ تہٕ ہنز ریوایژ نبرٕ۔ مگر نظمہِ ہُند کھساو تہٕ وساو چھُ تیوٚتاہ قدرتی تہٕ بامعنی باسان زِ بندن ہُند ژھوچرِ تہٕ زیچھر چھُ نظر انداز سپدان تہٕ پرٚن وٲلِس برونٛہہ کنہِ یُس منظر پیش سپدان چھُ تتھ چھنےٚ نہٕ اَمہِ ستی کہنے فرق پیوان۔ پرن وول چھُ کُنہِ تعصبہٕ ورٲے شاعرس ستی ہم خیال سپدان۔ گلس پیٹھ

چھےٚ اَمہِ نظمہِ ہنٛز کلُھم ہَیت اَمہِ کِس موضوعَس پۅٚرٕ پاٹھۍ ہم آہنگ۔

بہٕ واتناوِن ہیٚنٛ مقالہٕ شاد رمضان نِہ یِمو لفظو ستۍ اَند۔ ''ماسٹر زندٕ کولن دیُت چھُہ کأشرِ نظمہِ ٹیکنیکی اعتبارٕ پۅختہٕ بناونس کنُ شعوری توجہ لُیِ تمس پانس برونٛہہ نظم نگارن منٛز امتیاز بخشان چھُ تہٕ موجودٕ دورکیٚن نظم نگارن نِشہ اَنان چھُ۔ موضوعی اعتبارٕ چھُہ زندکول رِوایت پسند شاعر تہٕ ژورٕ ہیٚن عقیدتی۔ موضوع چھُس محدوٗد اما پۅٚز موضوع چھُس کاپہٕ رٹِتھ تھِکان''

(کأشِر نظم۔اکھ انتخاب)



# آرٕ ول : اکھ سام

بشر بشیر

اے پرتوِ خورشید جہاں تاب، ادھر بھی
سائے کی طرح ہم پہ عجب وقت پڑا ہے
ناکردہ گناہوں کی بھی حسرت کی ملے داد
یارب اگر اِن کردہ گناہوں کی سزا ہے

غالب

آزادس ونیوم سیٹھاہ، چھُے نہٕ گُلن اندر وفا
ووٕ نی تہٕ کرُن چھُ سوٗدکیاہ، یہٕ نہٕ کوٗرن سوٚ کالی

ڈاکٹر پدم ناتھ گنجونس ترتیب دِنہٕ آمتس کلیاتِ آزادس منز کینژن نظمن ہندس آخرس پیٹھ ییُس تاریخ تخلیق درج چھُ سُہ اگر صحیح مانو تیٚلہٕ چھُنے آزادن آرٕ ول ناوِچ نظم ۲۷ مئی ۱۹۴۵ء لیچھمٕژ گویا تسندِ مرنہٕ برونہہ ژٕ وٗری داہ ریٚتھ تہٕ اَکھ دوہ۔ اَمہِ حسابہٕ

ہیکوٗ اَسی وٕنِتھ زِ یہِ نظم چھےٚ آزادٕنہٕ تخلیقی سفرکین آخری وَرِیَن
منٛز۔ یوٚت ہے تواریخی تنوظر زیرِ نظر تھاوِتھ اگر اَسی پیٹھ کَنہٕ بیان کرنہٕ
آمتہٕ نظمہِ ہندِس مقطع یا آخری شعرس پیٹھ سۄنٛچتھ بیہن غور کرو اَسہ
ییہِ آزادنہٕ نفسیاتُک اکھ سُہ نمایاں پہلو بروٚنہہ کُن یوان یُس وُنیُک تام
پرزٕنہٕ پاٹھی کٔرِ بیہن ظوٗن چھینہٕ گومُت۔ تِتھٕ ما ہیکوٗ اَسی یہِ وٕنِتھ زِ آزاد
اوس بُنیادی طور اکھ حساس لُولہٕ تہٕ ما یہِ ہوٚت شخصا مگر بِنہٕ شخصیژ
یُس تمی ترقی پسندی ہُند رنگ کھورمُت اوس سُہ اوس صرف خارجی
صیقل تہٕ بیہِ ناو۔ سُہ روٗد بِیِنہٕ درٕس وانسہِ اَندرِ کنی تمہٕ نشہٕ
بالکل الگ دُنیا سران یہِ زن تمہِ سندس بیشتر کلامس منز۔ وٕنہٕ چھُ
یوان۔ نظم "آرِ ول" چھےٚ پرزٕنہٕ پاٹھی سوچہِ سٕنزٕ تہٕ مٔنہٕ سٕنز وُزیومُت
نِشونک تہٕ بے ٹھوٗر تخلیق۔ یتھ جایہِ ہرگاہ بہٕ تمہِ زِ بیان تہٕ نقل
کرٕ یمہِ آزادنو دوہ یوٗزانی کار اُدیبو یِنہٕ نِہن مضموٗنن منز۔ درج
کٔرِ متی چھِ ممکن چھُ تمہِ سِتی ماگرِتھ زیرِ بحث نظمہِ ہندِس بارس
منٛزس متعلق وجہ تہٕ محرک زانُن سہل۔ یم دوشوے بیان چھ اردوس
منز تہٕ بہٕ کرٕ یہندی ترجمہِ پیش۔ گوڈنیُک بیان چھُ محترم امین کامل صابُن۔

"آزادس اوس زُوہامہِ چہ اکس بڑہٕ کورِ سِتی عشق گومُت
تہٕ سو کورتہٕ اَسی دلہِ جایہٕ تس یِتہٕ پھلوائے۔ دینا ناتھ یارمو صابُن چھُ

ییٚو کھمُت زِ آزادنٕہ شاعرٕ سٕنٛد ڈسلابہٕ ۔ یہٕ زَن آزادن یاہٕ ہٕ چھُ
وۆنمُت اوس امی واقعہ کِنۍ سپد مُت ۔ کوٗر آس نٕہ مسلم لہٰذا
اوس ہٕ یہُند میٛل ممکن ۔ امی صدمہٕ ستۍ سپٕز کوٗر بیمار تہٕ گُذریہٕ ۔
یار موصابنِس اَتھ بیانس پیٹھ کتھ کران چھُ آزادنس اکس یکہٕ دوست
غلام احمدُن ونُن زِ آزادس آس بطور اُستاد زوہامہٕ نِشہٕ دوٗر ترالہٕ
ڈیوٗٹی پیٚتہٕ سہٕ بیمار اوس گومُت ۔ یٚیلہٕ فرق گٔیس تہٕ آو کینٛژن دوہن
گرٕ تہٕ میانِس وننس پیٹھ گو دسہٕ اُمِس کورِ خبر کافی کم ۔ ورى باوجود
روزٕ سو کوٗر ہیتھ ۔ آزادس اُنکھ چاے ۔ سہٕ اوس چاے چوان تہٕ بیمارِ
کورِ کُر تمۍ سندِس ژھیٚٹِس پیالس چاے چینٛچ خاہش ۔ دادِ کِنۍ ابتہٕ
آسنہٕ کِنۍ کوٗرِ تہٕ کانسہٕ اَتھ ہٹاکھ کرنٕچ جرأت یٚیلہٕ اَمہٕ پیالہٕ منٛز زِ
بچھ چاے بیمارٕ ہٕندِس اَسس منٛز ۔ تراوہٕ آے تمہٕ اوٚن آزاد پانس
نکھ تہٕ وونُنس کیا ہتانٛز کُنس تَل تہٕ پیٚتہٕ کرٕن بیٚنیہ چاے چینٛچ خاہش
یٚیلہٕ ترٕیم چھچہٕ چایہٕ ہُند اَسس منٛز ۔ ترووہس تہٕ یہٕ چھ آنی دِیت تمہٕ
امانت" ۔

بیاکھ بیان چھُ موتی لال ساقی صابٕنہٕ مضمونٕہ منٛز ترجمہ کرتھ ییٚنہٕ ۔
"بحیثیت عربی ٹیچر کوٗر تمۍ یٔنتہٕ نوکری ہُند دسلابہٕ ۔ امہٕ
سکوٗلہٕ تہٕ امی عمارژ پیٹھ (زوہامہٕ پرایمری سکول) اُتی سُد تمۍ شُد

سینہٕ کامہٕ دونُہو رسدار تیٖر وچھو کہ داکوٚی۔ تمہٕ اوس پننہٕ لوٚلک
ترٛٲو امہٕ سکولچہِ دارِکنِ زاگ ہیتھ ژٔیونُمت تہٕ مٲرۍ مُندرۍ نغمہٕ
کرُن تخلیق۔ امہٕ دارِکنِ وُچھ تمہٕ پننہِ گوڈنکہِ محبتُک جنازٕ نیران تہٕ
ہورُن چشموکنِ خوٗن۔ اَتھۍ سکولس اَندۍ کِنۍ لوٚب تمہٕ ہندۍ دوٚیم
لولُن زخم۔ مگر یُس خاب تمہٕ یَتھ کال تانۍ اَچھن منز بسوو تھوٚو دراونہٕ
زانہہ تعبیر۔ دوٚیمہٕ لوٚلہِ دگ تہٕ آمہٕ تاو ہیتھ دراو سُہ یمہِ دُنیا" بیتہٕ
یُس تفصیل ساقی صاب دِوان چھُ تمیک ہرترُچھ یتھ پاگھٹی زٔبیلہٕ تس
پنٕنس معشوقس سمکھنُک وار وقت اوسہٕ میلان سُہ اوس اَرِسس
منز تہٕتہند داتان تہٕ تتہٕ چاے چَوان خابن ہندِس دنیاہس منز
راوان۔ مہتور تہٕ رانگر ییٛچھ ژوہوم کُن گژھن واجنہٕ دٔتہٕ آہہ گونڈولی
ہیوٚر بہن اکھ اَکس سیٚدرسیوٚد۔ اَسی شُرۍ آسی گونڈ ولی سیوٚدُے
نیران۔ آزاد صاب اوس وارٕ وارے پکان تہٕ اَسی آسی تیٚہے
پہن قدم تُلان۔ سارۍ لڑکہٕ آسی سکول واتان تہٕ سُہ اوس
یارسندِ دیدارٕ پتے سکول واتان"۔

یِم بیان نظرِ تل رٔٹِتھ ہرگاہ "اَسی آر دل" پروٚن تہٕ اَتھ
منز موجوٗد آرٕ دل علامت پھٔٹے انسانی وجوٗد چہِ شکلہِ منز برونہہ
کُن یوان۔ یہ کرنہٕ ہیٚتی لوٚدوے کائنسہٕ تنظمہٕ ہندۍ معنوی امکان

ژھوکان تہِ باسن مگر مَعنیُک یہِ اِنہار چھُ خود کفیل تہِ تہٕ سر سود
تہٕ باسان ۔ یُتہٕ ر چھُ یہِ زِ نظمہِ منز ہرگاہ آہرول محض آرول ناوُک وُسنہٕ
دوہ پدَن وول گولابہٕ تہِ مانون تیٚلہِ تہِ چھُنہٕ اَتھ منز کُنہٕ پرگی ہند
احساس دوہ تلان ۔

" مناظرِ قدرت " عنوانس تحت یمہٕ تہٕ نظمہٕ ڈاکٹر پدم ناتھ
گنجو صابن کلیاتِ آزادس منز درج یہٕ چھےٚ کٔرمٕژ تِمن سارنے منز چھےٚ
میانٛ کنہٕ آہرول کُنی نظم یتھ منز نہٕ کُنہِ تہِ جایہِ آزادُن ظون وشفِ
کنہٕ تہِ اشتراکی، وطنی تہٕ باقے تِمن موضوعن کُن چھُ گرژھان یم تٔمسٕنز
زیادٕ تر شاعری منز نظر چھِ گژھان ۔ یان ژادر، وبتھ، شنہٕ ماٛنی، شمع،
درنٛیہ یادٕ، بہار، سونتھ آو تہٕ دُریاو نظمن منز چھِ ضرور تیتھی کیٚھنہ
شعر میلان یمن منز کُنہِ نہٕ کُنہِ پاٹھی یا بہتر روزِ نمایاں پاٹھی ڈنٕ،
تمہٕ فلسفٕچ باوتھ چھےٚ میلان یمی فکری سطحس پیٹھ سُہ متأثر اوس
کوٚرمُت ۔ آہرول چھےٚ نیشوٗنک تہٕ کُنہِ گھتکہٕ رٕوس آزادٕنہٕ شودِ
تہٕ شورِژ لولہٕ جذبٕچ باوتھ ۔

قابلِ توجہ کتھ چھےٚ یہِ زِ یُس آزاد انسانی تقدیرٕ خود انسانہٕ
ہندین اتھن منز مانٛتھ چھُ ونان ۔

ژھکھ بنیومُت کیاز تقدیرٕک شکار

وۄتھ ہێن تقدیر پانٕے کرتیار

سُے آزاد چھُ یَتھ نظمِ منز آرولہِ کُن مخاطب سپدتھ ونان

آرٕ ژٕے آسیٔے ونان آگرٕچ خیرانان

وَنتہٕ یہِ ما چھُ کانہہ ونان کیاہ مێے یێوکھُم ازٕ آلی یے

وُہن شعرن ہێتھ مشتمل یہِ غزل چالہِ نظم چھِ پتہٕ لَیہ تہٕ آہنگہٕ

کنہٕ سۆت سۆت تہٕ روان اَتہِ چھُنہٕ زبانٕی ورتاوُک سُہ گریز

یُس دٔریاو ہشہِ علامتی تہٕ تمثیلی نظمِ منز میلان چھُ۔ اَتہِ چھنہٕ شاعر یہِ

نِشہِ سو افادی منگ۔ یۄسہٕ آزادٕنہٕ دۆیمین مشہوٗر نظمن منز میلان

چھےٚ۔ اَمہِ قبیلہٕچن یان ژادر تہٕ وِتھ نظمن منز تہٕ یۄ دوے گوڑٕ گوڑٕ

یۆہے انداز ونہٕ چھِ یوان مگر آزادُن خارجی شعوٗر چھُ یمن ہندِس

داخلی آہنگس تہٕ کیفیژن کاپہٕ رٹان تہٕ یمن ہێتھ غالب یوان باسان۔

شعلہٕ کنٕرُک وۄتھ لولہٕ نارس ۔۔۔ کاڑٕ آخر ہیو گاڑٕ چارس

بازٕ موکلاوٕ تمی بازٕ گرٕ ڈ یے ۔۔۔ روزی دماہ یانٕہ ژادرٕ ڈ یے

کفر ودینچہٕ شُری باشہِ ژاوِتھ ۔۔۔ آزادس یم راز باوتھ

بوزناوتھ سارٕی کاشرٕ ڈ یے ۔۔۔ روزی دماہ یانٕہ ژادرٕ ڈ یے

(یان ژادر)

نوٗزٕ نیچہِ پرانٕی لیڈرٕ ڈ یے ۔۔۔ نٕیہ سمیکی ساکلا بن

آس مولہٕ تکہٕ بازی گرٕ ی لیے    سونٛدرٕ ی یے بوزمیانی زار
زور کاتیاہ ہاوی ہٹلرٕ ی لیے    مورینٛی دۄ گنیارن
پیوس وۄنہہ کھیون گوس ہیٚتھی سرٕ ی لیے    سونٛدرٕ ی یے بوزمیانی زار    وچھ

یمن نظمن برعکس چھُ آہ وَل نظمہٕ منز۔ اندرونی تمیتھ اکھ لطیف رومانی فضا موجود یُس گژھنہٕ جاے یا کنہٕ شعرس منز۔ پھُٹان تہٕ راسی گرٕ مھان چھُ باسان۔ بقولِ سید رسول پونپُر

"جذبن تہٕ دلی وارٕ ی داتن ہندِ واتناوٕ نہٕ خاطرٕ بجر تہٕ لفظن ہنز بے پھُرک ژٲر، دوہ دہٕ نچہٕ (زبٲنی) ہُنٛد استعمال نوِ تازٕ ترکیبہٕ لفظن ہُنٛد تکرار۔ اندازِ بیانچ روایتی یم چھِ تیتھی حُسن یمن ہندِ کنہٕ گوڈٕ پیٚٹھ اندس تام نظم اورے وُزیمہٕ پھٹے باسان۔ یتھی ژہے ییتہٕ ساری حُسن کُنہٕ تخلیقس منز۔ اکے آیہٕ جمع چھِ سیدان چھِ سٹھاہ کم بدس یوان"۔

اَمہٕ بیانہٕ پتہٕ چھُ پونپُر صاب نظمہٕ ہندی کینہہ کینہہ شعر مثالہٕ ژٕنگی پیش کران۔ باسان چھُ ژشیرازہ اُردوکس عبدالاحد آزاد نمبرس منز چھیمتس پونپُر صابنس اتھ مضمونس منز یمہٕ منز پیٹھ کنہٕ درج

کرنہٕ آمُت اقتباس ترجمہٕ چھُ کرنہٕ آمُت تہٕ چھُ نظمہِ منز متعلق لیکھنہٕ آمتہِ موادُک کینہہ حصہ چھاپ سپدنہٕ نِشہٕ رٲودمُت ییٚمہِ کتِھ یہِ اَڈلیوُک تہِ چھُ باسان تہٕ منز باگ ہیوٗ چھُ شروع سپدان۔

نظمہِ ہنٛز اکھ نٔز خوٗبی چھےٚ ویدیچ باوتھ یُس کم تہٕ قلیل چھُ تہٕ اوٚیدِس متعلق تجسُس یُس وسیع تہٕ سوٚن آسنس ستی ستی سرساوی تہٕ چھُ۔ یاوٕنو شیکپیرن لفظن منز۔

'IN NATURES INFINITE BOOK OF SECRECY

A LITTLE I CAN READ'

(ANTONY AND CLEOPATRA)

یِرتھ ہش کیفیت چھےٚ نظمہِ ہند مطلع کہ شعر پیٹھے شروع سپدان۔ شعری کردار چھُ آرولہِ ہنز وبالی ذہنی کیفیژ محسوس تہٕ کران تہٕ اَمہِ کہ وجہہ تہٕ انداز کران مگر تمہِ با وجوٗد چھُ سُہ مخاطب کردار یعنے آرولہِ نِشے اصل راز زانن یرتھ بران۔

دارِ مٔے وَنتہٕ آرٕولی کیاز گیکھ وُبالی یے

جادی کرٕی تہٕ کن بٔری وَنتہٕ یِکمی گلالی یے

شعرس چھُ یتہٕ معنوی تجویز مخاطب کردار یعنے آرول چھےٚ یٔنہِ موجوٗدٕ حالہ برونہہ شعری کردارس زیادٕ قریب آسُمٕت۔

سو چھِنہٕ وُنہٕ تہٕ بنِس پرٲنِس کانٛچھن تہٕ یِژھ برن وٲلِس نش
منحرف تہٕ متنفر بلکہ چھِس اَکِس دُژِیتِس تہٕ حٲرانگی ہندِس عالمس
منز پیٚٹھ فی الحال بنِنہٕ فاصلہٕ کرنچہِ صلاحیژ ہنز۔ تو ژھ راوُمژ۔ آرول
چھِنہٕ یِنہٕ موجوٗد صوٗرتحالہٕ نِشہٕ کانٛہہ خوٗشی محسوٗس کران۔ وٕ دِلسِس
یِتھ ژھوہ برنہٕ بدلہٕ پیچھے سوٗ فرارُچ وَتھ پانناوان۔ توے تہٕ
چھُ شاعر تس مخاطب سپدتھ ونان۔

"دوٗرِ ژٕ جلکہ ہیوٚ جِکھ وَنن نوٗرِ ہرٕ ژھِ مشاکلیے"

آرولہٕ ہند سراپا بیان کران کران چھُ شاعر آرولہٕ پوٚشس
تہٕ امِچہِ پوٚت ژھایہِ وقتلن وٲلِس انسانی کردارس اَکی سے مشترک
وجودس منز زانُنچ تہٕ پرزنأوِنچ کوشش کران۔

کمہِ یہ کرزِل کوٗرُے بمن مانز۔ کمی کرُے نمن
جامہٕ چھلی ژٕنے شبنمن زلف کمی سنبھالیے

آرولہٕ پوٚش یوٚدوے کاشرس منز سٹھاہ یژ پاٹھی استعمال چھُ
سپدُمت مگر تمہٕ باوجوٗد چھُ امہٕ ناوک پوٚش منے۔ سان کمنے
لوٗکن ولیوٚد۔ دپان یہ وُستی پوٚش چھُ دوٗر نیَن تہٕ مرگن کنُے آسان۔
محاورہٕ رنگی یِتہٕ امیک استعمال چھُ سپدُمت تمہٕ کنہِ چھُ یہ شخصس
لیڈرِ رنگہٕ پوٚشہٕ ذاتھ۔ زبٲنی باوژ منز چھُ امہٕ کہ لیڈرنگ وجہ

خوف تہٕ بےٚ مانہٕ آمٕت۔ مثالے اَسہِ چھِ ونان شہٕ اوس آرولہِ پوشکی پاٹھی لیڈر یومُت یا تَس اوس آرولہِ پوش گومُت۔ گویا تجویز چھُ یہ بنان زِ پوشُس چھُ دراصل کُس تام شوخ بدل رنگ اوسمُت مگر کھوژہٕ کِنہِ چھُ تَس رَنگے ڈوٚلمُت۔ عبدالاحد آزادنہٕ نظمِ منز تہٕ چھےٚ شعوری یا غارشعوری پاٹھی یہ کتھ بیان سپزمٕژ۔

"شامہ سوندری کمی سُوی جامہ ووزلو وزآلمیے"

نظمِ ہندی یتھی شعرہ پٔرتھ چھُ تاثر میلان زِ آرول چھُ ووزلہ رنگُک پوش ییتھ اندن کُن کرِ نہیتہٕ رکھ چھےٚ آسان۔ ہرگاہ یہٕ تہٕ چھُ تیلہٕ چھُ شاعرن جاین اصل علامت منسأوِتھ انسانی خوبصورتیہ ہندی تعریف کران البتہ ہیکو اَسہِ یہ جواز دِتھ زِ ووبالی پریشان تہٕ پراگندہ گژھتھ چھُ اَمہِ سوندرپوشن پنُن اصل رنگ ہومُت۔ مورخ حسن شاہ کھویہامی تہٕ مطابق گو وآرول نسرین۔ نسرین چھُ اکھ چھوٚٹ گولاب تہٕ اردو تہٕ فارسی لیس منز چھےٚ نسرین بدن نسرین تن تہٕ نسرینی رُخ محبوب ہندس تعریفس منز۔ ورتاونہٕ ینہٕ واجنہ لفظ ترکیبہ۔ صوفی شاعر صمد میرن مصرعہ چھُ "تن نارِ ڈزآرولہ" ظاہر چھُ زِ مصرعس منز چھےٚ شدت تہٕ تضاد بیان کرنہٕ آمُت یمہِ کِنہِ آرولہٕ ہنز نوزکی واضح چھےٚ سپدان۔

آہروٗل چھُ کاشرِس منٛز بطورِ مونث ورتاونہٕ یِوان تہٕ آہروٗل علامت ورتاوِتھ چھُ اَمہِ ناوِچہِ نظمہِ منٛز آزادن محبوب یا مخاطب کردارسٕندِ خاطرٕ مونث صیغہ ورتاوِتھ لولُک اظہار فطری انداز کوٚرمُت۔

عاَن ممکن چھُ زِ یہِ نظم لیکھنہٕ وقتہٕ آسہِ ہے آزادس مہجورنٕ گرِیسی کوٗر تہٕ ذیہنس منٛز تکیازِ مہجورن آس اَمہِ بروٚنہہ قریبن دٕلہ وری یہِ نظم لیٚچھمٕژ۔ آزادن یِیتہٕ مہجورنی یا کھٕٹی اَتھ نظمہِ منٛز لوٚتی لوٚتی تہٕ شہلی شہلی لفظ ورتاوی تتہٕ ییٚس علامتی رنگ اُمی اَمہِ موضوع خاطرٕ ورتوو تمہٕ کٔنی گوو اَتھ منٛز سرسوو ماحول پاد۔ آزادن چھ سیٚٹھے سہل تہٕ تٔلہٕ تراوِ کٔنی لوہ تہٕ دٔے لفظ تہٕ سیٚٹھہے پُر کار یہِ سان ورتاوِی مٕژ

زوٗنہٕ ژھِچوٚنہٕ ژھلکھ ژران سازکران یہِ دل بران

اَنہٕ گٹہٕ ژٕ کیاہ کران روہ یہِ وَنِہ گوپالی لیے

روہ یہِ وَن ییتہٕ اکہِ انٛدٕ جایہِ ہُند تہٕ ناو چھُ مگر اَنہٕ گٹہٕ مقابلہ روہ یہِ [وَن] ؤنِتھ چھُ امیُک معنہٕ کاشرِ جایہِ تہٕ نیران۔ یہِ پاری چھُ زوٗنہِ ہُند آسُن تہٕ راتژ یا اَنہٕ گٹس سٔتی تعلق تھاوان تہٕ تمیُک وجوٗد چھُ گٹہٕ تہٕ ژھایہِ منٛز تہٕ پرزلوٗن تہٕ ماری موٗند۔ آہروٗلہِ ہُند پیتھ وَن پھولُن چھُ اَتھ ساری سہِ صوٗرتحالس مناسب ترین باوتھ۔ تیٚمہِ بُنیاد شاعِرٕ سُند

ذوق جمال تہٕ سوٗن مشاہدٕ چھُ۔ تقدیرک حوالہٕ آزادنہٕ نظرِیچ کم کاسہ باوتھ آیہٕ گوڈے کرنہٕ۔ آزادنِس غالب فکری رجحانس برعکس چھےٚ یِتھ نظمِ منز تقدیرچ کارسازیہٕ ہنز پوشونہٕ رِوایتی اندازٕ باوتھ میلان۔

عانِ بہارِ یہٕ حسُن چون خارتہٕ کنڈی قبیلہ کرون
سوتندرنے یہٕ ازلہٕ لون زالہٕ ولان چھُ آلیے

نظمِ ہنز بیاکھ نمایاں خاصیت چھےٚ امیک سازٕت ییمہٕ خاطرٕ شاعرن ہم آہنگ یا تکرارٕ سان لفظ تہٕ اچھر ورتاوی متی چھِ۔ بولہٕ باوٕژ خاطرٕ تمی سُند یہٕ زبانی ورتاو چھُ پُرتاثیر تہٕ پُرجذبہٕ۔

عشق بھران کمن کمن تیہٕ رٔنٛشن تہٕ عالمن
عشق کران چھُ موسمن پوشہٕ بدن کٔزالیے

رِوایتی بولہٕ شاعرِ یہٕ منز امہٕ قبیلٕچن نظمن تہٕ غزلن منز چھُ اکثر رقیب سُند تریم کردار تہٕ دٔنہٕ لیوان یَس نسبت عاشق سُند زوی یہٕ رشک یا حسدُک چھُ آسان۔ عاشق چھُ ییمہٕ لحاظٕ تمی سنز فطرژ واقف آسان زِ سُہ چھُنہٕ یزنہٕ باکھٹی وعدٕ وفا کرن وول بلکہ چھُ فند تہٕ فریب کرِتھ محبوبس زالہٕ لاگان۔ آرٕ ول نظمِ منز چھُنہٕ امہٕ اندازٕ عاشق رقیبس زانان بلکہ چھُ سُہ محبوب یا آرٕ ولہٕ ہتدی سیےٚ دُبالی آسنس منز تہٕ رقیبس

تلاش کران تمی سنز. تلاش چھنے کافی تجسُس زایُن دِوان۔ توے چھُ
شاعر ونان

شوق لیتہٕ ہِ چھکھ چھوان نرِتیمس ژ آلہٕ وان

چھُمنہٕ کنُے ونے یوان شمع دِلکہ منے زاکی یے

عاشق شعری کردارس یُس چیز باعثِ تکلیف تہٕ باعثِ آزار چھُ باسان
سُہ چھُ یہِ زِ محبوب یا آرولہٕ ہندٕ امہِ پھلواے کرن والہِ جذبہٕ تہٕ مجنوٗنی
کیفیژِ کنی نیرن تس ناو لکھ ٹکنس ٹاوس تہٕ دِنس پامہٕ تکیا زِ سُہ چھُ زانتھ
زِ محبوبس دُژلیوٗت کرن وول خیال یا تصور چھُ بے معنہٕ، بے مطلب
تہٕ محض خیالی۔ تمی سنز اتھ ذہنی حالژ کڈن ساری کیھ تہٕ سُہ بنہٕ
حدفِ تنقید۔ توے چھُس ونان۔

ہُلری ٹوپ، اوارٕ واو، لول ہیُن مہ راوٕ راو

مارٕ مُتس ژٕ گُذراو پانہٕ پنُنہٕ یہِ ڈالی یے

شاعر سُند کتھ کرنک انداز چھُ حد درجہ شایستہٕ۔ محبوب ہندِس
سوچس یا طرزِ عملس چھُنہٕ سُہ تیسنز کوتاہ نظری بلکہ دروں بینی مانان۔
گلن برعکس تمی ہندِس کنہن تہٕ بلین کُن راغب تہٕ قایل آسنس چھُ سُہ
یہِ وجہ مانان زِ تمی آسُن ضرور یمن اندر موہلی لال دُیھمتی۔ تمی سُند
شکوہ تہٕ شکایت تِ چھے محتاط ہٕ رشکہِ برٕژ۔

دردِ گلن گیکھ ژُچھتھ آرلین ژرے دل رِچھتھ
سنگدلن اندر وُچھتھ لال موہلی موُلاکیلیے

عبدالاحد آزادَن چھ اَتھ نظمہِ منز عام ورتاوِکی محاورٕ سیٹھاہ خوبصورتیہ تہٕ فنکارانہٕ اندازہٕ سیتۍ سادٕ اما پُراثر طریقہٕ ورتاوِ متی ۔ وُبالی گژھن، کن برٕنی، ونن گژھنی، وننٕ پھولن، کژُل کرُن، ماتنٕ کرنی، جامہٕ چھلنی زلف سنبھالنی، لول ہرُن، خند کرٕنی، موختہٕ ہرُن، پتھرٕ جرتہٕ، حاز گرُن، دل برُن، زالہٕ ولُن، فتنہٕ تلنی، لولہٕ زرِ چھٹتھ تیرُن، تھز رٹُن، عشق پھرُن، ترٕ آلوٕنہٕ، وَنہٕ یُن، ڈالی گذارٕنی، ژُچھتھ گژھن، دل رچھُن، گار گژھنی، میر پھیژالی نہٕ داتہٕ سوالی، دماغ راوٕرُن، لول ماتٕرُن جگرس پار کرٕنی، نارٕ دزُن، حُسن پوشن تہٕ بہار توشن، ہولہٕ گلُن، سوکالی نہٕ کرُن وغارٕ ہوی محاورٕ چھ برجستہ پانٕژھ پرتھ شعرس منز ورتاونہٕ آمتی ۔

کُلس پیٹھ چھُنے یہِ نظم پننہٕ موضوع غنائیت، لیہِ نہٕ آہنگہٕ بنیہ زبانی ورتاوکہ عبدالاحد آزادنِس کلہم کلامس منز فنی اعتبارٕ اکھ تھود مقام تھاوان ۔ اَتھ نظمہِ چھ اکِہ اندہٕ کاشر شعری رِوایژ سیتۍ سۄن واٹھ تہٕ یہِ پرٕتھ چھُ شاعر ہنزٕ ن انفرادی شاعرانہٕ صلاحیژن ہُندِ تہٕ اندازہٕ سپدان ۔

# کأشِر نظم :

## اکھ تنقیدی مُطالعہ

شاد رمضان

نظم چھےٚ کأشِر شأعری ہنٛز اکھ وِیزٕ شعر ذاتھ تہٕ کأشرِس منٛز چھےٚ نظم شاید تیٚژے پرأنی یوٚتاہ کأشِر ادبُک توأریخ چھُ۔ ڈُن گوو نظمہِ متعلق یُس تصور بیٚتھ کالہٕ ادس سُہ رُوٗد نہٕ کلھُم پأٹھی برقرار۔ موجوٗدٕ صدی دوران یُس تصور اَتھ شعر ذأژِ متعلق بہا نچھلیوو، سُہ چھُ کینٛژو اہم خصوصیژو کِنی برونہِمہِ تصورٕ نِشہِ ہنا مختلف۔ پرأنہِ تصوُرٕ مطأبق ہیکہٕ ہو کُنہٕ تہٕ تِتھ منظوٗمس نظم وُنِتھ یَتھ مضموٗن کُن تہٕ مُسلسل آسہے۔ مثلن کیہہ نہٕ خاص لکہٕ باتھ، "شیخ العالم سُند" گوٗنگل نامہٕ، تہٕ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہُند" وأرِوِ ین ستے وارٕ چھِس نو وَژُن نما ہوی بأتھ بلکہ ہیکہٕ ہو "گلریزٕ" ہِشہ کُنہِ مثنوی یہِ تہٕ اکھ طوٗیل بیأنی نظم وُنِتھ۔

پرتھ شعر ذأژ چھےٚ پننٛز اکھ مخصوٗص ہیٚتھ (اگرتھ) آسان، اما پوٚز نظم چھِنہٕ امہٕ حسابہٕ کُنہِ خاص مخصوٗص ہیٚبری ہیژٕ (اگریتھ) پابند۔

نظم ہیکہِ پد ، واکھ ، شُترک ، وژن ، مثنوی تہٕ قصید بیترِ کٔنہِ تہٕ شعر ذاتژ ہنز ہیتھ پانہٕ آوِتھ ۔ عروضی لحاظہ ہیکہِ نظم پابند شاعری نشہِ مختلف ، یعنے نیم آزاد، آزاد تہٕ نثری آسِتھ ۔ چنانچہ ازکل چھےٚ ہیتی اعتبار مختلف صورژن ہنز ترٛژھ نظمہٕ گژھان یم پرانہِ تصورہ حسابہٕ شایدے بطور شاعری قبول سپدان تکیازِ برونہہ آسی بحر ، وزن ، ردیف تہٕ قافیہ بیترِ شاعری ہندی لازمی جزٕ گنزرنہٕ یوان ۔ ییٚہری گرتہٕ لحاظہ نظمہِ ہنٛد یہٕ موکجار (آزاد روش) نظرِ تل تھوٚویتھ چھُ ازیہٕ ممکن زِ کانہہ پد ، واکھ ، شُترک یا وژُن بیترِ یہِ نظم گنزرنہٕ ۔

موجودٕ تازٕ تصورہ مطابق چھےٚ نظمہِ ہنز ۔ سارٕے کھوتہٕ اہم بیرہاو خصوصیتھ یہٕ گوٚن موضوع تہٕ ہیٚیژ ہنٛد پانہٕ وأنی پرتھ لحاظہ ہم آہنگ آسُن ، مطلب یہِ زِ نظمہِ ہنٛد موضوع یہِ کینژھاہ تہٕ آسہِ تمیک مرکزی نوقطہ گژھہِ پورہ نظمہِ ہنٛد واحد محور بنُن تہٕ تمی پادٕ گژھہِ معنہٕ مفہومہٕ کِنہ تہٕ رُوی یہٕ کیوٚ احساسہٕ حسابہٕ تہِ حسبِ حال آسُن ۔ امی بُنیادی خاصیژہ ہنٛد تقاضہٕ چھُ زِ نظمہٕ منز گژھہِ موضوعس وَیہٕ وُن گرتھ آسہٕ علاوٕ موزون لفظ ورتاو ، متناسب لہجہٕ تہٕ کلہُم یاگٹی باوژ ہنٛد اختصار آسُن ۔ امہٕ تصورہ مطابق چھےٚ پرٛتھ کانہہ نظم زنہٕ اکھ زندٕ وجود مانہٕ یوان تہٕ یہٕ چھےٚ اکھ یا بیاکھ صورتحال یہٕ تھٕ صورت حالس ستۍ وابستہٕ اکھ یا بیاکھ کردار ہیتھ آسان ، بامے سہٕ کردار کیازِ آسہٕ نہٕ نظمہِ منز کھ کرُن ووَل یا تہٕ شاعرے ۔ مگر کردار گژھہ

پنُن اوند پوٚکھ تہٕ پنٕنہٕ مخصوٗص زمانُک پوٚت منظر ہیتھ وۄتلن ۔ گویا نظمہِ
ہُند صوٗرت حال چھُ ڈرامٲیی خد و خال بانناوان تہٕ نظمہِ ہندِس پرتھ جُزس
گژھہِ انفرادی طور پٮ۪ٹھ موزونیت تہٕ مناسبت آسٕنۍ تہٕ چھیکرس نظمہِ ہندِس
کلہم وجوٗدس ستۍ ترٛٲوِتھ ہم آہنگی زِ نظمہِ ہُند مُرتٲسہِ سوٗ تخیلی آگہی تہٕ آنٛدیس
تخلیقی ادبُک جوہر چھُ ۔ اَتھ کتھہِ چھُنہٕ انکار زِ موجوٗدٕ وُہمہِ صدی بروہہ
تہٕ چھےٚ کاشرِس منٛز ترٛاوِتھ کینہہ نظمہِ لیکھنہٕ آمٕژ یِم نظمہِ ہندِس مذکوٗرٕ تازٕ
تصورس نکھہِ یوان چھےٚ اگرچہ تمن شاعرن موجوٗدٕ دورٕکین شاعرن ہندی
پاٹھۍ یتھین معاملن متعلق شاید ےتصوٗر واضح آسہے ، مثالے رحمٰن ڈارٕنۍ نظم
،شش رنگ، ۔ اَتھ نظمہِ منٛز یوسہٕ زنانہٕ کردار باوکھ بنیتھ بربکہ لوکُک
اظہار کران چھےٚ ، تمہِ سٕنٛزِ زیوِ منٛز ڈرامٲت پرٛتھ اکھ لفظ چھُ تسنٛدِ مخصوٗص
رُوٚیہُک تہٕ لہجُک ترجمان ۔ نظمہِ ہُندکُن تہٕ مرکزی موضوٗع چھُ لول تہٕ اَتھ
لولس منٛز مےٚیُس کانٛہچھن وول اشتیاق ۔ لفظن ہنٛز ژھارٕ تہٕ ورتاو ، لفظودُس
موضوٗعُک بھاپھلُن ، تجربُک ڈرامٲیی صوٗرت حال تہٕ باوژ ہُند اختصار
ہنٛز خصوٗصیژ چھےٚ اَتھ کاشرِ زبٲنۍ ہنٛز اکھ شاہکار نظم بناوان ۔ بقول رحمٰن راہی
”اَتھ نظمہِ منٛز چھُ رحمٰن ڈارنہِ نظرِ ، دِلس تہٕ ہونرٕ ، ترٛیشوٗنی تخلیقی مےٚیُل گومُت“[۱]
اَتھ برعکس ہرگاہ محمود گامی سُند مشہوٗر وژُن ، تمثیلِ آدم پرٛژھوم حبابس ،

۱؎ ”کہوٹ“ ۱۹۷۹ء ( رحمٰن راہی )۔

نموون یتھ پیٹھ نظمہِ ہنٛد برٛونت گرٛھان چھُ ، اما پوٚز ہنا نکھہٕ یکھ ووٚن دِہنہٕ تۄ چھےٚ بحیثیتِ نظم اَمہِ چہ کیہنہ وِنچھ پوچھ کوتاہیہِ باس دِوان ۔ تخلیقہٕ ہنٛدین گوڈنکین مصرن منٛز چھُ نظمہِ ہنٛد باوکھ ( یاوُنو پانہٕ شاعر راوی ٹینتھ ) سیٹھاہ مناسب پاٹھی آدمہٕ ہسنٛز تمثیل آیہ بُرٛس لیٖتہٕ ڈریافت کران تہٕ تس لیٖتہٕ یہِ زانُن یِرٛ ہان زِ تہنٛدِ وجوٗدُک انحصار کتھ پیٹھ چھُہ۔ ژےٚ یمہِ آیہِ منٛز ظہوٗر پرٛووُمت چھُکھ ، زِ چھُکھا پانہٕ سُے آب کنہٕ ہٕنیہِ کانہہ الگ وجوٗد ۔ ژاےٚ زنٛدہ چھُکھ تہٕ کتھ بُنیادس پیٹھ ، سوٚدرِ لیٖتہٕ برٛزنس کھنٛڈس ژھینہٕ کیا چھُہ چون حال تہٕ سوٚدرس سٟتۍ والپس رلُن چھا چون واحد مقصد تہٕ مُدعا ؟ اما پوٚز آیہٕ بُرٛ چھِنہٕ نظمہِ منٛز بحیثیت کردار ووٚتلِتھ سوالک جواب دِوان ، بلکہ چھِہ آدمہٕ ہسنٛز تمثیلہٕ ہنٛدی مختلف رٛم ۔ بُرٛ ہنٛدِ بجایہ باوکھ ( یاوُنو شاعر ہنٛدِ ڈسی ) ہنٛدی ڈسی مختلف شعرن منٛز باوتھ پراوا ۔ ووٚنی ماہوَ زِ تخلیقہٕ ہنٛدین باقیے شعرن ہنٛد تفصیل یارمٛ ۔ باوتھ ہنیکہٕ آیہٕ بُرٛ ہنٛدِ وسیلہ بیانے سٟدھ ، تکیازِ اَمِ نظمہِ ہنٛدِ حوالہٕ چھِنہٕ شاید آیہٕ بُرٛس فکرِ ہنٛز رزِ لمیٛچ تہٕ ذکرِ ہنٛدِ دہلاپچ کتھ کرٛنی شوٗبان ۔ تکیازِ بُرٛ چھِنہٕ تخلیقہٕ منٛز بطورِ کردار ووٚتلان بلکہ چھُ سٟدِ سیوٚد تہٕ ٹاکارٕ پاٹھی باوکھ ( یاوُنو پانہٕ شاعرے ) بے جا مداخلت کرِتھ پانے پننس سوالس جواب دِوان ۔

حُبہ ستی جُبیَن پھوکھ لوے حبابس      پھوکہ ستی بنیہ میوٗل آبس ستی
موٗد کیاہ تہ روٗد کیاہ باقے حسابس      رِند چھکھ زندٕ کتھ آبس ستی

شاعری ہنز بُنیادی وٕسیلہ چھے زبان تہ زبانی ہند سارِوے کھوتہ نوٗن تہ اہم گون چھُ مُناسب تہ موزوٗن لفظہٕ ژاژنہٕ تہ تِہند ہاوزن تہ برمحل ورتاو۔ نظمہِ منز چھِنہٕ کُنہِ غار ضروٗری، ناگہار یا ہُریاتہ لفظُک سوالے ووتھان ییمہ ستِ نظمہِ ہندِس حاوی احساسس گرٛاے لگِہ تہ دہ پڈاو گژھہِ چھلہٕ چھانگر۔ اَمہِ قسمُک وَرچھُ واریاہن کیا اکثر کاشرِ ہن نظم نگارن سیُدمُت یمن یاتہ لفظہٕ کس معنہِ مفہوس تہ اَمہِ کِس لسانی کیو سماجی پوٚت منظرس تام واتنیاہ رے چھُنہٕ نہٕ چھِنہٕ تِم اوٚت تام واتنچ کوٗشش کران۔ نتیجہ چھُ یِران زِ نامُناسب تہ ناموزوٗن لفظہٕ ورتاو چھُ نظمہِ ہندِس کُلہم حاوی تأثرس ددارہ واتناوِتھ اَمیُک تخلیقی وہ پڈاو متأثر کران۔ اَمہِ قسمہِ چہ مثالہ چھے پرانہِ کاشرِ نظمہِ منز تہ تہ نوٚو کاشرِ نظمہِ منز تہ، تہ جدید کاشرِ نظمہِ منز تہ میلان۔ "ییمبرزل" عنوانہٕ نظمہِ منز چھُ مہجورس اَمہِ قسمُک اکھ ضمنی ژُل گژھان۔ حالانکہ مہجور اوس اکھ حساس دل شاعر تہ سُہ اوس زانتھ زِ ییمبرزلہ چھے کُنی اَچھ آسان تہ توے چھے ییمبرزل ییٚنس عاشق بومبرس متعلق گوڈ اَکس شعرس منز پزِ نہٕ یاگھٕ تہ مناسب طریقہٕ ونان زِ "مے، کُنہِ اَچھ کاش اوس بومبر"۔ امایوٗن رِیہے ییمبرزلہ چھے پتہٕ یمن بنیس شعرس منز بیٚنتن دوٚن اَچھن ہُند ذکر کران

یُس یہٕ مناسب چھُ ؎

بہٕ چھس ہے بنگہٕ گامُت، منٛد چھیم اندکن پیمُت

اُچھو بینٛو وُچھم کیا کیا گرٕ ھتھ تتھ منٛز لس وٕ نہٕ کیا

نظمہِ ہُند مضموٗن گرٛتھ ہیٚر پیٹھٕ بوٚن تام کٔن تہٕ ہم آہنگ

آسُن تکیازِ نظمہِ ہنٛز ڈرامٲیی تہٕ احساسی وحدت ہرگاہ ناکارہٕ پٲٹھۍ متأثر

سپد نظمہِ ہُند ُس کلہم وہ پزاوس یہِ ٹھونٛٹھ۔ نیٚتون رحمٰن ڈارٕنی "تقدیرِ

آم نو ونٕ" عنوانہٕ نظم۔ نظمہِ منٛز چھُ اکہِ پاسہٕ یتھ رہیو اعتمادٕ بوٗرت

اظہار۔

کرکھٕ زیارت سرکار ہر دم روز شانکنے

چشمن کھورکڈ تمہِ وٕ نہٕ برونٛہہ پٕچھ تیچھ اُزنہٕ پھیران

وارٕ پٲٹھۍ وُچھہن وجوٗدِ وحدت گرٛیٚہ منٛز گاشابنے

نفع چھُ دیدار حیات منفات محنتس منٛز وٕ ہی واتان

رحمت پنٕنی لس کرنٕ عطا کٔرتھ پتۍ کتھ خدا بنے

تہٕ بییہ پاسہٕ چھےٚ نظم یتھ دلدوز کرکیہ پیٹھٕ اندواتان زِ "تقدیر آم نو ونٕ"

تہٕ اُمہِ دادِ چھس نو بلان:

موجوٗدٕ دورس منٛز ییٚنہٕ (یُس دور ٹاکارٕ پٲٹھۍ ہجوٗرُک ڈسی

شروٗع گوو) کاشرِ نظمہِ قابلِ توجہ مقبوٗلیت حاصل۔ موضوٗع ہیٚتھ تہٕ

ٹیکنیکی اعتبارٕ گیہٕ اَتھ منز۔ نہٕ صرف رنگا رنگی پاد بلکہ گیہٕ یہ شعر ذاتھ ہونٕہ اعتبارٕ تہٕ بالغ سپدان۔ مہجورس چھُ اکھ امتیاز یہٕ زِ تمۍ ییچھ ماورائی عقیدتی تہٕ صوفیانہ موضوٗع اَکھہ کُن ترٲوِتھ زمینی زندگی ستۍ وابستہٕ کینہہ قابلِ توجہ نظمہٕ یمن منز گریسۍ کوٗر، وزمل، آزادی، ییمبرزل تہٕ سنگرمالن بیۍ وۅ پراگاشس بیترٕ قابلِ ذکر چھےٚ:

ییمبرزل لاجِنس داوس گیٚس حارانٕ کیٚس وَنہٕ کیا
دیان چھِس صبحکس واوس بہارس شبنمس وَنہٕ کیا
ییمبرزل

یہٕ آزادی چھےٚ سورُے گۅڑ ہوٗر پھیریا خانہٕ سپدِتھ خانے
فقط کینٛژن گرن اندر چھےٚ ماران گرایہٕ آزادی
آزادی

'ییمبرزل' نظم چھےٚ بقول رحمٰن راہی موضوٗع اعتبارٕ نہٕ صرف پانہٕ مہجورس تام لیکھنہٕ آمژ کلہم کاشُر شاعری منز بے نظیر بلکہ خود مہجورنس کلامس منز تہٕ منفرد تہٕ بے جوڑ، یوسہٕ جدید حسیاتی ہندِ ژینٕ طرزِ چ پیش آہنگ چھےٚ۔

" تقدیرساز قوتن ہٕسبتھ یہٕ غار متبہ تہٕ ورگہٕ

---

ٖ مہجورنی اکھ اہم نظم 'ییمبرزل'، گلالہ ۹۷-۱۹۹۶ء، کشمیر یونیورسٹی۔

احتجاجی اظہار، زندگی ہنزن مختلف سرگرمین متعلق
یہ تلخی کھاروُن زہرخند، یہ سورُے چھُ مہجورنہٕ اَتھ نظمہٕ
کلہم پرٛانہٕ کاشُر شاعریہ نشہٕ بیوٚن کڈان تہٕ خود مہجورنہٕ
باقے کلامہٕ نشہٕ ممیز بناوان۔ اَمہٕ زاوی یہ ہرگاہ
وُچھو تیٚلہٕ باسہٕ مہجورنٕی یہ تن تنہا نظم کاشرٕ شاعری منز
تَمہٕ ژٕرین طرزچ پیش آہنگ یُس ژٕرین طرز جدید حلسا گژھی
ناو مشہور سپُد۔"

لل دیدِ پیٹھہٕ مہجورس تام لیکھنہٕ آمژٕ شاعری ہندس پوٚت منظرس منز
ییٚلہٕ مہجورنی "گریسی کوٗر" نظم کُن گژھان چھےٚ، باسان چھُ زنتہٕ اوٚبرنبس چاکھ
دِتھ اکھ سِری یہ زٕژ تن من وُشناوان تہٕ وولساوان چھےٚ۔ یزٕر چھُ یِی ز مہجورنٕ
تُل کُنہٕ وَرٕ وُٹھنہٕ دراَے کاشرٕ مجازی شاعری دِس تہٕ تس پتہٕ روٗد واریاہس
کالس کاشرٕ شاعری پیٹھ مجازٕ حاوی۔ یہ یزرتہٕ چھُ ٹاکارٕ زٕ مہجورنی "گریسی کوٗر"
نظم پوٚرتھ پیٚچھ اُہندپوکینژ وہمکال شاعروامی اَنہار مختلف طایفن سیتی وابستہٕ
کورِن پیٹھ نظمہٕ تَمِن منز فاضل کشمیری ہتر" کرالہ کوٗرٕ" ہشہٕ نظمہٕ عوامی سوٗتھرس
پیٹھ مقبوٗل گیہٕ۔ یتھے پاٹھی تُل مہجورنہٕ وولوہا باعوانو، نظمہٕ کاشرس منز وطنی
تہٕ سیاسی شاعری دِس۔ مہجورن اَنی کاشرٕ شاعری سہل تہٕ شیرِن روزمرس
نکھہ۔ یہ اَس اکھ شعوری کوشش یتھ پتہٕ کنہٕ یہ جذبہ کارفرما اوس زٕ کاشرٕ

زبانٕ ہُند باوژبل گوٚڑھ پزٕ ہ پاٹھۍ محسوٗس سپدُن تہٕ مولہٕ ونہٕ پُن مہجورن
پتہٕ چھِ تسندۍ زٕ کنٛسی ہمکال شاعر یِمو کأشِر نظم ہیٔتی اعتبارٕ موٚختصر تہٕ مربوط
بناوٕنٕچ کوٗشِش کٔر یعنے عبدالاحد آزاد تہٕ زندٕ کول۔

عبدالاحد آزادس چھُ یہِ امتیاز زِ کٔھیس نٔے تہٕ موضوٗع زٕنگی ورتاوۍ
تِمۍ پننِن نظمن منز کیٛہنہٕ تتھۍ مضموٗن یِمن سیاسی سوٚنچہِ اعتبارٕ عالمی سوٚتھرِس
ستۍ واٹھ اوس مثلن طبقاتی کشمکش تہٕ اشتراکی انقلابُک تصوٗر یتھ پتہٕ
کنہِ مارکسی فلسفہ کارفرما اوس۔ اَمہِ فلسفکُ پأغام چھُ آزادنِن کینژن نظمن
منز اُہندِن ہمکال شاعرن مقابلہٕ تھدِ ہٹہِ تہٕ تیٛزِ واتہٕ۔ ووٚن گوو پأغام
واتناونُک ظوٗن چھُ باضے آزادس تیوٚت غلبہٕ کران زِ ترٛھن جاین چھِ
نظمہِ ہٕندۍ ٹیکنیکی جامہٕ ژھوٚٹان تہٕ پُتہٕ پتہٕ گرٛھان۔ یہِ وَکانہٕ چھُ مہجورس
تہٕ گرٛھان مگر آزاد چھُ ژوٚرُے یِہند اَمیُک شکار سپدُمُت۔ نظمن منز دِتہٕ لاونہٕ
آہتی کردار چھِنہٕ موضوٗعس تأبیا روزان بلکہ موضوٗع ہیٚر نیرِتھ اورچہِ یورچہِ
کٔھتھ کران۔ مثالے 'آرٕ وَل' نظمہِ منز وونہٕ آمٕژ تمثیل چھِنہٕ گوڈٕ پیٹھٕ اندس
تام تمثیلی اظہار رٔژھران۔ یہِ کرِتھ تہٕ چھِ کیٛہنہٕ غأر مناسب تہٕ ہُریمانہٕ
شعر تہٕ مِصرٕ اکطرف ترأوِتھ اُہنز ڈٔری یاوٕ نظم اکھ رُت تخلیقی فن پارٕ
نظمن منز چھُ لفظہٕ ورتاوٕ لحاظٕ آزادُن انتخاب مہجورس مقابلہٕ وسیع تہٕ
اُہند لفظُت چھُ صوتی اعتبارٕ ہنا مختلف لیُس اُتی نرم تہٕ سوٚت چھُ تہٕ اُتی

دُسوار تہٕ گرٕ زٕوُن چھُ۔

دِتُم پرواز اوٚبرس راتھنگ تاثیر بارانس
ڈٕلِم یِم نیلہِ تےٚ یِم لاجوٚری جاے منٛز اسمانس
تُلان چھُس ہوٗل گگرایَن تہٕ شولان وُزملن اندر
یِوان چھُم زندگی ہُند سوز سفرن منٛز بس اندر

جگر چھُس سنگرن کٔٹران رفتارس سوٚ گرمی چھَم
مدنوارن بدن شیران اطوارن سوٚ نرمی چھَم
سبز رتے لول چھم ٹٕری ٹٕری ورن ییچن دلن اندر
یِوان چھم زندگی ہُند سوز سفرن منٛزٕ لن اندر

ماسٹر زندٕ کولن دیُت کاشِر نظمِ ٹیکنیکی اعتبارٕ پوٚختہٕ بناوِنس کُن شعوٗری توجہ یُس تِمس پانس بروٚنہہ نظم نگارن منٛز امتیاز بخشان چھُ تہٕ موجوٗدٕ دورکین نظم نگارن نکھہٕ اَنان چھُ۔ موضوٗعی اعتبارٕ چھہ زندٕ کول رِوایت پسند شاعر تہٕ ژٕوٚرہن عقیدتی موضوٗع چھس محدوٗد امابوٚز موضوٗع چھُس کا پہ رٔٹِتھ نگان۔ اُہنزن نظمن ہُنٛز باوکھ سند رٕوی یہ وہ تلان چھُ، سُے رٕوی یہ چھُ پزتہٕ پاٹھی تسند گفتار تہٕ کردار بیتر مشخص کران۔ بظاہر چھےٚ زندٕ کولنن اکثر نظمن ہُنٛز مرکزی کردار سوٚ عقیدتمند تہٕ نوٗرٕ کھ احساس واجِنۍ کاشِر بٹنۍ

یوسہ ہنِس مُرشدس یاوُنوُ دٔیہِ ہندِس لوٗکس منز غرق چھے۔ یوہے وجہ ژ
اُہندٮ۪ن نظمن منز چھِ وارِیاہ لفظہ تہٕ ترکیبہٕ مخصوص ہوانوا ہیتھ ہٮ۪ندی تہٕ کُنہِ
کُنہِ سنسکرت۔

پُتہٕ مہٕ ہیرے ترووِ ییلہٕ پوٚت زوٗنہِ گاہ
مشک پوشو ژھوٚٹ سیٚن خوشبوے واو
پوشہِ نوٗلن نارٕ دِتی ونہارٕ بوٗل
ساز آکاشُک تہٕ آرُک اُدِلیاو
وٮ۪وٗر ہیتھ لوٚت لوٚت پکان سوٗرگُک ہوا
تیٚتھ سماں سٲپُن منے دوٚپ سُے یوٗری آو
سالہٕ روٚستُے آو بالے یار میون
پرارِ وُن سُے آدنُک دلدار میون

نا تیٲری

مہجوٗر یوٚدوے اکھ روٗمٲنی مزاز لولہٕ شاعر اوس مگر تس اوس سُہ
نوٚو آلوٚکن گومُت لیُس یُتہٕ آزادنہِ زیوٚ باوتھ پراوان چھُ تہٕ تس یُتہٕ تمن
شاعرن مناثر کران چھِ یمن اُسی ترقی پسند شاعر وَنان چھِ۔ کٔشیرِ منز چھُ ترقی
پسندی ہُند دور پزنہٕ پأٹھی ۱۹۴۷ء یُتہٕ شروع سپدان تہٕ اُتھی دورس منز
لوٚگ طبقٲتی تہٕ اشترٲکی سوچس چلے جاو یہِ نظم نگٲری ہُند روجحان گوو

پھانپھلان ۔ نظمے ینہِ یہِ موضوٗعی اعتبارٕ محنت کش ہنٛز ترجمٲنی تہٕ ہیٔتی اعتبارٕ پھُٹراوِ نظمہِ رِوٲیَتی زوٗنجوٗرِ۔ گوڈنچہِ لٔٹہِ گوو بےٚ قٲفیہِ تہٕ آزاد نظمہِ لیکھنُک رِواج ، یتھ لوٚت منظرس منز اردو زبٲنی ہنٛز آزاد نظم آس تہٕ دینا ناتھ نادم چھُ شاید گوڈنیُک کٲشُر شاعر یٔمی اُردوٗ آزاد نظم وُچھتھ کٲشرس منز آزاد نظمہِ ہُند تجربہ کوٚر۔

دینا ناتھ نادم چھُ اکھ نمائندہٕ ترقی پسند شاعر ۔ اُہنٛزن نظمن منز چھِ کشیرِ ہِندی محنت کش کردار وٕتلان یِم پانہٕ پنٕنز وَرتہٕ وٲری داتھ بیان کران چھِ یا یِہُند حال احوال شاعر پیش کران چھُ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ اُہنٛزن نظمن منز کشیرِ ہِندِ مخصوٗص سیاسی صورتحال کہ حوالہٕ مختلف موضوع باوتھ پرٛاوان ۔ مثلاً "بہٕ گُو تہٕ از" "جنگ باز خبردار تہٕ "مےٚ چھمہٕ آش پگہچ" ہشہٕ نظمہٕ۔

مےٚ چھمہٕ آش پگہچ
پگاہ شولہِ دنیا
دوہس گاش ہر گُل تہٕ گلزار پرٛزلن
زمینس سوٗ سُرگہِ تہٕ سبزار پرٛزلن
وُچھِس منز ہُمِس لولہِ بھمور پرٛزلن
پگاہ شولہِ دنیا ... مےٚ چھمہٕ آش پگہچ

نادم سٕنٛزن نظمن ہُنٛد اہم پرٛزناوُن نشانہٕ چھُ تسُنٛد زور دار بےٚ پھرٕ میک لہجہٕ۔ تسُنٛد آہنگ چھُ تھٔدِ ہٕٹہٕ تہٕ تٔمِسٕنٛز تشبیہہ کأری تہٕ تتھ سٟتۍ وابستہٕ لفظٕ ت چھُ رٕسہٕ رٕسہٕ تہٕ قدمہٕ قدمہٕ پننہٕ ساد ٕر وأری ہُنٛد باس دِوان۔ یتی اعتبارٕ کٔرۍ نادمن نظمہِ منٛز مختلف تجربہٕ یم عروضی لحاظٕ وزنٕچ پابندی برقرار تھٔوِتھ نیم آزاد آسۍ تہٕ امی نیم آزاد نظمہِ ہُنٛد ارتقاء چھُ جدید دورٕچ آزاد نظم تہٕ نثرِ نظم ہٕ تہٕ نثری نظم۔ نادمس چھُ یہِ امتیاز زِ تٔمۍ کوٚر گوڈنچہِ لٹہِ کأشرس منٛز سانٹ متعارف تہٕ اَتھ تجربس منٛز چھُ نادم از تام منفرد شاعر۔ نادمنۍ نظم ہٕکون دوٚن حصن منٛز بٲگرِتھ۔ گوڈنکس حصس منٛز چھُ سیاسی تہٕ ہنگامی رنگ غالب تہٕ دوٚیمس حصس منٛز چھےٚ اکہ پاسہٕ تمہٕ نظمہٕ شٲمِل یِم نفسیأتی مزاجہٕچ چھےٚ، مثلن 'نابد ٹیٹھ وٕن' تہٕ بیکہِ پاسہٕ تمہٕ نظمہٕ یمہٕ "حأری تاتھ"، عنوانہٕ چھاپ سپٕنٛز۔

ترقی پسند شاعرن ہٕنٛدِس دٔرِس منٛز آسۍ نادمس علاوٕ مرزا عارف، رحمن راہی، امین کامل، غلام نبی فراق، غلام نبی خیال، مظفر عازم تہٕ پریم ناتھ پرمی بیتر شٲمِل۔ اتھ دورس منٛز چھےٚ کیہہ ترٕٹھ آوازٕ تہٕ شٲمِل یِم کینٛژھا مہجورس ہم رنگ تہٕ کینٛژھا صوٗفی شاعرن ہم مزاج آسہٕ۔ مثالے فاضل کأشِری یٔمۍ گوڈٕ "کرالہٕ کوٚر" تہٕ 'پہلی کوٚر' لیکھتھ مہجور سٕنٛز پأروی کٔرٕ تہٕ اتھ سٟتۍ سٟتۍ فطرت کێن مختلف نظارن تہٕ زمینہٕ پیٹھ انسان سٕنٛدی ڈسی بناوٕتہٕ

آمتین شاہکارن ہنٛز عکس بندی کرِتھ 'زوٗنہٕ منز ڈل' تہٕ 'ڈ تاج محل' ہشہِ نظمہٕ لیچھ یم فاضل ہندِ تخلیقی جوہرک پےٚ دِوان چھےٚ۔

تاج محلچ ژھاے فردوس برین
زٔن چھےٚ لرزاوتھ یہِ دوشیزہ حسین
چاندِ منز گژھ دِتھ اُنہٕ نی واشاکڑان
کرٕالہ کوٗر جمنایہِ منز سٕرانس وسان

٥

کیا چھُ تاوٗ مرمرین بے حد جمیل
چھا ضروٗری یم وَنٛن لوٚلچ دلیل
آیہِ کھٔنی کھٔنی وحی جگرن منز قرآن
زنہٕ محبوٗبس اُچھن سوٗرہکی نشان

تاج محل

مرزا عارف تہٕ چھُ پننِس ابتدائی ترقی پسند دورس منز آزادی ہ پاٹھی محنت کش تہٕ کشیرِ ہنٛز تحریکِ آزادی ہنٛز ترجمانی کران۔ "بانگِ بال" تہٕ "گردِس"، "دُسہ" تہٕ "دمگر کاروان سون پرو ہنہٕ بروہہ پکان گوہ ہشہٕ نظمہٕ آیہِ لیکھنہٕ۔ عارف ہنٛز اَمہِ قبیلہٕ چہٕ نظمہٕ چھےٚ تَمہِ دورچہٕ سماجی ناانصافی تہٕ انسانی استحصالک عکس ووتلاوِتھ طبقاتی صورتحالس زبوانان۔

بقولِ رحمن راہی:

"کاشرِس سماجس منز محنت تہٕ محنتٕس ہنٛدِس استحصالس متعلق یِمن موضوعن تمٕ شعرٕک جامہٕ وولمُت چھُ، تِمن منز چھےٚ 'دُسہٕ' اکھ مارٕ نظم یتھ برٛونٛہہٕ کنہِ آمٕژ لیکھٕنہٕ، ولگہٕ وُنہٕ لہجہٕ تہٕ خلوکھ ہار لفظ ژٲرٕ تہٕ تخلیقی وحدُتٕ ہنٛدِ لحاظٕ عارفنس کلامس منز تھزٕ جاے چھےٚ"..... کہوٹ

| | |
|---|---|
| خوجہٕ پوٚکھم بھینکہٕ پیٹھی ترٲوِتھ | داغ میانی ہاوِتھ ما |
| اُنہٕرِ شوگاش تھکہٕ نٲوِتھ | آش نفیس تھاوِتھ ما |
| دٲن پوشُک رنگ لیدرٲوِتھ | داغ میانی ہاوِتھ ما |
| پاک اُشہٕ کےٚ موخہٕ تہٕ ژوہنٲوِتھ | پَن پَن تن نٲوِتھ ما |
| آڈٕ گردے بُتھ برنٲوِتھ | داغ میانی ہاوِتھ ما |

دُسہٕ

اَمی دورکس آخرس پیٹھ چھُ راہی، کامل، فراق، عازم تہٕ خیال بیترِ شاعر پننہِ جوان لہجُک تہٕ ترقی پسند سوچُک اظہار کران۔ 'وِلتاگھی تہٕ زنگرٕ' (راہی) 'یاربلُک سحر' (کامل) 'کشیر' (فراق) چھےٚ اَمہٕ دورچہٕ قابلِ ذکر نظمہٕ۔ اَمہٕ دورکین یِمن نوجوان شاعرن منز سپُد کیٚتن اُردو، فارسی تہٕ

انگریزی زبان پرٚنک موقعہٕ نصیب، نتیجہ دراو زِ شاعری ستی آو مشرقی تہٕ مغربی تنقیدی ادبُک تہِ مطالعہٕ کرنہٕ تہٕ وارہٕ وارہٕ گینیو شاعرن منٛز یہِ احساس زِ شاعری گژھہِ ہنگامی بجایہِ دیرپا تہٕ مقامی اَستھ تہٕ آفاقی آسنۍ۔ اَتی پیٹھہٕ چھہٕ باسان زِ کاشُر نظم چھےٚ موضوعی کیو ہیئتی اعتبارہٕ نوٚو سفر پرٛاوُن ہیوان۔ مثالہِ پأٹھۍ وَنو زِ رحمٰن راہی سنٛزٕ پےٚ چھہٕ ظلماتہٕ 'وُزان' تہٕ 'تخلیق' ہشہٕ نظمہٕ چھےٚ انسأنی صوٗرتحال پیش کرنس ستی ستی ہیئتی اختصارس تہٕ موزونیتس کأم ہیوان تہٕ یہے اوس کأشرس منٛز موٚختصر نظم بالغ سیدنک آغاز۔ اَتھی توٗس سفرس دوران ہُناہ بروٚنہہ نیکھ آو فکری طور شہ روٗحجان بارسس لیُس 'جدیدیت' ناوہٕ ولیوٚد چھُہ۔

یہِ روٗحجان پھانپھلنس آسی کینہہ اہم وجوہاتھ یمن منٛز زٕ ویدی تہٕ ٹاکارٕ چھہِ۔ اکھ سُہ احساس ییمہِ کنۍ ترقی پسند نظریہس تحت لیکھنہٕ آمتہٕ ادبچہٕ فکری کیو تنقیدی کوتاہیہِ دیدمان سپنٛز۔ بیاکھ یہِ زِ عالمی سوٚتھرس پیٹھہٕ سپدی تِم بےشمار واقعاتھ تہٕ ایجاداتھ تہٕ کینہہ نوۍ فکری سونٛچ آیہِ بروٚنہہ کُن یمو کنۍ مختلف براعظمن ہُند یرٛن دوٗرہٕ اند واتان واتان تِم اکھ اَکس نیٛوٗت نکھہٕ آے زِ مشرقی دُنیا ہیوٚتُن مغربی دُنیہس اَنزی منٛز گژھُن تہٕ مغربی افکار تہٕ اظہار ہیٚتن مشرقی ملکن منٛز پھانپھلنۍ۔ نتیجہ دراو زِ سونچُک کیو احساسُک بُنیادی تہٕ مرکزی موضوع بنیو آدمی وجود۔ اَکھ روٗحجانس

تحت لۄگ انسأنی وجوٗدکین ازلی تہٕ بُنیأدی مَسلن تہٕ کاینات چہ اصلیژ ستۍ تعلق تھاون والین سوالن دٕل ہم حساس دلن ہند خاطرٕ سِرسأوی، حأران کروٚنی تہٕ کربناکھ ثأبت سپدی۔ اَمہ احسأسی تہٕ فکری تبدلیٖ ہندی آثار چھہِ کأشر شأعری منز۔ شیٚمہِ دٔہلہ کین آخری وٕریَن دوران نموٗدار سپدان تہٕ وارٕ وارٕ سپدیہٕ ردہ جان احسأسی لحاظٕ کُشادٕ تہٕ تخلیقی اعتبارٕ وُسوار۔ اَتھی تبدلیہ تحت لیچھ دینا ناتھ نأدمس ہوی شعٕ ترقی پسند شأعرن تہٕ 'نابد ٹیٹھ وٕن'، 'کأٹھ درواز پیٹھ گرٕتام' تہٕ 'حأری ناتھ' ہشہٕ نظمہٕ۔

نیلس پردس وُڈھ تھتھرایا
گُل ٹیٹرا ما سرانس دزامژ
گُلدانس منز دوٚن ٹوٗرن پیٹھ
دوٚن سرکھن ہند آکارا ہیو
أندی ٹکھ سُدراہ شیشہِ ناگس
یمپوش تھٕنہ پیوٚمُت برٕما    نابد ٹیٹھ وٕن

ڈٕھتی دگہ تَل ژٕ بُرژی لیٚجا اکھ
بُتھ چھلی چھلی کھژ ڈلہ دوٚلی باے

## ڈ‍ُمرن واٲنٛسَن ہٕندی مَنٛزٕ کھٕتۍ مِتۍ

## پاپ تہٕ پُنٛز تَس چھلنَے آے — حاری ناتھ

اَمہٕ تازٕ فکری تہٕ تخلیقی رۄجانُک سارِوٕے کھۄتہٕ اہم، سرکردٕ تہٕ ممتاز نظم نِگار چھُ رحمٰن راہی۔ یِنز چھُ یِی زٕ اُہندی دُسی سُیدکاٲشرِس منٛز موٗخصر نظمہٕ ہُنٛد اکھ توجہ طلب فنی معیار دُسی یاب۔ سُہ چھُ گوڈنٮ۪ہ لَرٕ کاشُر موٗخصر نظمہٕ معنہٕ کِنۍ صوٗرژ اعتبارٕ یَرزٕنہٕ پأنٛھٕ تخلیقی قوت بخشان۔ موضوٗعُک ڈرامٲیی ووہِنٛداو، لفظٕ ژارٕ ہنٛز موٗزوٗنیت تہٕ باوژٕ ہُنٛد اختصار چھُ اُہنٛز نظمہٕ ہنٛز بِھیرٕہاو خصوٗصیت۔ سُہ چھُنہٕ بروٗنٹھے مُقررٕ تہٕ مشخص کرِتھ مِتِس کُنہٕ موضوٗعس نظماونٕچ کوشش کران بلکہ چھُ سُہ لفظنٕ ہٕندی دُسی مِنٛز احساس تہٕ خیال بَدٕ کَڈِتھ نظمہٕ ہنٛز صوٗرتھ دُریاف کران۔ یِتھنِس ارتقٲیی سفرس دوران یِچھ راہی یِنَ کیٛہنہٕ ترٛٹھ نظمہٕ تہٕ یِمن بظاہر روٗمٲنی مزازٕ باسان چھُ مثلن 'بہٕ چھُس راوان'، 'ترٛٲے کورِ' تہٕ 'دَہہٕ وُہری' ہِشہٕ نظمہٕ۔ تاہم چھُ یِرٛھن نظمن منٛز تہٕ چھیکرِس انسان بحیثیتِ انسان سُنٛد بشری صوٗرتحال پھبان۔ یِے چھُ ظُلماتہٕ 'وُزان' نظم چھےٚ اکھ نادر نفسیاتی مطالعہٕ یۄسہٕ اکہٕ زِنٛدٕ وجوٗدٕکی پأنٛھٕ بولان، بھانٛنھلان تہٕ بالیہٕ سیدان چھےٚ۔ "صداتہٕ قعرِ دریا سلسبیل" ہِشہٕ نظمہٕ چھےٚ مادی کاینٲتس منٛز یِرٛھ تہٕ قدرو نِشہٕ محروٗم سَیدن واٲلِس انسان سُنٛد کرب آمیز صوٗرتحال۔ 'نیوٗل غزل' عنوانٕ

نظمہِ منز چھُ بظاہر حسن تہٕ عشق موضوع ورتاونہٕ آمُت، اما پوز 'نیل کانٹھ'، 'گوتم بُدھ' تہٕ نظمہِ ہندی عاشق معشوق ساری کردار چھِ بُنیادی انسانی صورتحالکۍ ترجمان بنان بنان وجودِ چ میٹھ ڈگ للوان ۔ راہی ین نش وائیتھ چھِنے نادم ہنز نیم آزاد نظم پرن تہٕ پانٹھی آزاد صورتھ پرا اوِتھ تخلیقی جہار پراوان۔

کالہٕ بیچھووے منے نش شوق کتھَن کن دارتھ
داد ستی ہانگنہٕ کُس حال سپد باد یومس
تمی نگر پوز اُڈے کتھ تہٕ نیندر میٹھے یس
بودلا ہیوٚ بہ ووٚتھُس بجلی یاور ترٛووُم
بالہ ہیڈ راہ ہیوٚ وُچھم دُرتہِ روٚس اندکن لوٚ اُمُت
نیندرِ منز مس تہٕ وُٹھن مُشکہ برہتی لوٗری پھولان
منز ڈکس عرقہٕ پھیوٚراتارہ طلوٗع سپدمُت
ظاہرا اوس وُچھان خابی سوباتے اُڈ کتھ
ظاہرا اوس موخرتہٕ پھوٚلا ہانگنہٕ مرُمُت زا

پے چھِ ظلماتہٕ وُزان

گندان گندان گیٛ گبارۍ وولنس
منے ماجر آس یتھ وَجھس تل

سَتھ بُنتھ بُلبُلے مئے کوٗرِم
خوشالہٕ ہرناہ گٔنِس وَنِس منز
وُچھان تاپس گِنداں ژھایَن
نظر پھٔرِس ناگوآنی پرِژھنَس
ژٕکُس یہٕ حاٗران اُچھو وُچھان کیا

قعرِ دریا سلسبیل

ژٕنے اُتھی کل کڈوِ نِس فنھن تُجھتھ رٕہِہ
کھٔرِ نکی ڈالانی کِنہ جھیلِہ متی پلوَ ہیتھ
ووزُل چھِہٕ ہُند بھٔرن ئِہٕ تاپہ ووشلو
اگافِل پاٹھٕ نوٚو دیت آبجن میٚے
اُچھن جانمن اندر میانیو اُچھو یوٚر
غزل یُتھ معنہِ کرنس وانس کَم چھِہَ
سمیوے سِینس اندرانہور ووگنیار

بہٕ چھُس راوان

ٹیکنیکی اعتبارٕ پُٹھ معیار راہی ہندِ ڈسی موخصر نظمہِ حاصل سپُد تتھ
نکھہ واتنیح یِمَو شاعرَو قابلِ قدر کوشش کٔرٕمٕن منز چھِہ امین کامل، غلام نبی
فراق، غلام نبی خیال، مظفر عازم تہٕ حامدی کاشمیری ہوی شاعر توجہ طلب امین کامل

پننز نظمہ ہنز اکھ امتیازی خصوٗصیت چھےٚ تِہندِ سونچک فلسفیانہٕ روہ رکانہٕ یتھ اسرارِی بلہٕ مِش چھےٚ۔ 'زیرو برج'، 'پرینٛی شاہراہ' تہٕ "نیلہٕ ناگ'، ہِشہٕ نظمہ چھےٚ فکری اعتبارٕ وُسوار تہٕ باوٕژِ لحاظہٕ موزوٗن تہٕ مناسب۔ فکرِ سٕندِ یہ فلسفیانہٕ اِظہار چھُ اِہنزٕن امہٕ قبیلہٕ چین نظمن کاشر نظمہِ منز امتیاز بخشان۔ کامل سٕندِ طرزِ بیان چھُ وِزِ وِزِ استعارٲتی تہٕ علامتی اظہار پراوان۔ اُہندِ غزلکی پاٹھی چھےٚ اِہنزٕن نظمن منز تہٕ کُنہِ کُنہِ پرژھن تہٕ قدرٕن ہندِ پھُٹہٕ چہ تلخی محسوس سپدان تہٕ اکھ دوران چھِ باضے طرزِ کٕ نشتر تہٕ لگان۔ موضوٗعی اعتبارٕ چھُ کامل باضے سیاسی تہٕ نفسیاتی معاملن تہٕ زیو دِوان تہٕ سہ چھُ نظمن منز پابند، بے قافیہ، نیم آزاد تہٕ آزاد پریتھ قسمچ ہیئت ورتاوان۔

یہ چھُ زیرو برج
ییمہِ شہرٕ تہٕ ییمہِ ہنگامہ بدٕفون
سُنسان وِڈر بیٹھ بیٹھ آسن دکھ
تنِ تنہا نتھ نوٗن بیر آگیا
اِستادِ سوٚ بھس بیٹھ ہم قد بھرس
صفہٕ گنڈِتھ عیز نماز پران
لِاِیلٰفِ قُرَیشٍ اِلٰفِھِم
زیرو چھُ عجایب لوٗ قطِ، مَہ پرژھ

اَتہٕ گرند راوان، اَتہٕ گرند ووپدان

زیرو برج

زیٹھ زَن شۄہ اونس اندر دِگرس
آسمان فد سفید پھر پتھ ژھاے
سَرۄ زَن شامہٕ پتہٕ یہِتھ تنہا
یادنس پیرمرد کاہہ دِ یہٕ ناد
کاروانن یہٕ وَتھ اَژھین تہٕ بےخاب
نیٚندرِ ہوٚت پیالہٕ دِتھ چھےٚ بوٚمبراوان

پرینٛز شاہراہ

راہی لَیَس تہٕ کأملس لَر لوٚر رۄد پروفیسر غلام نبی فراق تہٕ کأتیاہ نظم لیکھان تہٕ موضوٗع تہٕ ہیٚتہٕ اعتبارٕ اَتھ رنگا برنگی بخشان۔ اُہنزن نظمن منز چھ بےیڑھی تہٕ قدر شکنی ہُنٛد بار بار احساس گنان۔ تاہم چھُ احساس سہٕ احساس ییٚمہٕ کِنہِ تہٕ خوشگوار بان زِ زندگی یڑھ چھےٚ تہٕ تژھ اکھ تجربہٕ تہٕ احساس چھُ بہرحال قأبلِ قدر تہٕ غنیمتھ۔ فراق چھُ شعوٗری طورٕ نظمہِ منز نوٚو تہٕ غار معروٗف موضوٗع ورتاونٕچ سنجیدٕ کوشش کران۔" ژُھ" عنوانہٕ نظم چھےٚ تمہٕ حأرانی تہٕ دَگہٕ ہنز باوتھ یوسہٕ علمِ فلکیات ذٔریعہ یِیَس سپدی ہتی معلوماتھ زانٛتھ تہٕ زیٹھ محسوٗس سپدان چھےٚ تہٕ یِتھ روبرٕ

بُتراتھ تہٕ بُترٲژ پیٹھ روزن وول خودِ انسان سٹھہٕ کم حقیقتھ تہٕ کم مول باسان چھُ۔ 'دٔری یاد تہٕ یارٕبل' عنوانہٕ نظمہٕ چھےٚ عصری آگہی ہندِ احساس وقتُک لاوِتھ انسانٕی زندگی ہنز تلخی ژٕھتس پاوان۔ فراق چھُ رومانی مزالہٕ لولہٕ نظمہٕ تہٕ لیکھان مگر تمن منز تہِ چھنہٕ جدید حساگہی وقتلان، مثلاً 'کتھ' عنوانہٕ نظم۔ فراقن لیکھی سانٹ تہِ تہٕ مثنوی چالہِ نظمہٕ تہِ۔ فرآق چھُ اکھ پُرگو شاعر تہٕ قابلِ توجہ نظم نگار یمی شعوٗری طور کاشُر نظمہٕ ہیتی تہٕ موضوٗعی وُسعت بخش۔

ژےٚ موج آس یمِن زُو وندان تہٕ اَز ژٕے وَن
مےٚ اوس میوٗٹھ موٗ دُر دلبراکٕہ ڈیشُن
نہ ژےٚ نہ مےٚ چھُ ابد تاں یتی رُہن ڈوکھ دِتھ
چھُ چون شور بےمعنہٕ مہ کر نٔنر اکرِس
ژٕ بوز وارٕ کتوٗ زندگی چھُ سوز یمُن

دٔری یاد تہٕ یارٕبل

نکرِ موٗس ہیوٗ اوس درامُت یٔیلہِ مےٚ وانس واَج وُچھ
یم تہِ اَسہِ بٔلی غم یمےٚ زن نارٕ تالس شین گٔلی
یتھ ژٕکوری بالہِ بیٹھ    اَسہِ ناو تھوٗ مُت زمین
لوٗکھ یم ہنگامہٕ وُزناواں یمن بیٹھ اَسن آم
وُچھ

سونچہِ بیہہ پانَس ژٔرے          برٛونہہ تہٕ یہ گانگُل کرٕ مژٕ
اَنہِ چھا ژٔرِ رٕتھوان ڈیشہِ وٕنِس ہُتدٕ اہار
تس کھٔسن افتابہٕ ییٚلہِ وُنی کیٛن منٛے ییٚمہِ حالہٕ وُچھُم
میانہِ باپتھ چھُ وفاساز تَسُند اکھ اکھ زُم

کٔتھ

حامدی کاشمیری چھِ تمِن اہم جدید نظم نگارن منز۔ شامِل یِمَن نِشہِ جدید حسا گہی ہُندٕ پے لگان چھُ تہٕ یِس نظمہِ ہنز۔ ٹیکنیک یدس آمُت چھےٚ۔ اَہنز۔ نظمہِ چھےٚ لیسلہِ پأٹھی قدرن ہنز۔ مسماری تہٕ تنہائی ہُند کرب باوان۔ یُس جدید کأشُر نظمہِ سگوان چھُ۔ حامدی چھُ موضوٗع تمہِ طریقہٕ تعمیر کران زِ نظم چھےٚ کانہہ واضح خیال بَنہٕ بجایہِ احساسی صورتِ حال وۄتلاوان۔ اَہنزِ نظمہِ ہنز۔ نمایاں خصوٗصیت چھےٚ کانہہ خیال یا تجربہٕ زھوٗرے وِرٕتھناونہٕ بجایہِ سُہ خیال یا تجربہٕ صوٗرتحال بناوِتھ پیش کرُن۔ تس چھُ پنُن مخصوٗص لِسأنی ورتاو یُس تَسُند منفرد لہجہِ تہٕ آہنگ مقرر کران چھُ۔

یتہٕ اوس راتس زٕھیدٕ روٗس رٕوٗد پیوان
اُڈی جل کرٕ مژٕ گوو
رَسہ رَسہ سینَس تَل
اَچھ روزٕ دُہان

پَتہٕ پٮ۪ٹھ پٮ۪ٹھ سونتس پوشہِ پھٔرِی گے
لوکھ گے رُوٗزِتھ سٔڑکن پیٹھ

## اکھ نظم

ہتو واوِ دِلک نار کیازِ ژھیوٚ راوان چھکھ
یٔپارِ کر ییہِ لوٚسُم مے گاش وَتہٕ وِچھ وِچھ
یٮ۪ہندِ نورٕ ڈٔیچ بس اکا ے زٕژ ڈیشتھ
گلن قُلا ے وُسِتھ پٮ۪ٹھ سیاہ زولانے

## زان

غُلام نبی خیال چھُ نظمن منز رنگا رنگ موضوٗع ورتاوان ۔ اُہنزِ نظمہِ منز چھُ بُنیادی انسانی صوٗرتِ حالُک اکھ یا بیا کھ تصور تہٕ وَتلان تہٕ سیاسی، سماجی کیو نفسیاتی مسلہٕ تِہ برونہہ کُن یِوان ۔ ٹیکنیکی اعتبارٕ چھُنہٕ خیال تہٕ نظمہِ منز غارضروری زیچھر آسان تہٕ سُہ چھُ لفظ ورتاوس منز اکثر پٲٹھی احتیاط ورتاوان ۔ خیالن چھِ کاشر اردو تہٕ فارسی علاوٕ کینژن مغربی زبانن ہندی کینہہ ادبی شاہکار تہٕ پٔرِتہٕ پٲٹھی پٔری متی تہٕ اُہنزن نظمن منز چھُ کُنہ کُنہ تِمہٕ مطالعک تہٕ رُت اثر نظر گژھان ۔ 'ریشماں'، 'خابن ہندی سراب' تہٕ 'تخلیق' ہشہِ نظمہٕ چھے اُہنزن فنی صلاحیژن ہُندی پے دِوان ۔

ہے اگا میٚنو ہند لوٗ قوٗجی یو

یُتھنہٕ سوٗنچو آسہِ کیا انجام تَس

یُتھنہٕ کانٛہہ سندرایہٕ ہتہٕ کرِنیکہِ بانبرو

تِہٕی چھِہو کڑٕی مِتی جنٛگس تِہٕی جنٛگ کرو

پیٖن کھاٗرِ و کرِتھ نیرِن گرٕ ہو کھٕہرن دِوان

اَدٕ گر مأدانِ جنٛگس منز ییٚن تھاوِو زٕ تَس

اکھ ہیلن یِیہِ بازساسن آسہِ دراہ کل توٗتام

ریشماں

مظفر عازم چھُ فکری لحاظہٕ یَمہِ کتھہِ ہُند قایِل باسان زِ انسانٔی زندگی ہُند سارِوے کھوتہٕ موٗلُل سرمایہ چھُ لول۔ تَس نِشہِ چھُ انسان ہندِ بِن مختلف نفسیاتی کیٚو فکری معاملن ہُند چھیکرِ سی اَند یوہے لول۔ موسیقی تہٕ ترنمُ دار لہجہ چھُ اَہند ن نظمن ہنز خصوٗصیتھ۔ ہیٚنی اعتبارٕ رُوٗد عازم نوٕی نوٕی تجربہٕ کران تہٕ ٹیکنیکی اعتبارٕ روز اَہند 'سفید نظمہِ' ناوی شاعریہٕ نثری شاعری وَنُن مُناسب۔

اکھ شوخ طماہ اوس کمس تام سُہ تنبلیو

تنبلیو تہٕ دلواہ دیان داو بنتھ دڑاو

اَتھ وارِ اندر میوٗل اَکس پوشہٕ کُلس ستہٕ

دد رایہ دیان شبنمکی کیہنہ قطرٕ اَتھن پیٚنے

زَن کانٛسہِ زُوٗل مالہِ کوٗرٕ اکی شوخ گندن بآج

مستانہٕ مخولا تہٕ تمس ٹاری سپدی ترٕ
ژکھ سان دِتن شاپھ ہواوس تہٕ ووٚنن تس
گرٕژھ چون یہِ دامانہٕ گرٕژھن گیر کنڈٕ بن منز

لغزش

رشید نازکی چھ ژکہِ مشرقی جمالیاتک شاعر تہٕ اسلامی اقدارن ہُند قایل یُہِ زن سُہ جدید فکری رحجانو نِشہِ تہٕ لاتعلق چھُنہٕ ۔ جدید دورس منز یُس موضوعی اعتبارٕ تہٕ زبانی ہِندِ ورتاوٕ رنگی نوٚو رحجان عام گوو تتھ دیُت نازکی صابن تہٕ سگ ۔ عربی تہٕ فارسی ادبیاتس پیٹھ نظر آسنہٕ کِنی چھ تُسند لفظتُ سیٹھے رٕتی پاٹھی بچاپھلان تہٕ تہنزن نظمن منز چھ رومانی طرزِ فکرٕ باوجود عصری زندگی ہُند کرب وچھ پدان ۔ 'زونی ہے زونی'، 'یہ شہرٕ سونی'، 'ژھالے' تہٕ 'صدا'، ہشہٕ نظمہٕ چھے اُہنزن قایل توجہ نظمن منز شمار سپدان۔

پھر یکہٕ وُن ژلہٕ وُن چھتہٕ پونپورا
ژقصہٕ روٚوا گِندنا دِتھ وُچھتون
پھر یکہٕ وُنی کوتر جوٗریا ڈیشتھ
تلہٕ ساکانتر ھاگلی موٗرِ دونا
آدم زادو آگر پھشبن پتہٕ بروٗنہہ وُچھ وُچھ
چیشمن گوو دانا کھ سمندر

یتھ کشکولس ترٲوِ کینٛژھا

صدا

کٔتھ رازس زِبوٚ دِنہٕ آیکھ اَز

یا تالہٕ کھٕستھ پانژالہٕ وُسِتھ

یَتھ طوٗرس تیلہٕ ژھیوٚن زلرِن زال

کوترٕ ژٕج بے ناو وَنٕ

ژھاے

مرغوب باناہالی چھُ نظمہِ منز نٔوی نٔوی ہیتی تجربہ کرنک قایِل ۔ تہُنزن کینژن نظمن ہکوٚ یَتھ معنیَس منز ٹھوس CONCRETE شاعری وَنِتھ زِ چھاپی صفس بیٚٹھ چھنہٕ نظم سوے صوٗرتھ پرٛاوان یٔمیک موضوٗع تقاضہٕ کران آسہِ ۔ یِژھن نظمن چھُ مرغوب تصویری نظمہٕ ناو کران ۔ مرغوبؔ چھُ فکری طور رِوٲیتی قدرن ہُند پاسدار یُمہِ کنہِ زن نظمن ہُند بیان سیدِ سیوٚد تہٕ واضح آسان چھُ ۔ چنانچہِ تس چھنہٕ فارسی شاعری ہندِ ن کلاسکی اہارن بیٚٹھ نظرٕ تہٕ اَمہِ اعتبارٕ چھُ سُہ کاشرِ زبٲنی منز تہٕ باوژِ ہُند استحکام تہٕ اوبر گوبر ژھاونٕچ سجید کوشِش کران ۔

تس وۄمید وارس یہِ گوڈٕ انوٲری دِنہٕ

یَس ذاتی مفادن ہندی خط

قومی لفافن منز سوزٕنی آسن تگان

یس مِلہٕ ژارچن کھٕتن ستۍ

اَڈگنیارٕ کی تہٕ دوٚگنیارٕ کۍ مشکوک حوالہٕ واٹنہٕ آسن تگان

یس معصوم رٕچ کٔتھ ٹلتھ

دستخط رٕوس ژٕدِ یہٕ ہنز وٕتھ آسہِ ہموار کرٕنی تگان

## اشتہار

زیٹھم زیٹھ یہِ سوٕ ہٕ ستر ہا نکل

پأدٕ ژٕ کرٕ احساس زٕ کتھہٕ گٔژ

پٔنہٕ نبو شوٗژٕ اُتھو ہتہِ گنڈرے

تو تہٕ ژھکھا وٕدہ بھرا ے گران

## احساس

ارجن دیو مجبور چھُ پرٕگو تہٕ کوہنہٕ مشق شاعر۔ تٔہنزن اکثر نظمن منز چھےٚ انسان دوستی تہٕ کشیر ستۍ تٔہنز جذباتی وابستگی محسوٗس سپدان۔ ییٚتی مٔن دٔہن وٕرین ہندی مخصوٗص حالاتھ پٔتہِ نظمہِ ہُند زُو تہٕ زیتہٕ بناونس منز چھُ مجبور تمِن تمام شاعرن منز شأمل یم وٕدٕنی کٲشرٕ تہٕ بر لسان لبسان چھِہ۔ 'جانا وارا آسہا'، 'تیوٗل' تہٕ 'ژلیوٕہ' ہشن نظمن منز چھُ سیدِ سیوٗد یادرگہٕ پأٹھی یوٕہے احساس وٕدٕ پدان۔

جانہ وار گرٹھ ژٕرے لگِتھ آے
سنگیتس ہٹِس
بولہٕ چانے جاودانی اسمِتے
جانہ وارو تیز کر بولیا پنٕنۍ
چھُس گوٚمُت از گیر ژٕرے تہٕ کوتاہ وٕنے

جانہ وارا آسہا

فاروق نازکی سُند امتیاز چھُ یہٕ زِ سُہ چھُ عام دوہ دِہن چہٕ زندگی سِتۍ وابستہ احساسی معاملن شاعری بناوان۔ لوکُک معاملہ آسِتن یا سماجی مسلہ یا ہنگامی حالاتو ڈٕسی دوٚہ تلیوموٚت کانہہ انسانی مسلہ، سُہ چھُ تتھۍ اکس حساس انسان سندی پاٹھۍ ژینان تہٕ ژینتھ اکس ہوزمند شاعر سندی پاٹھۍ باوتھ دِوان۔ یوہے چھُ وجہ زِ ایہنزن نظمن منز چھُ باضے بظاہر غارشاعرانہ موضوع شاعرانہ قالب پرٛاوان۔

مےٚ وٕنہٕ کراُس لانکہٕ پیٹھ زانہہ دید رہ مےٚ پیاران
مےٚ وُچھہٕ وچھ زانہہ پکان لبہٕ ژلۍ
مےٚ وُچھہٕ بُمہٕ پوش میانہٕ باپتھ پھولان ڈٕس زانہہ
اگر بہٕ موڈٕس
مےٚ اندمازس اندر نیم کُس

مےٚ نکھ دیم کُس        ڈایلاگ

چمن لال یۆڈ دوٚے عصری زندگی ہُند کرب تہٕ انتشار تہٕ پننین نظمن ہُند موضوٗع بناوان چھُ، اما پوٚز تٔہنزِ نظمہٕ ہُند غالب موضوٗع چھُ سیاسی اظہارٕ تٔہنز باوتھ چھےٚ سیدٕ سیوٚد تہٕ سہل۔ خطأبی انداز چھُ أہنزن نظمن فوری توٚژُر بخشان۔ یہ اظہار چھُ أہنزن تمن نظمن منز تہٕ ٹاکارٕ یم جدید دورِک انسان سندِ صوٗرتِ حالچ ترجمأنی کران چھےٚ۔

مےٚ بروٚنہہ کنہِ کٔرزِ نہٕ
مےٚ چھےٚ ترِیش لجُمٕژ
یہِ چھُ تمہٕ ساعتُک ژٕ نہہ ییلہِ مےٚ نارٕہلم برٕتھ چھُ
میانین نارن منز چھُ لاوٕ ہنان
تہٕ مےٚ چھُ ترِیشہِ ہُند طلب زیوِ لاکم

(ازلہٕ بوٚچھ)

موتی لال ساقی چھُ جدید دورس منز تہٕ فکری طورسعٕ اسرأری ربوأیتھ زٕنھراوان ییمکِ ترجمان لل دیدِ بیٚہ پرمانندٕ ہوی شأعر چھِ۔ ساقی چھُ نظمن منز شعوٗری طور گأمی لہجہِ تہٕ زبان ورتناونچ سنجیدٕ کوٗشش کران یُس أہنزِ نظمہِ اکھ منفرد انداز بخشان چھُ۔ لکہٕ لےٚ چھےٚ أہنزن نظمن ہُند بیاکھ حُسن۔

یمُو ہیوٚک دٕراے تمِ مندور ترأوِتھ
سیٹھاہ گیہِ بالہٕ بُرٕزی چھیٚپہِ لگی زمانس
اُڈٕبو سیکہِ شاٹھ ژُٹی، اُڈی سٕاہ پٔچھ گے
بے گر سَپدِتھ زُوس بس رآچھ تھاوِتھ
وٕنُے رؤدُکھ نہٕ أسی کم آسی کوٚت وأتی

مندور

غلام رسول سنتوش ہرگاہ ہیٔتی اعتبارٕ پیٚنُ کانہہ نوٚو انداز پادٕ ہیوٚکہٕ کرِتھ اما پوٚز موضوٗعی اعتبارٕ چھُ سُہ باقے نظم نگارن نِشہٕ ہنا مختلف۔ تٔمسُند فکری عنصر چھُ مزاز کِنۍ اسرآری یتھ یُس کٔشیرِ ہندِ عظمتکُ سوٚن احساس وۄتلان چھُ۔ تٔمسُند باوٕژ طرز چھُ مصورانہٕ ییمہِ کِنۍ تٔمہٕنزن نظمن منز مُرژگری ہندی خوٗلہٕ خط وۄپدان چھِ۔ تٔمسُند سنسکرت آمیز۔ لفظٕ راش چھُ کأشرِس لفظٕ راشس بٔرژر کران۔

واے کأتیاہ پوشہٕ پدی
اُدٕ چھا خبر کتہٕ کور گے
واے کم کم کاروان
زن وٕٹھی ارمان گے
واے کم کم چیشمہٕ شیٖتل شیشہٕ ناگ
ہوٚکھی تہٕ ہوٚکھتھ گے غآب کوٚت

یتھ سرٕ کہٕ پیٹھ

محیؔ الدین گوہر چھُ پننِ ژۄر توجہ نظم لیکھنس کُن مرکوز کران۔ تَس چھُ لوکٹین لوکٹین دوہ دِہن کین سماجی تہٕ سیأسی مسلن ستۍ ستۍ مذہبی تہٕ عقیدتی معاملن تہٕ نظمہٕ ہُند مزاز بجنسٕ بٔتر تہٕ لوہے شاعرانہ بٔتر چھُ تٔمسند یس طرزِ اظہارس منز تازگی تہٕ انفرادیت بخشان۔

رکھ پیٚری کاتیاہ میأنس بدنس
انگ انگ بوٗرہم رکھ دِوے ستنِ
زن ہِرِ کاکد ورقا اُدس
یس یِ خوش گو وتُمی تی لیوٗکھنم

رکھ

پروفیسر غلام محمد شاد چھُ زٕ کہِ کلاسیکی طرزِ اظہارٕک شاعر ییمہٕ کنہِ سہ باوژنُہند سبزر، سادگی تہٕ اوبر گو بر زٕرھران چھُ۔ سہ چھُ پرانین قدرن ہُند پاسدار تہٕ قدرن ہِندِس اُتھی لیوٗت منظرس منز۔ چھُ موجوٗدہ زندگی ہِندِن مختلف معاملن پیٹھ تہٕ سران سونچان۔ تہنز نظمہٕ منز چھُ رومأنی مزاز لول تہٕ تہٕ حقیقت پسندانہ سیأسی سماجی تہٕ اخلاقی وہلوہار تہٕ۔ 'ڈاک' عنوانہ نظم چھےٚ تٔہندِ تخلیقی سفرٕک ابتدأیی قدم آسِتھ تہٕ قابلِ توجہ تخلیق۔

کأتی ہوٗ اتھواس زٕ یٚے ستین کرتھ الماس کھیوٗو
تاج زٕ یٚے تاراج کور تھن مصر کے

سَر ژٕ ٹِھ پیغمبرس ژٕ ے راتھ وۄتلاوِتھ پٔنٕنۍ

پیالہٕ موتُن چوو ژھِن سقراط ژٕ ے

چاکھ پوٚت نالس دِتھ ژٕ ے یوٗسفس

ٹوٗنگ فرہادس ژٕ ے لوٚتھ خسرَوس ستۍ اُٹ کٔرتھ

چانہٕ کٔتھِ میچھر زہر وَرتاوچھن

ڈاکی

قاضی غلام محمدؔ چھُ پَنٕنہٕ موضوٗع لحاظہٕ بالکل نوٚو تہٕ نرل شاعر۔ اُہنزِ شاعری ہُند نوٚن پرزناون نشانہٕ چھُ اُہنز بیچھ کال پسندی۔ بیچھ کال پسندی چھےٚ اُہنزِ شاعریہٕ اکھ طلسماتی اوٚندلۄکھ تہٕ ہوا نوا عطا کران۔ لوکچارچہِ شُری باشہ، جوانی ہندی آچھری ہاوس تہٕ خاب، کنٹیٚر ہُند بیچھ کال تہٕ زندگی ستۍ وابستہٕ پرانی واقعاتھ چھہ اوہند تخیل وُزناوان تہٕ ہمسوسن باوَتھ دیاوان۔ قاضی چھُ باوُژ لحاظہٕ کلاسیکی طرزِ بیانُک پابند تہٕ لفظہٕ ورتاوس منز سیٹھاہ موحتاط۔ 'اکھ پرون شہر' تہٕ 'بیچھ وَن' نظمہٕ چھےٚ قاضی صابنہٕ مخصوٗص مزازچ تہٕ طرزچ ترجمانی کران۔

اکھ جود گرا اکھ ساس وُہُر

اُچھ اُمیہٕ ستہٕ زوتان کوتر رَتھ

ڈُچھ ٹوٹس کِتھ کٔنۍ کٲرُ وُٹھن

کس تام جنٔس ژُو آسہٕ کھسان

ٹٔل بڑا دیومُت اوس کورِ اَکس

اکھ پردن شہر

پروفیسر گلشن مجید چُھ غار ریوٲیتی طرزِ بیان اختیار کرن وول شاعر۔ سُہ چُھ فلسفُک اکھ رُت طالب علم روٗدمُت یمہٕ کِنۍ سُہ پننین موضوعن اکثر پاٹھۍ فلسفی یا نظرِ ڈُچھان چُھ۔ سُہ چُھ پننِس غار ریوٲیتی روحجانس تحت تِتھۍ ٹیکنیکی تجربہٕ کران یِم اَکس ریوٲیتی ذہنَس دِہَن کرِتھ تہٕ تخلیقی حسُک حِس بیدار کران چھِ۔ گلشن چُھ عصری زندگی ہُند کرب ہاوان ہاوان انسان ہندِس بُنیٲدی صورتِ حالس زیو دِوان۔ تِہندٕن نظمن ہندی کردار چھِ وَنِدی آسِتھ تہٕ غار ریوٲیتی اظہار پرٛاوان۔

گندھک وانہٕ راد نیجر یومُت

زمانہٕ کس بُجرس اندر

اکھ طویل کوچہٕ

ژھاے ہِنٛنی برٲنتی یٔتہِ واوس کران

سرد یہٕ ژھاین منز شردہ پان

راوِرتھ آسُن پنُن

بے امان و بے پناہ

شُد تولدُ

صاحبِ کشف وکراماتھ، فصلِ شب کوتاہ کمند

ظِلِ سُبحانی

قاضی برہان الدّین کرمانی

قاضی برہان الدّین پنُن سرگزشت

پروفیسر شفیع شوق چھُ پرنہٕ پاٹھۍ نوٚحساگہی ہُند ترجمان۔ تٔس چھے جدید نظمہِ منز ٹیکنیک ورتاونۍ زگان تہٕ باوژ ہندِس اختصارس پوٗرہ پاٹھۍ کام ہینٛنۍ زگان۔ اُہندِس تخیُلس منز چھُ کشیرِ ہُند گام، گامی تصوراتھ تہٕ گامی لوٚکہ لُبہٕ تہٕ اُتھی صوٗرتِ حالس چھُ پننہِ جدید فکرِ ستۍ قابلِ توجہ بناوان۔ شوق چھُ نظمہِ منز شعوٗری طور نوٚو زبان ورتاوان تہٕ نوٚین استعارن ہُند تلاش کران۔ تٔہندٮ۪ن نظمن منز وقتُک وول کردار چھُ زمانی تہٕ مکانی حدن منز روٗزِتھ ییٚمی میٚزِ ہُند انسانی دل تھاوُن وول فرد تہٕ تٔس چھُ پنُن مخصوٗص اسلوٗب۔

یُس وُسِتھ ہوٚ چھُ کول

تہٕ کنہٕ داتھر دِتُن

کچھِ شہلس گرُدوہ دِنی

پۆژ آیہ کوکرگاسہ بنہِ پٹھ
وگو رۆٹمت کُدہاکن
بنیہِ خبر کم ژور ژُنی
نمہٕ ترٲوِتھ
عمہٕ طوطس جاے تھٕ۔ رس
زانہٕ کدلہٕ کامہِ ریچھ دِتھ
بیالہِ اندرچ کتھ ونان
"مسلہٕ چھُ اندنس تیار"

یِپ وُستھ

کاشر نظمہٕ ہنز یہِ موخصر سام چھیٚ اکہِ تخلیقی سفرک حال یُس مختلف مرحلہٕ طے کٔرِتھ کلہم پأٹھۍ اطمنان بخش باسان چھُ۔ عاٚن ممکن چھُ زِ نوجوان شاعر دِن اَتھ صنفِ کُن زیادٕ توجہ تہٕ کاشر نظمہِ مُند آیندہٕ کال بنہِ بنیہِ ہٕ مَن تابناکھ۔

# ہمعصر کأشُر نظم:

# کینہہ فِکری تہٕ ہیئتی نہجہٕ

مجروح رشید

یِیمہِ مختصر پرٕچک مدعا چھُنہٕ ہم عصر کأشُر شاعری ہنٛز قدر سنٛجی کرٕنۍ بلکہ تمن فکری کیو ہیئتی نہجن سام ہیٚنٛنۍ یِمہٕ سانہِ ازکٲلی حساگی ہنٛز پأداوار چھےٚ۔ امہِ بروٚنٛہہ ژِ کیتھ تلودس یہِ کتھ ژٕ تِتھٕس پاوٕنۍ چھےٚ لأزمی زِ ادبی توأریخس منٛز ہیٚکہِ عصریت (CONTEMPORANEITY) ہتس وٕریس تام تہٕ محیط أستھ بیٚچھہِ ییٚلہِ کأشرِس ہشہٕ لوکچہِ زبأنۍ ہندِ ہم کال شعری ادبک بحث آسہِ۔

سانہِ ازکٲلی شاعری ہند اکھ مختصر مگر سیٹھاہ مستند تہٕ نمایندٕ حصہٕ چھُ ییٚژ پأٹھۍ سأنِس رِوأتی قاری ہندِ خأطرٕ باعثِ پریشأنی تکیازِ یہٕ نوٗ شعر رِوایت چھےٚ مرازٕ کنہِ فکری اعتبارٕ ہیئتی رنگارنگی لحاظٕ، پیکر تراشی تہٕ کلہم تخلیقی ویوہار کنہِ رِوأیژ لنشہٕ ژھیٚنِتھ تہٕ اکہِ نوٚشعری منظرنامُک نیب۔

مہجورن تہٕ آزادن شاعرانہٕ مرتبہٕ چھُ اُسی تھٕے تاہم چھُ یہند
کلامہٕ تہٕ یہندِ شعری محاورچ کارکردگی انقلابی تہٕ نوینہٕ آسنہٕ باوجود
(PASTORAL) ۔ دوشوے شاعر وکوٗر استعارٕ وسطِ ایشیایی تہٕ
ایرانی اثرٕ تہٕ اسطورٕ لنشہٕ آزاد تہٕ بنوٗوکھ کشیرٕ ہندِ فکری تہٕ تمدنی منظرنامُک
ترجمان تہٕ ہمراز۔ پننین نوینہٕ سونچہٕ تراین زبو دِنہٕ خاطرٕ یوٗدوے دونوٕنی
شاعرن مروجہ شعرٕ زبانی لنشہٕ انحراف ییوٗ وکرُن تہٕ کرتھ تہٕ روٗد یہند محاورٕ
خارجی منظر نامس ستی ہم آہنگ۔ موسمن ہندس تغیرس، گلبن کٹین تہٕ
سبزارس ستی وابستہٕ پیکر روٗدی یہندی بُنیادی معروٗض تہٕ ییمبرزل گرسی کوٗرٕ
نارٕ وزل، پاں ژادر، دریاو تہٕ آرول ہشہٕ نظمہٕ چھےٚ سانین نظرن تل۔
پوش پھلےٚ، پمپوش، ڈل باغ۔ ڈل، ہرُد، کلی شہل وند تہٕ فطرژ ستی
وابستہٕ دویم منظر چھِ مہجورنہٕ تہٕ آزادنہٕ شاعری ہندی گہنہٕ تہٕ کشیرٕ ستی
تہنز قولہٕ ہارٕی ہنز دلیل تہٕ۔ یم دونوے شاعر روٗدی تجربہ پسند آسنہٕ
باوجود ہیتی اعتبارٕ رلوایتز واریاہس حدس تام آویزٕ۔

مہجورس تہٕ آزادس پتہٕ کرٕی عارفن (دُسہٕ تہٕ بانہج بال تہٕ گریوٗں)
نادمن ازٕون کھرٕ ژوٗٹ ہش تہٕ واون وٚونمُ) فراقن (محبوب ستر قبر
پیٹھ)، کاملن (مس ملر) تہٕ راہی ین (نوروزٕ صبا) لیکھتھ شعر وٕنکی
نوٕی معیار قایم۔ یمن وہستادن ہنز شاعری منز سپز سماجی نظامچ

کینژھا شعوری طور تہٕ کینژھا مبالغہ سان عکاسی ۔ "مس ملر" تہٕ "نوروز صبا"
دونوے شعر سومبرنہٕ چھپے سانہِ شاعری ہنز اَمہِ مزاز تہٕ ہوا بدلی ہنز قابلِ قدر
مثالہٕ ۔ سانہِ اَمہِ شاعری ہندی پیکرن تہٕ استعارن کوٚر مہجورنہٕ تہٕ آزادنہٕ
شاعری ہندِ محاورٕ کھوتہٕ زیادٕ ہن رلوایژ نِسبتہٕ انحراف تہٕ اکھ نوٚو رلوایت
ہیژن وار وارٕ استعمال کام لیٚنی ۔ رلوایتی محبوب ہنز معنویت یِنہٕ سماجی انصافس
تہٕ رلوایتی رقیب ہنز اہمیت ژٹہٕ سماجس منز بدس استحصالی عنصرو
ییتے یوت تہٕ بلکہ ہیپرز ہیٚژ ہندِس سطحس پیٹھ رنگارنگی پأدٕ ۔ واریاہ مغربی
شعر ہیٚژ ہیپر کأشر شاعری منز متعارف ییمہٕ ستی باوژ تہٕ آہنگک
دامن کشادٕ تہٕ وسیع سپد ۔ ڈرامٕٹک مانولاگ خود کلامی، تخاطب ہشہٕ
ٹیکنیکہٕ تہٕ سانیٹ، اوڈ تہٕ باوژ ہندی دوٚیم آزاد تہٕ نیم آزاد وسیلہٕ
آیہ کامہِ لاگنہٕ ۔ یِمو صنفو، ہیژو تہٕ ٹیکنیکو کوٚر یِیتہٕ تہذیبی تہٕ تمدنی
پوٚت منظرٕ ستی کأشر شاعری ہُند ہوا نوا متأثر تہٕ پانہٕ تہٕ گیہٕ یمہِ عروضی
سطحس پیٹھ یِیتہٕ کہ مروجہ وزنہٕ نظامہٕ ستی متأثر ۔ چونکہ انگریزی زبأنی
ہند بلینک ورس تہٕ کأشرِ زبأنی ہندِ حوالہٕ چھُ شفیع شوق سُند توژر
صحیح زٕ کأشرس منز چھنہٕ بلینک ورس لیکھنہٕ آمُت بلکہ آزاد نظم یوسہٕ
انگریزی BLANK VERSE عروضہٕ نِسبتہٕ یوٚن فارسی عروضس منز
تخلیق چھپے ہیپرمژ ۔ بہرحال انگریزی زبأنی ہندی اثرن کڈی سانہٕ

جِساگِہی ہِندی خدوخال بدٕ تہٕ سون شاعر کورُن اجتماعی باوژِ ہِندی
طریقہٕ کار منساوُنہٕ خاطرٕ تہٕ اظہارچہ نٔو وَتہٕ بدٕ کڈنہٕ خاطرٕ آمادٕ۔
رِوٲیتی آہنگ تہٕ بیچھنو وکینژِ و شاعرو خوٗنِ جگر زالِتھ۔ میر غلام رسول
نازکی، فاضل کشمیری تہٕ برونہہ کنُن رٔودی رشید نازکی ہمشعل سلطانپوری
تہٕ غلام محمد شاد رِوٲیتی آہنگچ مثالی روش تھاوِتھ۔ یِموٚ تھوٚو یِنہٕ
حیثیژِ کِنہٕ یِنہٕ تابناک مشرقی شعری رِوایژِ سٍتی رشتہٕ قایم تہٕ اقبالی
شعری پیکرس تہٕ استعارس سٍتی رٔودُکھ سوٚن واٹھ۔ بہر حال ییمہٕ صدی
ہندِ پوٚنژِمہِ دہلہٕ پتہٕ ہیوٚتُن سانہٕ شاعری ہُند خمیر وارے بدلُن۔ یہ
تبدیلی رونما سپدنس منز پٔیس رول فراق، کامل، نادم، راہی، خیال تہٕ
عازم ہوٚوو دوٚیمو شاعرو ادا کوٚرمُت چُھ تواریخی اعتبارٕ قابلِ قدر۔
یِمو شاعرو کوٚڈ مواد تہٕ ہیژ ہندِ سطحن پیٹھ شعرہ لیکھنک سہ طریقہ کار
بدلیٚس بدس زندگی ہندن تازٕ وارٕ دمسلن وَیہ وُن اوس تہٕ نۆوس
قاری سٕنزن جمالیاتی ضروٗرژن تہٕ اوس پوٗر کران۔ جدید انسان سٕندی
وجودی مسلہٕ، تمی سٕندی نفسیاتی کھٔری، پتھ کالس سٍتی تمی سٕنز بے زاری عقیدٕ
شکنی تہٕ دورِ جدیدکی دوٚیم چیلنج یِنیہ سائنس شاعر سٕندِ خاطرٕ سارِوے
کھوتہٕ اہم۔ یِمہ کِنہٕ موضوعی رنگارنگی بارسس آیہ تہٕ سانہٕ شاعری
ہُند باڈو سپُد کُشادٕ۔ اَتھ زمانس منز آو تیُتھ شعرہ لہجہٕ بارسس

یتھ منز قنوطی تہٕ رجایی دوٚنوے جذبہ کارفرما چھِ تہٕ اَتھ لہجس پیٹھ چھُ انگریزی روٗمانی شاعرن ہند ین شعر لہجن تہٕ تخلیقی طریقہٕ کارن ہند اثر ٹاکارٕ۔ راہی سندِ "قعرِ دریا سلسبیل" "اکھ خواب" تہٕ "بےچھُ ظلماتہٕ وزان" تہٕ کامل سنز "پرٕنی شاہراہ" ہشہٕ نظمہٕ چھےٚ اَتھ سلسلس منز قابلِ ذکر ییمن منز شعری کردار نوٗحیاتی "REBIRTH" لبان چھُ۔ مذکورٕ نظمن منز ییتہٕ رجایی عنصر چھیکرس حاوی جذبُک صورت پراوِتھ چھُ تتہٕ چھُنہٕ شعری کردارس راہی سنزِ "صدا" نظمہٕ منز نوٚو زنم میلتھ ہیکان بوزوے تہٕ تمس چھُ اَتھ یلے روزان۔

جدید شہر بنیوو جدید کاشرِ شاعری ہنٛد بیاکھ اکھ مقبوٗل تھیم تہٕ استعارٕ۔ یہ پیکر چھُ تنھٕ مادٕ پرست تہٕ مادٕ پرور قدرن ہندِس نظامس خلاف اکھ خاموش احتجاج ییمہ شہری انسانہٕ سنزِ روحانی شخصیت کنگال چھےٚ بناومژٕ۔ ساٗنی ہمکال شاعرن کوٚر دُنیاہچن اہم زبانن ہندِ جدید شعری ادبُک تہٕ مطالعہ ییمہ کِنہِ سانہٕ نوٚ شاعری اکھ نوٚو تہٕ نرل رنگ روٗٹ۔ یوٗنکہ شہرُک شبیہہ چھُ ایلیٹس پیٹھ فروغ فرخزاد تہٕ ناصر کاظمی یس پیٹھ منیر نیازی یس تام اکھ اہم استعارٕ ادکِنہٕ آدیہ کینہہ شاہ نےشوٗنکی پاٹھی تہٕ کینہہ شاہ تخلیقی مجبوٗری کِنہٕ باوژ ہنٛد اکھ کارگر وسیلہٕ بناوِنہٕ۔ قاضی غلام محمد سنز "اکھ پروٗن شہٕرٕ" نظم تہٕ چھےٚ اَتھ سلسلس منز اکھ اہم نظم یتھ

منز شاعر زندگی ہنز تازٕ وارد حقیقژن ہند مقابلہ کرنہٕ بجایہ اکہ پرانہٕ رومٲنی
شہرچ تصویر کشی کرٕتھ مولہٕ کنہِ دفاعی پوزیشن رٹان چھ۔ پزر چھ یہ زِ سانی
نمایندٕ تہٕ ہمکال شاعری چھنہٕ پننہِ مزاز کنہِ شہری ( URBAN ) یا پراو لحاظ
یہ ۔ ( COSMOPLITAN ) عالمی لحاظ وُسعژ تہٕ SOPHISTICATED
تخلیقی ہوا نوا پاد کرنس منز چھ تِتھ غار یقینی ہندس صورتِ حالس تہٕ اکھ اہم
رول یُس برصغیرس منز دِہی بدلاوی بدلاوی طاری رُود تہٕ یمی کاشر نمایندٕ تہٕ
اجتماعی سائیکی ہند اکھ جز وِلاینفک بنیتھ معاصر کاشرِ نفسیاتچ تربیت تمہِ
اندازٕ کرٕ زِ اجنبیت وو تلیبہ پرملا پاٹھی تہٕ نامیاتی اندازس منز۔ یِژھ تہٕ
پژھ بنیہ اَمچ گوڈ نچ CASUALITY کھورٕ وتل ژُج زمین رکنہٕ تہٕ کلہ
پیٹھکُ اسمان گو وُچھان وُچھان غاب، ڈکھی سپدی آب تہٕ علمکی سہلابن
تہٕ بسیار گاتنکی دُ گوشن وسراوی انسانہٕ ہندی ہوش وحواس یتھ حدس
تام زِ شاعرن تام پیوو قدرن ہندِ اکہ نوِ نظامک ضرورت تہٕ باوژ ہنزن
تازٕ وتن ہند تلاش بنیوو تہند تخلیقی منزل ۔ کارواں رُود یکاں تہٕ
رفیق راز، شفیع شوق تہٕ گلشن مجید ہیو شاعر ورٲو معتبر شعری
آوازن ہنز صورت ۔ رفیق راز سپد پننہٕ رومٲنی فکرٕ تہٕ مشرقی حساگی
ہندِ مدتہٕ زندگی ہنز بے معنویت کایہ رٹنس منز کامیاب۔ شفیع شوق
تہٕ گلشن مجید پھسے یہ بے معنویژ ہندس دلدلس منز تہٕ یہ صورتحال بنیود

تہند خاطرٕ ذاتٕژ ہندِ المناک صوٗرت حالہٕ کھوتہٕ زیادٕ اہم تہٕ باوَن لایق ۔
رفیق راز چھُ مذکورہٕ مشترقیٖ کنی وُنہٕ تہٕ شٹھ عروٗضی پابندی ہُند احترام کانچھاوُن
تہٕ واریاہ دوست چھِ تمہٕ سندِس اتھ فکری رجحانس مٹھ مٹھ کران ۔ نادم، راہی
کامل تہٕ شوق ہِوی شاعر رٔدی شعوٗری طور اَمہٕ شٹھگی نِش نوٗب ۔ شفیع شوق
چھُ گلشن مجیدس مقابلہٕ جدید شاعری رِوایژ منٛز خیال آرائی تہٕ اسلوٗبک اکھ
مخصوٗص رنگ تہٕ فریم وُرک گران ییلہٕ زن گلشن مجید زانٛہہ مانتہٕ شعری
پوکاٹھس تہس نہٕس چھُ کران ۔ شفیع شوق تہٕ گلشن مجیدنہٕ شاعری ہُند
اکھ غالب رنگ چھُ طنز ۔ شوق ہندِس طنزس منٛز چھُ المیہ ٹاکارٕ ییلہٕ زن
گلشن مجیدنہٕ شاعری منٛز بیرو ڈِک فضا غالب چھُ ۔ اَتھ سلسلس منٛز چھپے
شوق ہنٛز "ماگن" تہٕ گلشن مجید سٕنٛز "قاضی برہان الدّین کرمانی" ہِشہٕ
نظمہٕ ناوہٕنس لایق ۔ گلشن مجید تہٕ شفیع شوق سند شعری طریقِ کار چھُ
NON - CONFORMIST اوکنی میوٗل نہٕ یمن قبوٗلِ عام یتھ پاٹھی زن رفیق رازنس
شاعرانہٕ طریقِ کارس میوٗل ۔ رازنِس طریقِ کارس سپدی واریاہ دوست
بےشونکی پاٹھی عاشق تہٕ تمو ۔ بوو رفیق رازنٕنی IDEAL اَتھ سلسلس منٛز
چھُ شہناز رشید اکھ بڑٕ مثال ۔ رازنی قایم کرمٕژ روایت مستحکم بناونس
منٛز کوٗر شبنم گلزار ، فاروق فیاض تہٕ دوٚیمو کینژو شاعرو قابلِ قدر رول
ادا ۔ رفیق رازس پتہٕ ییٚمو شاعرن پرزنہٕ پاٹھی پننہٕ خاطرٕ اکھ جاے کڈٕ سو

چھےٚ نسیم شفایی ۔ نسیم شفائی چھےٚ پننہٕ موضوع تہٕ باوٕژ کنہِ اکھ ناز فکر
شاعر یوسہٕ نسوانی مسلن پننہٕ شاعری ہُند ہرتر بناوان چھےٚ یسو چھےٚ
بڈ ہٹہٕ اعلان کران زِ زنانہٕ نہ چھےٚ مردٕ سٕنز ژھاے تہٕ نہ عکس بلکہ اکھ
خود مختار تہٕ منفرد وجود ۔ تاہم ہیٚچ نہٕ تمہٕ سٕنز ہم عصر زنانہٕ شاعر اتھ نسائی
شعری زوٗیس بر پوٗر اندازس منز پانناوِتھ ۔ رحمان راہی ، امین کامل ،
غلام نبی فراق ، غلام نبی خیال ، مظفر عازم ، مرغوب بانہالی ، فاروق نازکی
تہٕ رفیق راز ییٚتہٕ ذاتی تجربن معروضی بناوان چھِ تتہٕ چھُ شفیع شوق تہٕ نسیم شفائی
ہنز نظمہٕ وار یہس حدس تام اعترافی شاعری (CONFESSIONAL POETRY) ہنز مثالہٕ ۔
رِوایتی طور مستند تہٕ محترم مانہٕ آمژ شعریات بنیہٕ کینژن معاصر
شاعرن خاطرٕ ناگہار ۔ نوٚی تھیم آیہٕ بارسس تہٕ تمہٕ موضوع باوی شاعر و یمن
انسانہٕ سٕندس ذاتی شعورس تہٕ اجتماعی لاشعورس ستی سوٚن واتھ چھُ ۔ اتھ
پسِ منظرس منز بنیو وٕ وایڈی نقطہ نظر تہٕ برائے شعر گفتن خواب است ۔
راہی سٕنز "تخلیق" نظمہٕ ہند سوا نواتہٕ "آہی" نظمہٕ ہُند مواد نادم سٕنز "نابد
ٹیٚٹھ ون" نظمہٕ ہند جنسی تنز ر تہٕ مزر ، شفیع شوق تہٕ گلشن مجید سٕنزن
نظمن ہنز شبیہہ کاری چھےٚ مذکورٕ نقطہ نظرچہٕ مقبولیژ ہنز غماز ۔ سانہٕ
ہمکال شاعری ہُند بیا کھ رنگ چھُ سُہ حد رٚوس علامتی تہٕ استعاراتی ورتاو
یُس منز ۔ دوٚیمین تمدنن متعلق شاعرن ہندی عالمانہٕ حوالہٕ ییٚمہٕ کتھِ ہندی گواہ

بہتھ ووتلان چھِ زامہِ شاعری ہندِ پیکرک نیچر چھُ تیوٗتے گوٗٹ یوٗتاہ زن تاز ترین دُنیاہس منز۔ سیٹھے سنجیدٕ انسان سُند آگاہ مُبہم چھُ۔ راہی، کامل، فراق، نادم، خیال، مرغوب تہٕ رشید نازکی ہنز۔ شاعری چھے اَتھ سلسلس منز خاص توجہ منگان۔

ساہنہِ جمالیاتی رِوایژ ہُند اکھ خاص مول اوس یہِ زِ شعر یا نظم چھے اکھ منطقی چوکاٹ تہٕ اتھ چھُ اکھ خاص معنہ تہٕ مطلب آسان۔ رحمن راہی، شفیع شوق تہٕ گلشن مجیدن لیچھِ واریاہ ترٛٹھ نظمہِ یمن منز خیالہ بجایہ پیکرس زیادٕ اہمیت چھے۔ یِژھن نظمن منز چھِ راہی ہنز "سونتھ"، "رۄدٕ" ہندِ فوٗنوٗس" تہٕ شوق ہنز "شام تہٕ کُنہ زٕنی کوٗر تہٕ بنڈ" "درمنہ بوٗڑھ تہٕ ڈلون تاپھ" تہٕ گلشن مجیدنہِ "سمے" نظمہِ ہشہِ نظمہِ شامل۔ یمہِ نظمہِ چھے شعرٕ منطقی عملہ بجایہ نامیاتی ووپزاوکی نتیجہ یُس کُنہ تہِ سخت تنقیدی محاسبک مقابلہ کرِتھ ہیکہِ۔ یمہِ نظمہِ چھے خوابن تہٕ حقیقتن ہندی سرحد مانڈِتھ اکھ ترٛٹھ علامتی غیر قطعیت ووتلاوان یوٗسہ شاعر سندین لمحاتی جذبن تہٕ تمی سندِس پیچیدٕ شعورس تہٕ پریشاں خواب احساس علامژن منز پیش کرِتھ باوژ ہندِس اُکس تاز ترین طریق کارس وَتہٕ شیران چھے۔ ساہنو شاعرو لیچھِ واریاہ ترٛٹھ نظمہِ تہِ یمن منز مغربی شاعرن ہند طریق کار ٹاکارٕ چھُ۔ راہی ین لیچھِ واریاہ نظمہِ تتھی فریم ورکس منز۔ یتھ منز ایلیٹن

یِیچھ مطلب یہِ زِ تِمَو ہِنزَن کینژَن نظمن منز تہٕ چھِ ایلیٹ ہِنزَن نظمن ہِندی پاٹھۍ دۅ یمَن شاعرَن ہِندی مصرعہ ورتاونہٕ آمتۍ تہٕ تِتھے پاٹھۍ یِیچھِ نادِمَن تہٕ تِرشَن نظمہٕ یمَن منز پیکرژَ ہِنز تحریکہٕ ہِندی ٹاکارٕ اثر موجوٗد چھِ۔ کاشُر نظمہٕ منزٕ یُس آخری ہیٔتی تجربہٕ ازمٲۍ کرنہٕ آو سُہ چھُ راہی ہِنزٕ "زن تہٕ اکھ نظم" ہِنز صوٗرژ منزٕ ولیوٗد۔ یِتھ منز افسانہٕ ڈراما تہٕ فلمہٕ سٕتۍ وابستہٕ ژانٛہ آمتۍ تخلیقی ول تہٕ ژھل ازماونہٕ چھِ آمتۍ ۔ تاہم چھےٚ یہِ کتھ تہٕ قابلِ ذکر زِ خود شاعر چھُ اَتھ ہیٔتی تجربس مشکوک نظرو وُچھان شاید اوۍ کِنۍ زِ خبر قاری ہِندِس ڈیکس مٲکھسہٕ ہنگہٕ منگہٕ درٛاہہ۔



# کُل تہٕ ژھاے : اکھ سام

رتن تلاشی

پرمانند چھُ کأشر زبأنۍ ہندین تمن شاعرن منز یمو مہجورس تہٕ آزادس برونہہ تخلیقی مجبوری موٗجُب نظمہٕ لیچھ۔ تمۍ چھےٚ "رادھا سوٕیمور" "شوٗلگن" تہٕ "سودام ژریت" ہشہٕ طویل تہٕ بیانیہ نظمہٕ تہٕ لیچھمٕژ تہٕ "کرمہ بوٗمکا" "امرناتھ یاترا" تہٕ "سہز ویژار" ہشہٕ کیٚنہہ ژھوٚچہ نظمہٕ تہٕ۔ خاص پأٹھۍ چھےٚ "کُل تہٕ ژھاے" پننہٕ طرزِ اظہارٕ تہٕ فکرِ اعتبارٕ تہٕ منز اکھ منفرد نظم۔

فکری طور ہرگاہ وُچھوٚ یہٕ نظم تہٕ چھےٚ پرمانندٕ بھکتی یا سری ترایہ ہنز کلہم شأعری ہنز سوے شیٚچھ باوان زِ انسأنۍ زندگی ہُند چھیکرسی مقصد چھُ آتم گیان۔ بھگوت گیتایہ ہنز تعلیم تہٕ چھےٚ یی تہٕ شومتگ" پرتہٕ بھیجنا" تہٕ چھُ یی۔ یہے شیٚچھ چھہ اپنشدو تہٕ باوان زِ یُس ژوٚ پأری پرماتما باسہٕ، نظریہ تس چھُنہٕ کانہہ تہٕ غم۔ اٚتھی چھےٚ لل بعضے "سہز ویژار" ونان۔ تہندۍ کِرٕ

چھُ آتم گیانٕہ ابدی سوکھ۔ مگر اَمہِ باپتھ چھُ بقولِ لل دیدٕ "نیبر پیٹھٕ اندراژُن"
تہٕ منگ سوٗدرٕ مندُن پیوان۔ پرمانند تہٕ چھُ مانان زِ کایا یعنی جسم چھُ آتماہ پٛچ
بسن جاے۔ آتما چھُ برٛہ نوٗرٕ آگرٕچ زژ۔ یٛمی یہِ ژٲلوٗن تہٕ ژٕھتُر تس ییہِ ژوٕپارٕ
نوٗرٕے نوٗر بوزنہٕ۔ تَس ژھیتَن دُیی ہندی پردٕ تہٕ کمتی پراوِتھ پراوِ آنند۔ ووٕنی
گوو یِتہٕ چھُ پرٛزرِ زمنزل یوٗدوٕے کُنُے چھُ مگر وتہٕ چھےٚ مختلف۔ چناچہ پرمانند
یوٗدوٕے یکھتی ہنٛز وَتہٕ سُند وَتہٕ گتھ چھُ مگر آتم گیان پراونہٕ کہ مارٕمتہٕ چھےٚ
مختلف لنجن ہند بلبل بُنان۔ پرمانندنہٕ شاعری ہند مطالعہ کرتہٕ یِتہٕ چھےٚ یہِ کتھ
ٹاکارٕ سپدان زِ تسنٛز شاعری ہکون نہٕ کُنہٕ مخصوص فکری دایرس منٛز قاد کرِتھ۔
مثالے "کرمہ بوٗمکا" نظمہ منٛز چھُ کمتی پراونہٕ باپتھ کرمن اہمیت دِنہٕ آمژ۔ مگر
تمے کرم یمن بھگوت گیتایہِ منٛز "نیشکام کرم" وننہٕ آمُت چھُ۔ "امرناتھ یاترا"
نظمہِ منٛز چھُ "پزر زانہٕ باپتھ لوگس بجر بخشنہٕ آمُت۔ نظمہِ منٛز چھُ کینژن تیرتھن
ہستی موٗلادار پیٹھٕ سہسرار تام کیٛن یوگی مشقن ہنٛز مشابہتھ دِنہٕ آمژ۔ نظمہِ
منٛز چھِ امرناتھ یاترایہِ ہندین مختلف پڑاون تہٕ دوٗیمین تیرتھن ہند لو
منظر وستی یوگ کیو مختلف پڑاوو منٛز ی گذرنکس تجربس زلو دِنہٕ آمژ باسان۔
اَتھ برعکس چھےٚ "کل تہٕ ژھاے" نظمہِ منٛز حقیقت زانہٕ خاطرٕ گیان مارگس
اہمیت دِنہٕ آمژ۔

"کل تہٕ ژھاے نظمہِ ہنٛز گوٗج چھےٚ یہِ زِ کایناتچ سارے ووسہٕ روہ

چھِنہٕ اَکی سے وجوٗد مُطلقس پیٹھ ڈٔرِتھ تہٕ سُہ چھُ اَتھ ساٲرِسے منٛز موجوٗد
آسِتھ تہٕ اَمہِ نِشہِ بالا ترِ تہِ ۔ یہِ کتھ چھِنہٕ ژھایہِ تہٕ کٔلی ہِنٛدِ باہم تقرارِ ستۍ ہاوِنہٕ
آمٕژ ۔ ژھایہِ چھُ سِریہِ وُچھنُک ہمسوسہٕ ۔ مگر تس چھُ ہیتھ زِ کٔل چھُ تس بٔڑرِ تہٕ
ووٚنی چھُ تمن واریاہ کالہٕ پیٹھ اَتھی کتھِ پیٹھ نیاے ۔ یوٚہے نیاے اُنز راوِنہٕ
باپتھ چھِہ دٔہ شوٚے سرِیس نِش گرٛشھان ۔ ژھایہِ کرُ اَمہِ ظلمچ شکایت ۔ کٔل چھُ
یہِ دعوی اَکران زِ ژھایہِ ہُنٛد وجوٗد چھُ تسنٛدی ستۍ ڈٔرِتھ ۔ ہرگاہ سُہ ژھایہِ
تہٕ سِرِیس درمیان ڈٔلہِ ژھایہِ ہُنٛد وجوٗد سپدِ ختم ۔ یہِ کتھ چھِنہٕ ژھایہِ
وِہرٛان ۔ اما ہنگہٕ منگہٕ اَلے یہِ کٔلچ لنٛڈ تہٕ ژھایہِ ووٚتھ گیہٕ گیوٚر ۔ تس بیوٚٹھ
ووٚنی زِ تسنٛد وجوٗد چھُ کٔلہٕ کِس وجوٗدس پیٹھ ڈٔرِتھ ۔ یوٚتام کٔل چھُ توٚتام چھِنہٕ
ژھاے تہٕ ۔ سو چھِنہٕ اَمہِ ناداٲنی سببہٕ سِرِیس معاٲفی منگان ۔

یہِ نظم چھِنہٕ پرمانند سٕنٛز شاعری ہُنٛد اکھ نوٚو رنگ بروٚنہہ کُن انان ۔
یوٚدوے "کرمہ بوٗمکا" نظمہِ ہِنٛدی پاٹھی تیٚنچ زبان مانوٗس چھِنہٕ تہٕ اَمہِ زباٲنی
ہِنٛد لفظہٕ راشُک سرچشمہ تمی نظمہِ ہِنٛدی پاٹھی پرمانندٕ سٕنٛد فوری ماحولے
چھُ مگر لفظن ہنٛز تراش خراش ییتھ کیٚہنہٕ نقادٕ پرمانندٕ سٕنٛز زباٲنی ہُنٛد امتیاز
مانان چھِہ ، چھُ ییتھ منٛز غار موجوٗد ۔ پرمانند سٕنٛز بیشتر شاعری ہنٛدس پسِ منظرس
منٛز چھِہ ہِنٛد واسطوٗر ۔ خاص پاٹھی چھِنہٕ تہنٛز طویل نظمہ یمنہٕ اسطوٗرن پیٹھ
مبنی ۔ مگر ییتھ نظمہِ منٛز چھُ پرمانندن تیٚنِس روحاٲنی تجربہٕ پس اسطوٗر بجایہ اکہٕ

اکہ تخیلی قصہ ڈٖسی زٕ لپو دِژہ مژٕ۔ یِہمہٕ ستۍ اَمیُک طرزِ اظہار تہٕ بدٕون بنیوٚمُت چھُ۔ برو ہہ تہٕ آو ونہٕ زِ "کرمہٕ بوٚمکا" نظمہِ منز تہٕ چھُ انسانی زندگی ماداہہ عمل زانہہ اَمیُک اصل مقصد آتم گیان پراوُن مانہٕ آمُت۔ اَمہِ کتھِ ہنٛز باوتھ کرنہٕ بابتھ چھےٚ شاعرن "ہشرن" ولس کام ہیتژ مژٕ۔ چنانچہِ نظمہِ منز چھےٚ روٗحانی سفرس ستۍ وابستہٕ عمل تہٕ بیول وٕونہٕ بیٹھ فصل لوٗننس تام کُملی کامہِ ستۍ وابستہٕ مختلف کامہِ مستقیمی آیہِ لرِ لوٗر پکان۔ یتھ منز اَکس باطنی عملاکس خارجی عملہِ ستۍ ہشرن یا مُشابہت دِنِچ عمل اند وتد نظرِ گژھان چھےٚ۔ مثلن "بیول چھُ سنتوش"۔ "پھل" چھُ آنند"، "پٕران چھِ داند" "گگر گیہِ ییدری"، تہٕ "دروت" "گوو" "وٲراگ" بیترِ بیترِ۔ یعنی اکایِل ڈٕنہکس اَکس تصوٗرس چھُ کایِل ڈٕنہکہ اکہِ لفظہٕ ستۍ ٹھوس صورت دِنہٕ آمژٕ۔ پوٚرٕ نظمہِ منز چھےٚ اکہِ مکمل خارجی عملہِ ستۍ اکھ مکمل باطنی عمل گاشراونہٕ آمُت۔ یِہمہٕ ستۍ نظمہِ منز نہٕ صرف اکھ تسلسل وو پدٕ یوٚمُت چھُ، بلکہ اکھ وحدتِ توٗر تہٕ۔ "امرناتھ یاترا" نظمہِ منز چھُ یِتھِے وحدتِ توٗر تہٕ تسلسلُک فقدان۔ تِکیازِ اَتھ منز ووتلاونہٕ آمتۍ منظر چھِنہٕ صرف امرناتھ یاترایہِ ہندِ گوڈنکہ پڑاوہٕ بیٹھ آخری پڑاوس تام محدوٗد بلکہ چھےٚ اَمہِ نبر تہٕ کینژن تیرتھن ہنٛز منظرنگاری تہٕ۔ یتھ پاٹھۍ چھُ نظمہِ منز ظاہری منظرن ہنٛز بے ترتیبی کِنۍ توٗرچ بے ترتیبی تہٕ وارد سپزمژٕ۔ نظمہِ منز چھ تیرتھن ستۍ وابستہ یم مختلف ظاہری منظر روٗحانی پڑاون

تہٕ حالس منٛز۔ استعاری باوتھ ڈیٚتھ اَتھ نظمہِ منظرن ہُند اکھ بے ترتیٖب کولاج
بناوان۔ یا ہکو ییٚتھ پأٹھۍ تہٕ وٕنتھ زِ کرمہٕ بوٗمکا نظمہِ منٛز۔ ییٚتہِ باوژ اکأیی
لفظ چھُ ییٚتھ نظمہِ منٛز۔ کیٚنہہ نہٕ کیٚنہہ تیٖر تھک پوٗرٕ منظر باوژ اکأیی بنان۔ کُل تہٕ
ژھاے" نظمہِ ہُند طرزِ اظہار چھُ یمو نِش الگ۔ اَتھ منٛز چھےٚ اکھ دلیٖل پوٗرٕ تجربہٕ
باوژ ہُند متبادل۔ یمہِ سیٖبہٕ نظمہِ وحدت خیال یا اَدٕ سُیدٕ مُت چھُ۔ نظم چھےٚ بیٚیہِ
لحاظہٕ تہِ پرماند سٟنز۔ و دوٗیمو ژھوچو نظمو نِش مختلف۔ تہِ زٕن گووٕ "کرمہٕ بوٗمکا"
تہٕ "امرناتھ یاترا" چھےٚ لہجہِ لحاظہٕ امری۔ یمن نظمن منٛز مجہول بوزکھ سٟنز موجوٗدگی
چھےٚ یہِ باس دِوان زِ زنتہٕ پرماند ناصح سُند رول ادا کران چھُ۔ مگر کُل
تہٕ ژھاے" نظمہِ ہُند شعر کردار چھُ اَتھ برعکس راوی سٟند حیثیتہٕ ترین کردارن
ہندِ ورتاوِ سیٟتۍ اکھ قصہٕ وونان۔ یمن ترٛیشوٕنی کرٛدارن چھےٚ علامتی اہمیت
تہِ تکیازِ یمن ہندِس ظٲہری معنیس منٛز چھُ توسیع کرنہٕ آمٕژ تہٕ یم ہکو کھ
اجتماعی علامژن ہندِس زُمرس منٛز شامل کٔرِتھ۔ مثلن "سرٟی" چھُ ہندوٗ اساطیرن
منٛز دیوتایی شخصیت۔ سرٟی چھُ گاشہِ آگُر تہٕ تہٕ دُنیہس منٛز چھےٚ کیٚنہہ تہٕ موضوع
ژھلے گاشہِ سیٟتۍ۔ مگر حرارٕ تہٕ تمازتہٕ موجوب چھُنہٕ یہِ سرٟے انسانی اَتھن
سٟنہٕ واٮ پأٹھۍ وُچھنٕگ بتر تھےٚ پأٹھۍ ییٚتھ پأٹھۍ انسانس پرٕم برہمہٕ سوچس تہٕ
ادراکس منٛز ویٖرا وٕنیٚ سکت چھُنہٕ۔ کُلس سیٟتۍ تہِ چھُ مختلف تہذیبن منٛز
اسطورٕ وابستہٕ۔ مثلن "کلپہٕ ورکھش" یُس ہندوٗ اسطورہٕ مطابق اِندرٕ سٟندِ

سورگک اکھ سُہ جودوٚی کُل چھُ یَیمہِ سٟتۍ فرد سِنٛز پرتھ کانٛہہ خاہِش پوٗرٕ سپدان چھےٚ۔ یا "پارجات" ناوُک کُل، یُس سوٚدُر منٛدنس دوران اندرس حاصل سپُد تہٕ تَتہِ پیٹھٕ ووت کرشنس نِش ۔ بُدھس تہٕ چھُ ساکیت ناوِکس کُلس تلےٚ گیان حاصل سپُد مُت۔ یہٕ کینٛژن مُلکہٕ پرٛژھن منٛز چھُ کُل یَیمہِ دُنیا پیٹھٕ سورگس تام اکھ تارٕ کانٛہ مانہٕ آمُت ۔ توٚے چھُ کینٛژن تہذیبن منٛز مورد دفناونہٕ یا زالنہٕ بجایہ کُنہِ کُلس الوند تراونہٕ یوان۔ نظمہِ ہندِس سطحی قصس منٛز تہٕ چھُ ژھایہِ سِری وُچھنہٕ باپتھ کلہٕ کِس سایس تل رٕیچھ کتھ سمجھاونہٕ آمٕژ۔ یتھ پاٹھۍ چھےٚ کُل تہٕ ژھایہِ ہندِ مُجادلہٕ کِس اَکھ ظاہری قصس پتھ پرد زیرین سطحس پیٹھ آتم گیان کہ حصوٗلچ کتھ کرنہٕ آمٕژ۔

عیاں چھُ زِ اَمہِ نظمہِ ہندی غار انسٲنی کردار چھِ موٗلہٕ تلہٕ دوٚیمِن کردارن تہٕ تصورن ہنٛز نمایندگی کران۔ یتھ پاٹھۍ چھِ یِم پننہٕ سطحی معنی ہیٚبرتہٕ بٔلیہِ اَکِس پوٚشیدہ معنہٕ کُن اشارٕ کران۔ دراصل چھِ یِمو کردارو ڈٲسی ووٚنہٕ آمُت واقعہ اصل معنی پیٹھ اکھ حجاب یَیمہِ سٟتۍ اصل معنی پوٚشیدٕ تھاونٕچ کوٗشش کرنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ یتھے پاٹھۍ چھِ پرمانندنۍ کتھ باونہٕ باپتھ کینٛژن نظمن ہنٛز ہشہٕ براہ راست بیان بازی نِش بچان۔ چنانچہ نظمہِ ہُند واقعس چھُ زِ معنوی سوٚتھرٕ اَمہِ سببہٕ ہیٚکہِ اَتھ نظمہِ تمثیلی اظہارُک برونٛتھ تِہ سپدِتھ۔ بلکہ چھِ کینٛہہ نقاد اَتھ تمثیلی نظم مانان تہٕ۔ یہٕ چھُ صحیح

زِ شاعرن چھِ تجریدی تصوٗر تصویری زبانی منز اظہار کرِتھ، دوٚنی گوو تمثیل بنِس چھِ اَتھ زِ ٹھرِ، اول امہِ مکالمہِ چہ تشریح پٔتہٕ چھِنے نہ قصس اکھ مکمل تہٕ خود مختار حیثیت روزان یِہ زن تمثیلہِ باپتھ ضروری چھُ تہٕ یتھ پاٹھۍ شاعرٕ سنزِ "سودام زٔریت" ناوِچہ طویل بیانیہ نظمہِ منز ورٲنتھ پٔتہٕ تہٕ قصہ موجوٗد روزان چھُ۔ دوٚیُم تمثیلی فضا علاوٕ یُس استعارٕن ہُند اکھ سلسلہٕ تمثیلہِ منز آسُن گژھِ سُہ چھُ یتھ قصس منز غار موجوٗد ۔ امہِ لحاظٕ ہکوا اَتھ تمثیلہِ بجایہِ "مثال" یا تہٕ حکایت وٕنِتھ یوس تمثیلہِ ہند نقشِ اول چھِنے نہ زِ مکمل تمثیل۔

یہِ چھُ پزر زِ اکثر چھِ شاعر لعضے تمثیلہِ ہنز وضاحت تہٕ کران یِہ زن پرمانندن تہٕ کوٚرمُت چھُ مگر تمۍ چھُ اَتھ ستۍ قصہ کِس بیانس دوران تہٕ وضاحت کرنُک ژھال نٔہ ژھ۔ یتھ پاٹھۍ چھُ وحدتِ خیال وو تلنہٕ باوجوٗد تہٕ بیان کرنہٕ آمُت قصہ اوک سمتی تہٕ نہ خود وضاحتی بنیومُت۔ قصس چھِنے شاعر ہندِ ذکی تہٕ مُدرسانہ آیہ واضح کرنہٕ آمژ۔ نظمہِ ہُند دوٚیُم حصہ چھُ اَتھۍ وضاحتس پٔٹھ مشتمل۔

مثلن شاعر چھُ پانے وَنان:

سر یہ گوو تت ست سو روٗپ زانُن
یُس نہ پانہ آسِتھ تہٕ گوو زانہہ نوٚن
نیر گون رزبحن تہٕ نیر آکار
ساری روٗس تے سروٕ آکار

عیاں چھُ زِ ییمہِ بالا حقیقتٕچ نمایندگی کران یوسہ حواسو تھٕ چھےٚ تہٕ یوسہ ژیتہٕ تہٕ وَنہِ مُبرّا چھےٚ۔ اَتھ متعلق چھُ پرمانند بنیس جایہِ وَنان:

دیہہ تہٕ من بود تہٕ چھےٚ نا
وید رید سید تہٕ چھُ نا
مُہہ تہٕ برٛم مد تہٕ چھُ نا

ژھاے چھُ بُچھتی یا ونو آتم گیانکُ طلبگار فرد۔ بقولِ پرمانند:

سوٗے کیا ژھاے یوٗس ژھارنس چھےٚ
مۄکھی لبہٕ ہے سِری لَیس ژھانڈِ ہے

تہٕ کُل چھُ:

کُل گوٗ زِ کُل ویدہٕ وٗ تُمت دوٚپ
رنگہٕ رنگہٕ یَمی دارٕی متٕ چھ اوتار . . . .
ست گوٗرتہٕ بب میون شری کرشن جیو
تر لوکی دہہ تہٕ سُے چھےٚ زلو
سُے چھےٚ کُل تےٚ سُے جُز و کُل

نظم چھےٚ فکری سوٗتھرس پیٹھ یمہِ لحاظہٕ الگ زِ اَتھ منز چھُ پرمانندن اعلیٰ حقیقتس نام واتنہٕ باپتھ اَکس گروٗ یا رہبر سند حیثیتس کرشن ہٕنز اوتارٕی شخصیتہٕ ہند بجر وکھنو مُت۔ یہ کتھ چھ ساری زانان زِ پرمانند چھُ کاٹرس

شعر ادبس منز کرشنہٕ بکھتی ہنز شعر رلوائیز مستحکم کران، تبنز کلہم سو گن واد
ترایہِ ہنز شاعری منز چھُ کرشن دلہٕ روٗحانی وَتہِ ہُند آخری مَنہٕ کونچھ پڑاو
ییٚتہِ جزبک تہٕ کلک میُل سپدان چھُ تہٕ سُہ چھُ پرتھ ساعتہٕ امی کرشنہٕ دامہٕ
بایتھ کریشان تہِ ۔ یتھ نظمہِ منز چھُ پرماتمایا برہم زانہٕ کس ہمسوَس زبو دِنہٕ
آمژ مگر شاعرس چھُ یہِ احساس تہٕ زانتھ منز بس تام واتنچ پرتھ کانہہ وَتھ چھے
کرشن ہندِ دریاہٕ کنی ۔ امہِ سببہٕ چھُ پرمہ دام پراونہٕ بایتھ کرشن ہُند دامانہٕ رٹُن
ضروٗری ۔ امہِ لحاظہٕ چھے یہِ نظم پرمانند سٕنز کلہُم شاعری منز فکری لحاظہٕ تہٕ اکھ امتیاز
تھاوان ۔



# اسرؔی امثنوی معراجک ابتدائیہ۔ اختتامیہ

## اکھ سرسری جایزٕ

محفوظ جان

کاشرِس ادبس منٛز چھُ عقیدتی تہٕ مذہبی شاعری ہُند اکھ بیش بہا سرمایہٕ موجود یُس ہیتہٕ واد وٕری یوٚت پیٹھ کاشرین مسلمانن ایمانک قوُت بخشان روٗد۔ اتھ عقیدتی تہٕ مذہبی ادبس منٛز پہ چھے نبی اکرم صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛز برکت واجینٛز ذاتھ، تہنٛز شوٗبہٕ وٕنی صورت تہٕ سیرت نوٗبہٕ وٕنی اظہار تہٕ اطوار ہاوٕنہٕ تہٕ باوٕنہٕ علاوٕ تہندی رنگا برنگ کمالات تہٕ معجزات دلنشین اندازس منٛز بیان کرنہٕ آمتی تہٕ یتھ منٛز معراجک سرساوی واقعہ قابلِ ذکر چھُ۔ کاشرِس ادبس منٛز چھُ معراجک واقعہٕ تقریبن پرتھ کانٛسہِ شاعرٕ سُند محبوب ترین واقعہ روٗد مُت۔ شایدے آسہِ سُہ کانٛہہ شاعر یمو تہٕ عقیدت تہٕ احترامہٕ سان نبی برحق صلی اللہ علیہ وسلمن ہُندِ یہ معنہٕ سووت تہٕ خوٗبصورت واقعہٕ شعری پیکرن منٛز بیان آسہِ کوٚر مُت۔

پروفیسر رشید نازکی تہٕ چھ تمن باگہٕ یُتمن شاعرن منز۔ شاہِ کوچو

رسولِ نازنین سرکارِ دوجہاں حضرت محمد مُصطفےٰ صلی اللہ علیہ وسلمن ہُند

سُہ واقعہ بیان چھ کوٚرمُت یُس از برونہہ ۱۴۳۵ ۂوری ۲۷ رجب المرجب چہ

مبارک راتھ دوران رسول اکرم صلی اللہ علیہ وسلمن ستی

پیش آو تہٕ یُس دُنیاہس منز۔ معراج ناوی زانہٕ چھ یوان۔ یہ

چھ سُہ واقعہ ییلہِ خداوندِ کریم نبی برحق صلی اللہ علیہ وسلمن راتو رات

مسجدِ حرام پیٹھ مسجدِ اقصیٰ تہٕ عرشہِ عظیمک ساٚل کرناوان چھ۔ رشید نازکی

صابن تہٕ چھ یہ خوبصورت واقعہ سیٹھاہے دلنشین اندازس منز بیان

کوٚرمُت۔ شاعرن چھ معراجک یہ متبرک تہٕ معتبر سوو واقعہ دۄن

حصن منز بیان کوٚرمُت (۱) ابتدائیہ (۲) اختامیہ۔ گوڈنیک حصہ

چھ ۸۹ شعرن پیٹھ مشتمل تہٕ اختامیہ چھ اٹھن شعرن ہُند۔ کُلہم پاٹھی

چھ یہ معراج نامہ ستنمتن شعرن ہُند دۄن حصن پیٹھ مشتمل۔ یتھ معراج

نامس منز چھ نبی مختار، غمخوارِ اُمت، سرکارِ دوجہاں صلی اللہ علیہ وسلمن

ہُند سُہ نادر الوقوع واقعہ ترتیب سان بیان آمُت کرنہٕ یُس انسانی

تواریخس اندر اسریٰ والمعراج ناوی زانہٕ چھ یوان۔ امہِ فن پارک ابتدا

چھ لوکٹین لوکٹین ژۄن حصن منز۔ باگراونہٕ آمُت ییلہِ زن اختامیہ

صرف اکس حصس پیٹھ مشتمل چھ۔

رشید نازکی ہند تخلیق کرنہٕ آمتہٕ معراج نامُک مطالعہ کرنس دوران چھِنہٕ یہِ کتھ صاف پأٹھۍ بروٚنہہ کُن یِوان زِ شاعرس چھِنہٕ امہِ عظیم واقعچ پأرِ زان جان پأٹھۍ آسمٕژ تہٕ واقعس اُنزِ منزٕ ی گرٕ ژھنہٕ خاطرٕ اگرچہِ تمۍ مولاناجامیؒ سُند معراج نامہٕ نظرن تَل روٗٹمُت چھُ مگر سوٗرُے واقعہٕ چھُ قرآن وحدیث کِین نازکُ سرحدن اندر روٗزِتھے بیان کرنہٕ آمُت۔ عقیدتمندی تہٕ حبِ رسولُکؐ زوردار اظہار چھُ نازکی صابنِس یتھ فن پارس منزٕ نظرِ گژھان یہِ زوردار اظہار چھُنہٕ صرف تَس توٲبُک امیدوارٕ یوت بناوان بلکہٕ یہِ چھِنہٕ امہِ ستۍ فن پارس منزٕ اکہِ جان قسمٕچ رنگینی تہٕ شوخی پأدٕ گامٕژ۔

لال بازرٕ چھُ آمدُک امِ شب — گردِ نعلین پےٚ ستارٕ بنۍ

○

نقش والّیل اعظم وہمت — راتھ ژُنژھ جو یہِ جو یہِ رحمت ہیتھ

○

ساسہٕ بدی صُبح ازازلٕ اظہار — راژٕ پأدا گژھان دُمُک انہار

○

وقتِ اقلیم ابدٕ بازرٕ ژاو — ژُلِمن ہیتھ سوار ساکس دراو

یوٚتام زن واقعہٕ نظماونُک تعلق چھُ شاعرن چھِ واقعہٕ بیان کرنس

دوران ترین زبانن ہندِ برمحل تہٕ خوبصورت استعمال کوٚرمُت یُس زن لگہار چھُ باسان اَمیک ورتاو چھُ تیُوت زبرزِ غاٲر فطری آسنک چھُنہٕ کُنہٕ جایہِ تہٕ باس لگان۔

بقولِ حامدی کاشمیری:

"رشید نازکیس چھےٚ لفظن ہندِس وسعی سرمایس پیٹھ دس رس۔ تِم چھِ بیٚیہِ وایہِ اردوٗ تہٕ فارسی لفظ تہٕ ترکیبہٕ ورتاوس انان" لہ

کاشُر ادبہٕ کہ تواریخُک مطالعہٕ کرٕتھ چھےٚ یہ کتھ صاف پاٹھۍ بروٚنہہ کُن یوان زِ یِم تہٕ معراج نامہٕ وُنیکتام لیکھنہٕ چھِ آمتۍ تِم چھِ اکثر و بیشتر وژن فارمس منز۔ مگر رشید نازکی سُند تخلیق کوٚرمُت یہ فن پارٕ چھُ اکھ خاص مقام تھاوان۔ رِوایتہٕ نِش انحراف کرٕتھ چھُ شاعرن یہ متبرک تہٕ مُبارک واقعہٕ نظمہٕ ہیتِس صوٗرتس منز۔ بیان کوٚرمُت یہ نرل انداز چھُ پرن والس پیٹھ اکھ پوشہٕ وُن اثر تراوان۔ یتھ فن پارس منز چھِ شاعرن معراجکی صرف کینہہ واقعہٕ بیان کٔرۍ متۍ تہٕ پرتھ کانہہ واقعہٕ اُکس اُکس نظمہٕ منز۔ بیان کوٚرمُت۔ نازکی صاب ہیتِس تخلیق کرنہٕ

لہ "وہراتھ" شالیمار آرٹ پریس سرینگر، گوڈنیُک ایڈیشن ۱۹۹۵ء ص۔ ۱۵

آمتس اَتھ معراج نامس منز چھُنہٕ صرف فارمک بیٚنہٕ نظر گرٚ ھان بلکہ چھُ زبانۍ ہُند ورتاو تہٕ اَتھ باقی معراج ناموٕنش اکھ الگ ہٕ ممتاز مقام عطا کران ۔ زوردار ترکیبن ہُند سنگم ، عربی، فارسی تہٕ اردو زبانۍ ہٕندۍ خوبصورت الفاظ دلکش استعارٕتن ہُند ورتاو چھُ یتھ فن پارس خوبصوٗرتی بخشان ؎

حمدِ حق کے قرینہ سرٚ آگہٕ      واٚتۍ یا مِتھ سیُٚن اَلم نٔش

○

انجم البس اندر زِ حد آگاہ      من قلب گوٚ وشعوٗرٕکے دِنیا

○

ہم کف وہم ترُنج تارہ کنند      خیر۔ تا ازنو یک نظارہ کنند

○

سبز پوشاں در انتظار تُو اندر      عطر سایانِ شب بکارِ تُو اندر

○

رشید نازکی سٕتۍ یہٕ معراج نامہٕ پران پرانٕ چھےٚ تخلیق کارسنز ہوٗنرمندی تہٕ تخلیقی قوو تھ صاف پاٹھۍ عیان سپدان ۔ شاید گرٚ ھِہ تہٕ یہٕ وَنُن غلط کیٚہنہٕ تہٕ زِ یہٕ معراج نامہٕ چھُ شاعر سنز عقیدت مندی ، ماے ، محبت تہٕ فنکارانہٕ صلاحیت صاف پاٹھۍ باوان ۔ شعرن ہنز روانی تہٕ ٹاکارٕ ترکیبن ہُند برمحل استعمال کرِتھ چھےٚ شاعرن حضورِ اقدس صلی اللہ علیہ وسلمن

ہنز شانِ اطہر بیان کرنس ستی ستی معجزۂ معراجکی تم واقعات تہ حالات بیان کرِی ہتی یم واقعات تاجدارِ انبیاء، فخرِ موجودات غمخوارِ اُمت سرکارِ دوعالم حضرتِ مُحمد مصطفےٰ صلی اللہ علیہ وسلمن ستی معراج چہ مبارک راتھ دوران یاونوٚ ژتہ متبرک راتھ دوران پیش آے یتھ راتھ دوران نبی برحق صلی اللہ علیہ وسلم مسجدِ حرام پیٹھ مسجدِ اقصیٰ تہ مسجدِ اقصیٰ پیٹھ بیت المعمورس تام سٲل کرناوتہ چھ یوان ۔ یتھ فن پارس منز چھے شاعرن تمہِ برکت واجنہ راتھ ہنز ذکر کرمُت یتھ منز اَسہ پانژن نمازن ہنز ڈالی و سعادت نبی اکرمؐ گلہ میوٚتھ آیہ کرنہ ۔

یتھ پاٹھی زن کاشر ادبکین باقے تخلیق کرتہ آمتین معراج نامن منز عقیدت مندی ہند اظہار لبنہ چھُ یوان ۔

یتھ معراج نامس منز چھُ دوٚہ شونتی ہُند یعنے عقیدت مندی تہ ہونر مندی ہُند اکھ خوبصورت تہ موثر سنگم ۔ یمہ ستی اتھ منز اکھ شوخی چھِے پاد گامژ ۔ ناجی منور تہ شفیع شوق چھ نازکی صابن متعلق یتھ پاٹھی رقمطراز :

"حُبِ رسولک یہِ کلام اللہ چھُ رشید نازکی تہِ شاعری
ہندی اصل ناگہ راد ۔ سُہ چھُ اَوٚلین تہ ژاوٚلین تشبیہن تہ
استعارن منز اتھ زلالس سامنچ کوشش کران ۔ یوٚتھ

جاناوار، شبنم، سرو، غوغہ، ہتول، تب، سبزارغرض
اَندۍ پکھی شہلہِ تہٕ آودٕلۍ چیز چھِ تِمۍ سندرن جذبن ہنز زبان
بنان تہٕ یِمن تشبیہن ستۍ عرج چھِ اسلامی تلمیح تہٕ وُلتھ[1]
کلہم پاٹھۍ اگر وچھو نازکی صابُن یہِ فن پارٕ چھُ تِمن تمام کاشرن معراج
نامن ہُندتاج، یِم معراج نامہٕ واقعہ معراجکس موضوعس تحت ازتام لیکھنہٕ
آے۔ دراصل چھُ اتھ منز نازکی صابنین کلہم شاعرانہٕ صلاحیژن ہُند
اظہار میلان یمہِ کنہِ یہِ معراج نامہٕ اکھ سیٹھاہ اہم تہٕ مولُل فن پارٕ بنان
چھُ۔

---

[1] ناجی منور، شفیع شوق، "نوو کاشر ادبُک تواریخ"، کشمیری ڈپارٹمنٹ
کشمیر یونیورسٹی سرینگر، ۱۹۹۶، ص-۳۳۱

# نظم : زۄنہِ منز ڈل

## اکھ تاثر

ارشاد شمسی

غلام احمد فاضل صابٕنۍ نظم " زۄنہِ منز ڈل " چھےٚ غزلہِ کِس ہیٚتس منز نظمہِ منز چھُ غزلہِ کین تمام بُنیادی شرطن ہُند اتباع کرنہٕ آمُت۔ ساخت تہٕ موضوع حسابہٕ چھےٚ یہِ مسلسل غزلس قریب۔ نظم چھےٚ غزلہِ کین بہن شعرن پیٹھ مبسوط۔ " آبس اندر " چھُ امیک ردیف تہٕ اختیار، اشتہار، آبشار، موکھتہٕ ہار وغیرہ چھِ اَکۍ قافیہ۔ نظمہِ ہُند مطالعہ کرِتھ چھُ ننان زِ دوٚیمہِ، ترییمہِ، ژوٗرمہِ، شییمہِ تہٕ اوٹھمہِ شعرُک ردیف " آبس اندر " چھُ مجبوٗری کِنۍ ورتاونہٕ آمُت تاکہ غزل صنفہِ ہُند بحر تہٕ وزن روزِہس برقرار۔ حالانکہ یمِن مذکورٕ شعرن ہُند معنہٕ مطلب چھُ ردیفہٕ ورٲے تہٕ قٲری لیٚس تام واتان۔ نظمہِ اندر چھُ اکھ زُبہٕ راُژ ہُند حسین تہٕ مارِ موٚند منظر عکساونہٕ آمُت۔ نظمہِ ہُند کلہم فضاہٕ ماحول چھُ حقیقی بجاے خوابی علامتی تہٕ استعارٲتی۔ نظمہِ ہندین اکثر شعرن منز چھُ شاعرن صنعت تضادس

کأم ہیتھ معنیک سفر سریع الانتقال بنووُمت ۔ نظمہِ ہندِس گوڈنکس شعر/ بالہٕ پتّھ کھڑٕ زوٗن ڈٔرِتھ بے اختیار آبس اندر/ یِ ڈلس منز عام گوو لگۍ اشتہار آبس اندر/ اَکس گوڈنکِس مصرعس اندر چھُ زوٗنہِ ہند بالہٕ پتٕ کنہِ کھسنچ تہٕ آبس اندر وسنچ ذکر کرِتھ تضاد آمُت ورتاونہٕ ۔ زوٗنہٕ ہُند آبس وسنُک تذکرہ کرِتھ ماچھ تیلہِ نظمہِ ہندِس عنوانس پیٹھ حرف ینگ خطرٕ سپدان لاحق ۔ نظمہِ ہُند عنوان چھُ " زوٗنہِ منز ڈل "۔ نظمہِ ہندِس اوّلین مصرعس تحت گوٗ رِتھ تیلہِ اَمیک عنوان " ڈلس منز زوٗن " آسُن ۔ مگر معاملہٕ چھُ اَتھ برعکس تہٕ قطعاً صحیح ۔ " زوٗنہِ منز ڈل " تہٕ " ڈلس منز زوٗن " چھِ پننیو معنوی امکاناتو کنہِ مختلف النوع ۔ گوڈنکس عنوانس منز چھےٚ معنی آفرینی تہٕ معنی خیزی تہٕ زن گوو زوٗنہٕ گاشس منز چھُ سارِ ڈلُک منظر دیدنی تہٕ زوٗن چھےٚ سارِسے ڈلس تہٕ اَندۍ ٹکیس پننہِ چاندرِ منز غوطہٕ نلوان دوٚیمِس عنوانس منز چھُ اَتھ مقابلہٕ معنیُک ژھرِ رٕ تہٕ ہٕ ژھوکہر لیٚنے ڈلس منز صرف زوٗنہِ ہُند موجوٗد آسُن یا صرف اَمیُک عکس برسطحِ ڈل تہٕ بس ۔ لہٰذا نظمہِ ہُند عنوان چھُ سیٹھاہ مناسب ، موزوٗن تہٕ موافق ۔

دوٚیمِس شعرس منز چھےٚ زوٗنہِ کالے آمژٕن تمن مہرہٕ نین ستیٚ مشابہت دنہٕ آمژٕ ، یمن سحر وقتن لارٕ لارٕ لگان چھےٚ ۔ شعر چھُ / ڈٔنگ دِ دوان وٗڈوٗلی کسان ییتھ پاکھٕ کالے آمژٕن / مہرٕ نین آسان چھےٚ سحرٕن لار لار آبس اندر/

گوکہِ زۄنہٕ ہنز ڈنگہ دِنہٕ تہٕ ڈٕلۍ ڈٕلۍ کھسِنچ عمل چھِنہٕ قلیل مدتی تہٕ یہٕ سورُے ڈراما چھُ کمپسے کالس اندر واتان اند ۔ شعر پھرون ترٔس منز یعنے ( زۄن چھِنہٕ ) تتھ پاٹھی ڈنگ دِوان تہٕ یہٕ ڈٕلۍ ڈٕلۍ کھسان تیٚتھ کالے آمژٕن مہرنین سحر وقتن لاہ لار لگان چھِنہٕ ۔ لہٰذا ثابت سپد زامہٕ شعرُک ردیف " آبس اندر " چھُ اضافی ۔ نظمہِ ہُند ترییم شعر چھُ آنیندر وُژھ راتچ جوانی گاہ ہُریوو روتُل چھینیوو / زۄنہٕ ڈٕلۍ مہرازہ شوٗنگمُت کوٚر ہُشیار آبس اندر / اَتھ شعرس منز تہٕ چھُ " گاہ ہُریوو تہٕ روتُل چھینیوو " ونِتھ بیٚیہٕ اکہِ لٔڈِ تضادس کام ہیتہٕ آمژٕ ۔ شعرس منز بیٚیہٕ اکھ " راتچ جوانی " ہِش ترکیب چھِنہٕ تہٕ چھُ گاہ ہُرُن تہٕ روتلیُک چھوٚٹُن اَتھ جنس زدگی ہِش بچاوان ۔ شعرُک کلہُم فضا چھُ فطرت پرستی ہُند عکاس ۔ ذکر چھِنہٕ گاشہٕ کہ پھاٹنچ تہٕ اَتھ گرٕڑکہ باند گژھنچ تہٕ شوٗنگمُت مہرازہ ہُشیار کرُن چھُ گاشِنچ یا پھاٹنچ نوید ۔ نظمہِ ہُند ژُورُیم شعر / زۄنہٕ گاشُک ساز بے آواز آبُک جل ترنگ / یِی کنو لوٗزِ نیٚندرِ ہوٚت وۄتھ آبشار آبس اندر اشوس منز چھُ موسیقی تہٕ امکین متعلقاتن ہُند تذکرٕ ۔ آبشار چھُ پیٚنہٕ کنو ( آبشارس چھُ یتھ شعرس منز تجسیم کرنہٕ آمُت ) زٕ آوازٕ بوزان تہٕ ہُشیار گژھان ۔ اکھ زۄنہٕ گاشُک آوازِ روٚس سازٕ تہٕ دوٚیِم آبُک جل ترنگ ۔ " زۄنہٕ گاشُک ساز بے آواز " نفیس شاعری ورتاوِتھ چھِ منجمد موسیقی ، بولہٕ ونی ژھوہ یہٕ

خاموش شور، پرٛون ائہِ گوٚڑ ہی Oxymoron یاد پیوان ۔ ووٚنی
گوٚو "آبس اندر" ردیف چھُ زائد ۔ نظمہِ منٛد پوٚنٛژ یُم شعر چھُ گژھُن،
وائِن، نٔرٛژُن تہٕ گیندُن ہِوہن متعلقاتن سٟتؠ وابستہٕ ۔ شعر چھُ / دٔور دٔری
گنٛڈی ویرِوارو، جوئبارو ہیوٚت گژھُن / بالہٕ داہنی نژتہٕ لگی پھرٛس
کیوچنار آبس اندر / زٕوتہِ گہس منز۔ چھُ سورُے اوٚند پوٚک روٚپہ ناوتہٕ آمُت۔
ویرِوار چھِ دٔری گنڈان تہٕ جوئبار چھِ سیدان نواسنج ۔ آبہٕ کِس سطحس پیٹھ چھُ
پھرٛسن تہٕ چنارن ہندِن عکس تھترٛاے ووتھان یِم بنیادی بالہٕ دامنن تَل
محوِ رقصاں چھِ ۔ ویرِوار، جوئبار، پھرٛس تہٕ چنار چھِ شخصاونہٕ آمتی زنتہٕ
یِم سأری مظہر قدرت حساس، حِسہٕ ہشار تہٕ سونچہِ وٚنی سمجھ وٚنی چھِ ۔
فطرتکی یِم ژہ شوٚے مظہر چھِ دٔری گنڈنس، گژھنس تہٕ نژنس سٟتؠ آوری ۔
یوسہٕ یہنز ، پننہِ فطرت ترٛاوِتھ شاعرانہ حقیقت چھےٚ ۔ ہیرِ مہ شعرک
آخری مصرعہ پٔرِتھ چھُ شاعر فطرت ولیم ورڈس ورتھ سنز Daffodils
نظمہِ ہنز ، یِمہ گوڈنچہ سطر یاد پیوان ۔

I wandered lonely as a cloud

That floats on high o'er

Vales and hills,

When all at once I saw a

Crowd,

A host,

of golden daffodils;

Beside the lake, beneath the

trees,

Fluttering and dancing in

the breeze. *William Wordsworth*

شیٖشمِس شعرس / آینہٕ خانس منز سجوو وُڈی حُسنہٕ چے پڑیٖلے محل / وُژھ لیٖوکِنۍ وزملو چھکو موکھتہٕ ہار آبس اندر / منز چھِنۍ حسنچ پری پَنُنۍ محل شیٖشہٕ خانس منز سجاوان سبنھا لان۔ لیٖوکِنۍ وسان تہٕ وزملہٕ چھِس موکھتہٕ ہار چھکان۔ ماحول چھُ سیٹھاہ سرسوو تہٕ سحر خیز۔ نظمہِ ہنٛدِس ہوانواہس اندر پری ہُند اضافہ چھُ اَتھ غیر کلاسیکی، غیر حقیقی تہٕ غیر جنسی بناوان۔ نظمہِ ہنداو ٹھیم شعر چھُ / ووٚن نیٖسمن لونچہِ تھپھ دِتھ زوٗنہِ وس ازہے گندو / رٔوف کرو، درگاہ ترو، وونی دی مٮ۪ے تار آبس اندر / مکمل کاشر جغرافیہ تہٕ تہذیبچ مثال۔ باغ نسیم چھُ ویٖسہِ ہنٛدی پاٹھی زوٗن ویٖسہِ لونچہِ لمان تہٕ دِلہٕ زٲری کران زِ از گندو۔ سُہ (نسیم باغ) چھُ آبس اپور ڈل تہٕ درگاہ کُن ترُن پژھان تہٕ اکھٕ ئے رٔوو تہٕ پژھان کرُن۔ یہِ شعر چھُ رومانوی شاعرن ہنٛدِ

Childhood Obsession ہُچ اکھ رٕژ مثال۔ اوٚڈٕم شعر /
بالہٕ پٮ۪ٹھی ہرجایہٕ استقبالہٕ باپتھ لالہٕ دراے / بروٚنٛہہ ڈٮ۪ٹھ باغ نشاطکی
آبشار آبس اندر / چھُ بالکل صاف تہٕ سلیس۔ "آبشار" قافیہٕ تکرار ورتاوِتھ
چھُ شعرک وُتشاو ژھوکیو مُت۔ تۄیُم شعر / کہکشاں ہیتھ رات ہیتھ تارک
تہٕ صبح وشام ہاوتھ / حسنِ قُدرت ہیوٚ نمیسودپر وردگار آبس اندر / چھُ مبالغہٕ۔
مظاہر فطرت چھ آبک اندریُم وُچھنہٕ خاطر آبسے اندر وسان۔ گوکہ
کاینات کُ سورُے جیٚنٛسہٕ چھُ سِیدان ڈلس اندرے زۄنہٕ گاشچہ موجودگی منز۔
قدرت کہ امہِ دلفریب منظرکی کردار چھ یاہ اجرام فلکی تہٕ اکھتے یمن ہُند
تخلیق کار تہٕ۔ نظمہِ ہند دۄیُم شعر / زۄنہِ وُچھ وچھ پرتھکی ساری صنم پوزایہٕ
ڈٮ۪ٹھی / درشنس پیاران قطار اندر قطار آبس اندر / چھُ امہِ بروٚنٛہمہٕ شعرُک
وہراویا وُسجار۔ گوڈنیتھ پروردگار تہٕ وونی یتھ شعرس منز صنم ورتاوِتھ
چھُ شاعرَن پنٕنس خیالس دربرہ تہٕ استحکام reinforcement بخشان؛
آے تارک چاندِ منز گرٕکھ دِوان یُبرایہٕ زن / زۄنہِ وچھ وچھ ژاگی
ژالکھ بے شمار آبس اندر / تارکن ہند چاندِ منز پننس پانس گرٕکھ دِنی تہٕ
بیتہٕ زۄنہِ وُچھتھ پننہِ چراغ روشن کرٕنی چھ بیاار جہٕنل۔ یہ ہیکہ ہمہ وقت
قربانی، ہاوس تہٕ حسنک اظہار آسِتھ۔ نظمہِ ہند آخری شعر چھُ والہانہٕ حب الوطنی
سٕتی معمور۔ شعر چھُ / میانہِ وطنکُ جھیل ڈل چھے ژۄداہیُم زۄن زن /

دورٕ وُن اَتھ کُن گرٕ ھان بے وایہِ چھُے آبس اندر / زوٗنہٕ راتٕ ہنٛدِس نبہٕ ناورس منز۔ چھُہ ڈل بذات خود ژوداہمہِ زوٗنہٕ ہُند قایِم مقام بنان۔ ڈل زوٗن تہٕ زوٗن ڈل۔

اَخرس ہیکوٗ وُنِتھ زِ " زوٗنہٕ منز ڈل" نظم چھےٚ شدید فطری، محاکاتی تہٕ بصری پیکر وسترٕ بریز۔ صنعت تضاد، تجسیمیت، تشبیہ تہٕ استعار وسترٕ چھُہ نظمِ گہنہٕ پاٗراوکرنہٕ آمُت۔ یہِ کتھ تہٕ چھےٚ ییٚنہٕ جایہِ درست زِ نظمِ ہندی بعض شعر اگر حذف تہٕ کرنہٕ ین تہٕ کرِتھ تہٕ چھُہٕ نظمِ ہند کلہم تاثر، ڈھانچہ یا معنہِ متاثر / فوت سپدان۔ اَتھ چھُہ کیٛہ یا وجوہات اول ییٚمہِ نظمِ ہند غزلہٕ کِس ہیتَس منز آسُن، دوم غزلہٕ کین مختلف شعرن ہند مختلف المعنی آسُن تہٕ تمُک زیرِ مُطالعہ نظمِ بیٚٹھ اثر سوم تہٕ اَخری شاعر پتہٕ پوٗرٕ نظمِ اندر موسیقی تہٕ نغمگی ہُند زانِتھ مانِتھ انتظام، التزام تہٕ انصرام۔

# فاروق نازکی ہنز نظم

# "کوٚب کُل"

## اَکھ تجزیہٕ

رُخسانہ تبسم

فاروق نازکی چھُ کأشرِ زبأنۍ ہُند اکھ معروف شاعر۔ یُس کأشرِ زبأنۍ سٟتۍ سٟتۍ اردوہس منز تہِ لیکھان چھُ۔ "آخری خواب سے پہلے"، "گئی رتوں کے ساتھی"، "لفظ لفظ نوحہ" تہٕ "کشمیری دستکاریاں" چھےٚ اَہنز اردو تصنیفہٕ۔ یٚیلہِ زَن کأشرِس منز "نار ہیوٚتُن کرٕ ل وَنَس" شعر سوٚمبرن تہٕ "مہہ جبین" مثنوی ترجمہٕ بازرس آمٕژ چھےٚ۔ "نار ہیوٚتُن کرٕ ل وَنَس" چھےٚ ساہتیہ اکیڈمی ایوارڈ یافتہٕ شعر سوٚمبرن۔ یہِ سوٚمبرن چھےٚ تہنزن غزلن تہٕ نظمن پیٹھ مشتمل۔ تہٕ یَتھ مقالس منز چھہ اَتھۍ سوٚمبرنہِ منز شامل "کوٚب کُل" عنوانہٕ نظم زیرِ مطالعہ اَنہٕ مژ۔

"کوٚب کُل" نظم پرٕتھ چھُ باس لگان زِ تخلیق کار چھُ سماجس منز روٗنما سپدن والین حالات و واقعاتن، انسأنی رُوِیَن تہٕ قدرن باریک بینی سان اَکِس ہُشیار مغز۔ تہٕ آگہی تھاون وأکِس فنکارسند خٕیشتہٕ ژٕر زان

اَتھ منز چھ موجود حالاتن ہنز۔ بُتھی ژُنجہ لگی مِتِس تتھِس انسان ہنز عکاسی کرنہٕ آمژ یُس یِنہٕ پان نامواقف حالاتن ہٕنٛدِ اَندی نٕکھس منز لبان چھُ۔ یِمو حالاتو کِنی چھُ سُہ پانس پرٕ ژھیوٚن محسوٗس کران۔

نظمِہ ہُنٛد یہ شعر کردار چھُ بذاتِ اَکھ تِمِس حساس شخصیہ ہنز نمائندگی کران یُس زمانٕچ کرٛیٛکھ شکار سپدمُت چھُ یِمس زندگی ہنزن قدرن ہنز مسمٲری ہُنٛد غم چھُ تہٕ یُس شعر کردار نہونکار حالاتھ، اَندرٕ ی داگ تہٕ تنہائی ہُنٛد احساس پاد کران چھُ۔ یہ شعر کردار چھُ تتھس ماحولس باگہٕ آمُت یِیٚتہٕ اُمس یِنہٕ پان آسن ناگہار باسان چھُ۔ مگر یہ تہٕ چھ محسوٗس سپدان زِ اَمِہ وراے ہیٚکہ نہٕ زُوِتھ تہٕ۔ وونی کرِ ہے اور یور پان ایڈجسٹ مگر تہٕ کرنہٕ سیتی چھُس دم گژھن ہیوان۔ مجبوٗرن چھُس تقدیرِ پسند یِنُ پیوان۔ یہ چھُ اکھ منفرد تصور پاد کرٕن یژھان۔ نٕرِ زنگہ یژھان وہراونہٕ مگر واش کڈنس چھُسنہٕ کُنہِ طرفہٕ تہٕ وار۔ اُمِس چھُنہٕ کُنہٕ جاے میلان۔ توٚے تہٕ چھُ یہ شعر کردار کرٕبس منز مبتلا سپدمُت وَنان ؎

اوٚ تامت چھُ یژھ پرِ
ہلِس چھا نظر کانہہ کڈاں در
تہٕ دالِس الف قد سجاوان
نگراَنگنس منز یہ نادان کوٗب کل

ونان۔ صبح واوس

ونان۔ پہر دارن

ونان۔ سحر خانن

ہجر قسمتس چھُم

بجر ہاونا کانہہ

ہجر کاسہِ نا کانہہ

مگر واو صُبحک

مگر رہ مُسافر

لپکان برونہہ

مگر کتھ نہٕ یوزان

نظمہِ منز وۄتلن وول کردار چھُ سماجی سطحس پیٹھ مستردسپدن محسوس کران اَمے چھُ نوین قدرن ہنز کتھ کران۔ یمہ نہٕ لوکھ قبول کرنہٕ خاطرٕ تیار چھِ۔ اُمس شعری کردارس چھُ پتہٕ قبولیتُک درجہ میلان مگر بدل کُنہِ وقتس منز وۄنی اگر لوکھ اُمس قبوٗل کرَن تہٕ تیلہِ چھُ تمن شاعرٕ سندِس ذہنی سطحس تانی واتُن۔ نتہٕ یُس سماجس منز قدر بدلاونچ کوشش چھُ کران سُہ چھُ سماجہِ لنشہِ ژھینہٕ گژھان سماجس منز یم تغیرات وقوع پذیر سپدان چھِ تمِن منز چھِ شعری کردارٕ شعوری یالاشعوری طورٕ شریک۔ یورکُن سہٕ

اِشارٕ تہِ کران چھُ۔

مےٚ وُچھ زال ہاٹزن کران جعلسازی

مےٚ وُچھ گاڈ زالن کران رہنمأیی

مےٚ وُچھ آبہ تٔلۍ آبہٕ پیٚٹھی کیاہ چھُ سپدان

مگر یمن حالاتن ہٕنٛز نبرد آزما سپدِتھ تہِ چھےٚ شعری کردارس خوشگوار صبح آش۔ أندۍ پکھی ناموافق حالاتو کِنۍ یوٚدوۓ شہر باشن ہندۍ دل روٹہٕ تہِ گمٕتۍ چھِ مگر تمن ہٕنٛزن چشمن منٛز چھ حیاتکۍ رنگ وَنہٕ تہِ رقصان۔

مےٚ ژھ خاب راتکۍ

مےٚ وُچھ خاب صُبحکۍ

مےٚ وُچھ شہر باشن گمٕتۍ دل روٹہٕ مگر چشمہٕ زوتان

نظمِ منٛز چھُ بیاکھ پہلو گاشراونہٕ آمُت یتھ منٛز شہری تہٕ دیہی زندگی ہُند موازنہٕ کرنہٕ آمُت چھُ مگر ژکھ چھُ دوٚن طبقن ہٕنٛز وابستہٕ زنانن ہنٛز زندگی گرٕ ارنٛچ عکاسی سپدان۔ اکھ چھےٚ رنگ آمیز تہٕ بیاکھ ییٚمہٕ تہٕ ماتحت زندگی بسر کران۔ اکھ ہمہٕ رچہٕ پۆز رچہِ زندگی منٛز۔ چھپنہٕ کُنہِ قسمُک تہِ تصنوع۔ یہِ زندگی چھےٚ فاطمیٚ زندگی۔ رنگن ہنٛز۔ زندگی گذارن واجینۍ زنانہٕ چھےٚ شعری کردار ہندِس محبوب ہندۍ پاٹھۍ بسر اوقات کران۔ یہِ

زنانہ چھِ پننہِ مرضی مطابق زندگی گذاران یُس پیٹھ نہ کانہہ حکم یا مرضی چلان چھِ بلکہ چھِ حکم چلاوُن تہٕ حکیمہٕ پاسدآری کرناوُن تہٕ زنانن سوٗ چھِ پنُن پان شیران پاران تہٕ پانس کرِ پانے وتھ کڈان۔ یہٕ زنانہ چھِ بُڈِ تھ تہٕ جوان آسنکھ باس دِوان یِیلہِ زن فاطہٕ ہشہٕ زنانہ پنُن پان مشرآوِتھ پتہٕ گرِچ تہٕ گرباٹن ہنزِ پاسدآری موکھ فکرمند روزان چھِ سہ

منٔے وُچھ گامہ دراہِ مساترہ ڈرِش فاطہ ازلوٗر ڈکھ وان

تہٕ

میانِس نگارس

دُمرِ واٹہٕ پنژاہ

دُہال یہِ زن تس

دُہال نارِ منقل

دِہی زندگی چھِ عارفانہ زندگی کُن اشارہ یوٗرِ کُن شعری کردار واپس گرِتھ چھ یِرِتھان شہری زندگی چھِ ہنگامن تہٕ ہاو باوچ زندگی یِیمہٕ نِش شاعر لوٗب یِرِتھان چھُ ہیوٗن۔ یعنے شعری کردار اوتانی یِمن چیزن نِش گرِیتہٕ اوس کران شہ چھُ واپس توٗرِ کُن گرِتھ یِرِتھان۔ نظمہِ ہندِس بییِس سمتس منز چھِ اَمِس کردارس ستی تم واقع سپدان،

یِم وُچھتھ تس زندگی ہندی معنے راوان چھ باسان۔ تس چھُ سوٗرُے نظام زندگی تتر بِتر باسان گومُت۔ توٗے تہٕ چھُ وَنان زِ

مےٚ ییٚلہِ سینہٕ پرا اَٹھ دِلس دژ نظر چشمہٕ تھاوِم چیٚندس منز۔
مےٚ باسیوو زن ژھُلیہِ پروٚتھہ میوٗ دراہتی۔
بہٕ ییٚلہِ تُلہٕ باُتھ کاہہ
مےٚ چھینہٕ لے سمانٕے
مےٚ باسان لے زنہٕ ووٚنگاں مِنہٕ مُرٕ

شعری کردارس چھُ محسوٗس سپدان زِ تسندین باُتن یوٚسہٕ نغمگی پرٛیڑان اُس تمِن چھُ ووٚنی رِدمے رووٚمُت۔ ووٚنی اگر کانہہ لے تُلان تہٕ چھُ تس چھُ باسان زنہٕ رٲوی کُنڈ ووٚنگان ییٚلہِ زن رٲسی کجہٕ ووٚلسن یِتھ ژھالہٕ ماران آسہٕ یعنے یِم چیز سٕنہ زانہہ زندگی منز۔ وُچھمتی اَسن تم ادہ بُت چیز وُچھتھ سُہ حاُران تہٕ پرٛیشان سپدان۔

نظمِ منز۔ چھ شعری کِردار بیاکھ اکھ جہت بیان کران زِ

سیٚدِ ین ساد لفظن بہٕ کرتل بناوان
دیان لُکھ سوٗنس چھُس بہٕ سرتل بناوان

نظمہِ منز چھُ شاعرن یہِ وُنِتھ اظہار چہِ نالگھارٕ ہنز تہٕ کتھ کران مطلب چھُ یہِ ازیک انسان چھُ باوان کیاہ تام اما پوز لکھ چھِ تتھ کیاہ تام سمجھان ۔ بقولِ رحمان راہی سہ "زبان تہٕ درایہ بے وُفہے کتھن تہٕ پھوٚر منز آخر" موجودٕ حالاتن منز ییلہِ فردس تہٕ فردس باہم اظہارس ژھیٚن لوٚگ لازمی کتھاہ چھِنے زحساس فردس ووتھِ منزر ۔ یمہِ کس نتیجس منز سُہ پننس اوٚندرونس منز اژتھ دَم پھٹٕ سپدان چھُ ۔ وونی چھُ شاعر اوٚنگجن تراش دِنچ کتھ کران مثلاً

مےٚ زُٹ دوج کوہ چھہ منز

قلم تراشہ ستین ژوٚٹم اوٚنگجہ ہند ٹیوٚنٹھ

اوٚنگجہ ہند ٹیوٚنٹھ ژٹِتھ چھُ شاعر پننہِ زندگی تہٕ شاعری ہند نوٚو سرنامہ لیکھن یژھان ۔ نوٚ قلمہ ستی تِتھ نوٚو عنوان یژھان دُین ۔ شاعرن یم خوٚنہِ جگر چہ چوٚنہ جرم ژ آسہ تتھ چھینہ کانہہ قدر میلان ۔ توٚے تہٕ چھ یک ساعت اوٚنگجہ ہند ٹیوٚنٹھ ژٹِتھ تہٕ ونان زِ سارِنے براہ رلوایتہ پھٹ اوم خونک یہِ سفر رودِ رواں دواں ۔ زندگی تہٕ شاعری ہند اکھ نوٚو دستاویز یہِ بارس ۔ نازکی ہند انداز بیان چھُ اشاراتی تہٕ علاماتی ۔ یہِ چھ نظمہ ہند عنوانہ تلے انداز سپدان ۔ عام کلچ خصوصیت چھینے تمہِ کلچ سینز صورت مگر یہِ کُل چھُ کوٚب ۔ یعنی یہِ کُل چھُ جسمانی طور مسخ ہیو سید مُرت ۔ اتھ عنوانس چھِنے دوٚ یہِ رنگی اہمیت ۔ اول یہِ زِ باقی ساتھی کلھونش چھُ یہِ یادٕن ہیو ۔ یہِ چھُ صوٚرنِ لحاظ

یمہٕ ستی ہم آہنگ ۔ دوٚیم یہ زِ یہ چھُ تس حساس فردس کُن اشارٕ یُس عصری کرٛیکہ بورٕ برادان چھُ ۔ امہِ لحاظہٕ ہیکو نظمہِ علامتی نظم تہِ وٕنِتھ ۔

نظمہِ منز چھُ اَندٕ وندٕ یوٚہے کُل پٕتھٕ بوس ژھانڑھ تاوان تہٕ پیٚتنس ننیس گدرنس ستی ستی زندگی تہٕ زمانک وِکھٕ ار بروٚنہہ کُن انان ۔ سُہ تہِ صاف سہل مگر اشاراتی اندازس منز ۔ یہ چھُ صحیح زِ نازکی ین چھے زبانی منز سادروارے پادٕ کرٕمژٕ تہٕ یہ نظم چھےٚ یہ کتھ تاکارٕ کران زِ شاعرُن کاژاہ چھےٚ زندگی نزدیکی تہٕ قربتہٕ سان وُچھمٕژ ۔



# نادم سٕنز نظم — "گاسہ تُل"

## اکھ سام

قیصر احمد ملک

ساختیاتی تنقید چھُ تنقیدُک سُہ شعبہ یَمہِ پرٲنی تمام رِوٲیتی تنقیدی نظریہ رد کٔرِی یمہِ ادبی تنقیدس نال وٕلمُت اوس مثلاً حقیقت پسندی ہُند تصور یا تخلیقہِ منز سوانحی عنصرن ہنز ژھانڈ یا موضوع یا ژھارنُک طریقہ کار یا یہِ زِ زبان چھےٚ حقیقت کہ اظہارُک وٚسیلہ۔ ساختیاتہٕ برونٹھ اوس نہ ادبس منز قٲری کانہہ اہمیت تھاوان۔ اگر فن پارس متعلق کانہہ تہِ تنقیدی راے آسہے بانہٕ تتھ منز اوس زیادٕ باوٕژ تہٕ مصنفس پیٹھ زور تہٕ قٲری اوس اُمہِ منز مچھہِ یوان تھاوتہٕ مگر ساختیاتن دِژ زیادٕ اہمیت قٲری سٕے

زِ سُے کرٕ امیکُ فاصلہٕ زٕفن پارٕ کیُتھ نہٕ کیاہ چھُ ییٚمہٕ ستیٚ قاری ادلس منز دُبارٕ بارٕ سس آو۔

بہر حال ساختیاتکُ یہِ تصوٗر پیش کرنہٕ یِنہٕ چھُ یہِ وَنُن ضروری زِ کاشرِس منز چھُنہٕ یہِ تنقیدی طریقہٕ کارٕ وُنہٕ تیوٗت ورتاونہٕ آمُت۔ ڈٕ لوِ ووٕ نی کرو اُسی ناَدم سُنز "گاسہٕ ٹُل" نظمہٕ ہُند مطالعہ اَمی طریقہٕ۔ تکیازِ ناَدم سُنز شاعری ہُند لسانی ورتاو چھُ توجہ طلب آسان یتھ پٔنہٕ مخصوص خصوصیژ چھےٚ۔ ساختیاتی تنقیدس منز چھُنہٕ لوان لفظ بہ لفظ تنقیدس پیٹھ زیادٕ زور دنہٕ لوان بلکہ چھےٚ کلہم ساختس پیٹھ تنقیدی روشنی تراونہٕ لوان۔

یتھ گاسہٕ ٹُلس گیہِ میانی وَنُن
سٕر ییہ اوسس تیلہٕ ادس لوٗٹ نشُل
واوس تہِ نمن تاوس تہ نمن
وند راٗژن منز از روُوس سرٕ ییہ
کرٕ یچھرٕ ہیتھ پراَدِتھ اَپرٕ زے تیٚہہ
وِزِ یتھ ڈٕج تتھ ڈٕج ذاتھ یٚیٚنہٕ
کھورٕ تلہٕ دٕ ژالس بُتراتھ پیٚتی
پھوکہٕ ستیٚ پھٹرٕ دکہٕ ستیٚ چوٗر گرتھ ھس

رٕٹہہ ہاوِیُس وُچھتوٚ سوٚر گرتھ ھبس (گاسہ تُل)

"گاسہ تُل"، نظم چھےٚ نادم صابنٕز اکھ لوکٕٹ نظم۔ اکھ نظمہ منز چھُ شاعر زندگی ہُند صوٗرتِ حال "گاسہ تُلی" ہند ذریعہ پیش کران۔ گاسہ تُل چھُ شاعرن بحیثیت اکہِ زند جاوید زندگی ہنز علامت زانتھ ورتوومُت۔ اُکس گاسہ تُلس زندگی سٟتؠ مُشابہت دِتھ چھُ شاعرٕ سُند شاعرانہ فن اَسہ برونٛہہ کُن یوان۔ تکیازِ شاعر چھُ تمہِ چیزٕ سٟتؠ اَسہ برونٛہہ کنہِ زندگی ہُند خاکہ پیش کران، یُس چیز انسانس اَندٕ یکھی چھُ تہٕ دوٚہس چھس ہتہ لَہ اکھ سٟتؠ موکھ مُدأے گرتھان۔ یہے چھےٚ شاعر ہنز شاعری ہنز سارؠوے کھوتہٕ بُڈ ہنز مندی تکیازِ شاعر چھُ نظمہِ ہند ابتدا یتھ پأٹھی کران "یتھ گاسہ تُلس گیہ میأنی وَنَن" یعنے یی میانہِ زندگی ہُند حال چھُ تی چھُ برابر اُکس گاسہ تُلس سٟتؠ تہٕ سپدان۔ شاعر چھُ ونان یلہِ یہِ گاسہ تُل دُنیاہس آدیہ اوس اکھ زُودار تہٕ خوبصورت گرأمی سُند دنیاہس منز یُن چھُ اُمس مجبوٗر کران، زِ یہِ روزِ وقتس تابع تکیازِ یتھ دُنیاہس منز یُس تہٕ چیز یہِ اُمس چھُ یوان وقتس تٟ یکُن تہٕ وقتکین حالاتن تابع۔ روزُن توے چھُ شاعر ونان "واوس تہٕ تمن تہٕ تاوس تہٕ نمَن"۔ یہِ چھُ اکھ قدرتی پزر زِ یُس چیز یتھ دنیاہس یہِ اُمس چھُ بجر یوان تہٕ یہ چھُ اکہِ دوہہ ختم گرتھان۔ توے

توے چھُ شاعر ونان" وزِ یتھ ڈُج تھ ڈُج ذاتھ پٔنٕنۍ"، اگر اُسی اَمہِ گاسہٕ تُلینک حال وُچھوٗ اَمس چھُ پننہِ آخری زندگی منز یوٚہے حال بنان توے چھُ شاعر ونان ؎

چھوکہٕ سِترِ چھیٹہِ دکہٕ سترِ جوٗر گژھیس
رٔیہٕ ہاوِ لیوٗس وُچھِتو سوٗر گژھیس

یہِ وُنتھ چھُ شاعر اَسہِ یہِ پرٕژھان باوُن زِ آخرس چھُ پریتھ کُنہِ زندگی ہُند انجام یِ زِ اَمس چھُ یہِ اکھ دوہ دُنیا تراوُن۔ شاعرن چھُ یہِ سوٗرے صوٗرتحال اکھ "گاسہٕ تُلُ" ذریعہ ہوو مُت۔ پس بظاہر اکھ لوکُٹ موضوٗع باسان چھُ مگر موضوٗعس پوٗرٕ پاٹھی سنتھ چھُ یہِ اکہِ زندگی ہنز علامت بنتھ اَسہِ برونٹھ کُن یِوان۔ نظمہِ منز چھُ زندگی متعلق یہِ تصور تہِ برونہہ کُن یِوان زِ یہِ چھےٚ اکھ بزم، زِ یہِ زندگی چھےٚ پوشہِ وُنۍ ہیٚ یہِ تہِ یتھ دُنیاہس منز۔ آو اَمیُک وجوٗد گژھہِ ختم۔ مگر اتھ نظمہِ منز چھُ شاعر یہِ سوٗرے حال ورکہٕ پاٹھۍ باوان۔ تاَدم ہنز بیاکھ نظم چھےٚ "زندگی" اتھ نظمہِ چھُ "گاسہٕ تُلُ" نظمہِ سِتۍ کافی ہشر۔ مگر "زندگی" تہِ "گاسہٕ تُلُ" نظمن درمیان چھےٚ واضح فرق" زندگی" نظمہِ منز چھُ شاعر سیدِ سیوٚد زندگی ہُند صوٗرتحال پیش کران تہِ آخرس زندگی ہُند انسانس جواب کرُن اَکس خوبصوٗرت

اندازس منز پیش کران یِیِلہٕ شاعر وَنان چھُ سہٕ

زانۍ زِ یٕمی پھِر زندگی ژٕنڈ لایی

پرٕتھ لُونٹھ پٮ۪ٹھی نو ہاوی زانہہ (زندگی)

اتھ برعکس چھُ شاعر "گاشہ تُل" نظمہِ منز لگ بھگ یُہ ہے صورتحال ورگہ یاٹھی پیش کران یِیِلہٕ سُہ گاشہ تُلٕ ہٕندِ ذریعہ یہ حال باوان چھُ۔ "گاشہ تُل" نظمہِ منز چھےٚ شاعرن گاشہ تُلٕکۍ حوالہ تہٕ تمکۍ مختلف اظہارا سہِ پر وَنہہ کُن اَنی متی زِ اکھ ترٕتھ لِسٲنی ساخت چھےٚ وجودس آمژ یوسہ زندگی ہٕنز علامت بنان چھےٚ۔ اَتھ برعکس چھےٚ "زندگی" نظمہِ منز زنتہٕ زندگی ہٕنز تشریح کرنہٕ آمژ۔

اگر اَسی وُہُنی "گاشہ تُل" نظمہِ منز وُچھوا تہٕ چھُنہٕ کُنہ لفظس کانہہ الگ معنی بلکہ یِیِلہٕ اَسی کلہم نظمہِ متعلق کتھ کرو اَسی چھِ وُچھان زِ اَتھ نظمہِ چھُ اَکھ ساختس تحت اکھ الگ وجودیس بہٕ خالی ژھر وے لفظو یا لفظہٕ ترکیبو منز اَسی وُچھتھ ہیکو۔ بلکہ یِیِلہٕ اَسی اَمکس کلہم ساختس نظر دِوان چھِ۔

وُہُنی اگر اَسی نظمہِ تکنیکی نقطہ نظرٕ کِنۍ سام ہیمو اَسی چھِ وُچھان زِ آزاد نظم آسنہٕ تہٕ چھُ شاعر کینہہ ردیف تہٕ قافیہ شعوری طور ورتاوان۔ یِمہ سٟتۍ اَتھ نظمہِ منز موسیقیت پیدٕ چھےٚ گمژ۔ مثلاً گوڈنکس مصرعس

تہٕ ترٛیٚمِس مصرعس منٛز چھُ شاعر ”وَنَے“ تہٕ ”ٹمن“ لفظ بحیثیتِ قافیہ ورتاوان۔ ژوٗرِمِس تہٕ پوٚنژِمِس مصرعس منٛز چھُ شاعر لفظ ”سرٛیہ“ تہٕ ”تیہ“ قافیہ ورتاوان۔ شیٚمِس تہٕ سَتِمِس مصرعس منٛز چھُ شاعر لفظ ”یتھ“ ورتاوِتھ بحیثیتِ ردیف ورتاوان تہٕ اَٹھِمِس تہٕ نوٚمِس مصرعس منٛز چھُ شاعر ”گژھیس“ بحیثیتِ ردیف تہٕ ”چوٚرتہٕ سوٚر“ بحیثیتِ قافیہ ورتاوِتھ نظمِ ہِنٛد ساز ژُت برقرار تھاوان۔

اتھ برعکس چھےٚ نظم ”زندگی“ ٹیکنیکی لحاظہٕ امہٕ نظمہٕ نِش مختلف النوع۔ اَتھ نظمِ منٛز چھےٚ نہٕ شاعرن ردیف تہٕ قافیہ ورتاوِتھ کانٛہہ آہنگ تہٕ موسیقی وۄتلاونٕچ شعوٗری یا غارشعوٗری کوٗشش کرٕمٕژ۔ توےٚ ہیکو اَسی ڈیٛشِتھ ”کاسہ تل“ نظم چھےٚ شاعرٕ سُند فن اَسہٕ برٛونٛہہ کُن انان۔

نظمِ منٛز چھُ نادمن بےشونٛکی پاٹھی تم کیٛنٛہہ لسانی وَل ورتاوِمٕتۍ یِمو سٟتۍ اَتھ منٛز لسانی حُسن پاَدٕ سپُدمُت چھُ۔ یتھ منٛز لفظن تکرارُچ خوٗبی اہم چھےٚ مثلن نظمہٕ ہنٛدِس دوٗیمِس مصرعس منٛز چھُ شاعر تہٕ لفظ ادس تہٕ اوٗسُس ورتاوِتھ اکھ تیٛزِل لفظ تکرار وۄتلاوان، ترٛیٚمِس مصرعس منٛز چھُ شاعر ”داوس تہٕ تادس“ ”ٹمن تہٕ ٹمن“ تہٕ ”تہٕ تہٕ تہٕ“ لفظ ورتاوِتھ شاعر ہندِ فنی شعوٗرٕچ عکاسی کران۔

ژورِمس تہٕ پوٗنژِمس مِصرعس منٛز چھُ شاعر "سرٕ ہیہ تہٕ تیٖہہ" لفظ
ورتاوِتھ اَرِچ نشان دِہی کران۔ شیٖیمِس مصرِس منٛز چھُ شاعر لفظ
"یتھ ، ذاتھ ، تتھ ، ڈٲرج ، ڈٕج" لفظ" ورتاوِتھ شعرس منٛز آہنگ
برقرار تھاوان۔ نظمہِ ہندِس شیٖیمِس ، ستیٖمس ، اٲٹھمِس تہٕ نوٛمِس
مِصرعس منٛز چھُ شاعر بالترتیب لفظ "پینٛن پینٛن ، پھوکھ ستیٖ ، دکھ ستیٖ
چوٛرگرٛٹھس تہٕ سوٗرگرٛٹھس ہیوٚ لفظ ورتاوِتھ شاعر نظمہِ منٛز
اکھ ترنُم پادٕ کران۔ یہٕ زٕ نٕ نادم صابنٕ "زندگی منٛز اَسہٕ نظر چھُنہٕ
گرٛٹھان ۔ تکیارٕ تیسنٕ "زندگی" نظم چھےٚ براہِ راست اسلوبس منٛز
تہٕ تتھ منٛز نہٕ چھےٚ یہٕ تکرارٕچ خصوٗصیت تہٕ نہٕ ترنُمے۔ توٚے
چھےٚ "زندگی" نظم تکنیکی لحاظہٕ "گاسہٕ تُل" نظمہِ نش ہنا کم۔ ورٕہین
باسان تہٕ "گاسہٕ تُل" نظم چھےٚ نادم ہندِس ویدِس زبانی ورتاوکس
مزاجس منٛز تخلیق سپٕزمٕژ۔

ووٚنی اگر اَسی ساختہٕ لحاظہٕ وقتی تکرار نظمہِ منٛز وَنہٕ تہٕ کڈو اَسی چھِ
وُچھان زِ "گاسہٕ تُل" نظمہِ منٛز چھُ وقتی تکرار تہٕ برابر موجوٗد مثلن نظمہِ
ہندِس گوڈنِکِس ، تریِمِس ، ژورِمِس ، پوٗنژِمِس تہٕ شیٖیمِس مصرعس
منٛز چھُ شاعر ازکا پچ کتھ کران۔ دوٚیمِس مصرعس منٛز ییتھ کانٛہہ تہٕ
اٲٹھمِس ، نوٛمِس تہٕ ڈٕہمِس مصرعس منٛز چھُ شاعر یہ وٕہنہ کانٛہہ

کتھ کران یتھ پاٹھی چھِ واضح گژھان زِ نظمہِ منز چھ وقتی طور ساختہ برابر موجود یعنے اَتھ منز چھ ازکال، یتھ کال تہ بروٚنہہ کالس منز نظم پیش سپنہٕ مژ۔ اَتھ برعکس چھ زندگی نظمہِ منز وقتی ساختہ صرف دوٚن وقتن پیٹھ مشتمل یعنے گوڈنکی پانژھ مصرعہ چھِ ازکالچ کتھ کران تہ پتم ژور مصرعہ چھِ بروٚنہہ کالچ کتھ باوان اَمہِ ستی چھ یہ واضح گژھان زِ وقتی ساختہ لحاظہ چھے "زندگی" نظم "گاسہ تُل" نظمہِ نسبت نہ صرف ہنا کم۔ ور باسان بلکہ چھے وقتی لحاظ تہ "گاسہ تُل" ہنا وُسعت پراوان ترکیاز اَتھ منز چھِ ترسٹھوے زمانہ بیک وقت یکوٹہ بروٚنہہ کُن لوان۔

خاص کر یِیلہِ اَسی "گاسہ تُل" نظمہِ ہندس دوٚیمس تہ ژوٗرمس مصرعس پیٹھ نظر چھِ تراوان اَسہِ چھ اَتھ وقتی تکرار بروٚنہہ کُن یوان یُس نہ "زندگی" نظمہِ منز اَسہِ در ییٹھی چھ گژھان۔ یِیلہِ زن شاعر دوٚیمس مصرعس منز لفظ "تیلہِ" ورتاوِتھ شاعر یتھ کال چھ ہاوان تہ ژوٗرمس مصرعس منز چھ لفظ" از ورتاوِتھ ہاوِتھ دِوان وقتی تکرار کتھہ پاٹھی چھ شاعر ورتاوان یُس نہ صرف دوٚن زمانن ہُند تقوٗل کرتھ تہ زندگی ہُند صوٗرتحال بروٚنہہ کُن اَنتھ شاعر سندِ ازکالک کرب زیادٕ نمایاں کران چھ۔ بلکہ چھ نظمہِ تہٕ وقتی کشادگی عطا کران۔

بہرحال "گاسہ تُل" نظمہِ منز چھ ورتاوِنہٕ آمُت پریتھ لفظ

ترٕ دھ اکھ لسانی ساخت برونہہ کُن اننس منز اِمدادی بنان یوسہٕ اَسہِ بٔنیٖچھ مس سطحس پیٹھ لسانی ورتاو چوٚخوٚ بیوٚکنہٕ حظ تہٕ سرور بخشان چھےٚ ۔ اما پوٚز زیرین سطحس پیٹھ چھےٚ ورگہٕ آیہٕ انسانی زندگی ہُند ژوٚک موٚدر محسوس کرناوان ۔ یہے گیہٕ اکائیل خیالن ٹھوس آیہٕ پیش کرنٕچ عمل تہٕ جان شاعری ہنٛز پہچان رٕ چھےٚ یی ۔



ISSN 2249-510X

University Research Journal

# ANHAAR

2013

A Refereed Journal of Kashmiri Litreature and Language




**Department of Kashmiri**
University of Kashmir
Hazratbal, Srinagar - 190006